رسُول میر شاہ آبادی

# کُلیاتِ رسُول میر

ترتیب، تصحیح، حاشیہ تہٕ سام

**محمد یوسُف ٹینگ**

جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز
۲۰۰۹

ناشر: سیکریٹری جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگوئجز

سالِ طباعت: مارچ ۱۹۸۴ء

گوڈنیُک چھاپ: اکھ ساس

دویم چھاپ: زٕ ساس

ترٛیِم چھاپ: اکھ ساس (۲۰۰۹)

خوش نویس: محمد یوسف مسکین

پبلی کیشن آفیسر: ناظم الدین

معاون: محمد امین

مول: شیتھ روپیہ (Rs.80/=)

پریس: میکاف پرنٹرس دہلی

سرورق:

وَچھِ منز لِس منزرِ چھِتھ دٕچھِ موٗزی یے

نقوش: بھوشن کول

حرف: محمد صدیق

# تصویرٕ ———

شبیہہ رٛوٗشہِ میر (ڈرائینگ)

عاشق مشہوٗر، در عالمِ سُخنداں اے صنم

موٗقلم : آں جہانی موہن رینہ آرٹسٹ

ورگہٕ وادن ژھٕبتہٕ کوٗر کالکُ ژوٗنگ

سہ چُھ شوٗبان پیٹھ رٕنگہٕ زوٗرِ لولہ۔

اکادمی ہِندِ طرفہٕ شیرِ مٲزٕ دوٗرِ رٛوٗشہِ میرنٕی تربت۔

فوٹو : بشیر اختر ———

# اکھ ژینہٕ وَن

کُلیات ترتیب دِنہٕ وِزِ چھ وارِیاہ
چھاپی ایڈیشن نَظرِ تَل تھاونہٕ آمتی۔
اَمہِ علاوٕ چھ زٕ قلمی نُوسخہٕ تہِ زیرِ نَظر
رُودی مت۔ اکھ چھُ موتی لال ساقی
صابُن اَمہِ خاطرِ چھُ موخصَر ناو (ن۔س)
وَرتاونہٕ آمُت۔ بیاکھ چھُ میانی مِلکیتھ،
تَمہِ باپتھ چھُ ناو (ن۔ط) لیکھنہٕ آمُت۔

ترتیب کار

# ترتیب

# عرضِ ناشر

ریاستی کلچرل اکیڈیمی ہِندِ ذٔسی از برٛونہہ لگ بھگ ژتجی ؤری "لل دیدٕ" شایع کرنٕک مقصد یوٚ دوے للہٕ واکھ جمع کٔرِتھ شایع کرُن اوس مگر اَمِچ اہمیت تہٕ مقبولیت گٔیہِ عوامی کنٛوٕ ادبی حلقن منٛز پیٛٹھ برٛان زِ اَسہِ پیوٚ بار بار امیٚک نوٚ دنوٚ دٕ ایڈیشن چھاپ کرُن۔ للہِ ہِندی کلامن چھےٚ عالمی سُتھرِس پیٹھ تہِ عظمت پرٲوِمٕژ یِمہِ کنِ اَمِچ منگ کٔشیرِ نیٚبر تہِ روزان چھےٚ۔ از تام چھِ اَسہِ اَمِکی ژور ایڈیشن شایع کٔری متیٚ۔ اَمِچ اہمیت تہٕ ضرورت محسوس کٔرِتھ اَمیٚک پوٗنٛژِم ایڈیشن شایع کرُن چھُس بہٕ پننٕز خوش نصیبی زانان۔

کاشرِ زبٲنۍ ہِندِ خاطرٕ چھےٚ یہِ سٮ۪ٹھاہ فخرٕچ تہٕ وقارٕچ کتھ زِ اَتھ چھےٚ لل دیدٕ ہِش بہلہِ پایہِ شاعرامہِ یَس شاعری ہِندِس تواریخ یَس دٕسلابَس منٛزٕ باگہِ آمٕژ۔ لل دید چھےٚ سٲنِس ادبی توارِیخَس منٛز واریاہ قداوار تہٕ ناماوار شخصیت۔ اَہنٛزِ شاعری ہُنٛد فکری پہلو چھُ سٮ۪ٹھاہ تہدارٕ یُس پرٛتھ دورس منٛز لگہار چھُ۔ اَہنٛزِ شاعری ہِندی مول یوٚ دوے کاشرِس شوٚمتس منٛز پیوست چھِ مگر اَمِچ لنٛجہِ چھےٚ اسلامی عقیدس تام واش کڈان۔

للہ واکھن منز احساس تہٕ مُشاہدن ہنز کُشادگی ستۍ چھُ تہندِس تخلیقی تھز رس زیادے عظمت بخشان۔ للہٕ واکھن ہُند بجر یُتاہ اَمہِ کِس فلسفس منز موجوٗد چھُ تمہِ کھوتہٕ زیادٕ چھُ اَمہِ کِس باوژ ہنزِس مأری منز رس منز۔ لفظن ہٕندِس بہتر ورتاوَس ستۍ یُس جذباتن ہُند شُدت أہندِس کلامَس منز نظرِ گژھان چھُ تتھ چھُ موزون کھوتہٕ موزون استعارتہٕ تشبیہہ زیادے عظمت بخشان۔ مثلن وُ چھتو یہِ اکھ واکھ۔

نابدٕ بارس اٹہٕ گنڈ ڈیوٗل گوم
دیہہ کاڈ ہوٗل گوم ہیکہٕ کہیو
گورٕ سُند وَنُن راون تیٚول پیوم
پہلہِ رٕژس کھیوٗل گوم ہیکہٕ کہیو

للہِ ہُند زمانہٕ اوس اکھ پرآشوب زمانہٕ۔ اکہِ طرفہٕ اوس سیاسی اُتھل پُتھل تہٕ دوٚیمہِ طرفہ أسۍ نہٕ سماجی تہٕ اقتصادی حالت تہِ ٹھیک۔ اگرچہِ سوٗ ذأتی طور مأدی دُنیاہِ نشہِ پنُن پان بچأوِتھ روحانی گیان دھیان حأصل کرُن پننہِ زندگی ہُند بنیأدی مقصد زانان أسۍ مگر اتھ ستۍ اوس تس سمأجی زندگی ہُند پوٗرٕ پوٗرٕ مُشاہدٕ تہِ۔ تس اوس انسان ہندِ ازلہٕ ابدٕ کین نیاین ہُند تہِ پوٗرٕ پور شعور تہِ۔ یوٗہے وجہ چھُ زِ تہنز شأعری منز چھ انسأنی زندگی ہندی سأری کرٛچھرٕ تہٕ میچھر نظرِ گژھان۔

للہِ دیدٕ ہندِس کلامس پیٹھ یوتاہ وَنیک تام سانیو نقادو تہٕ محققو لیوکھ تمہِ کھوتہٕ ساس درجہ زیادٕ چھُ وُنہِ لکھنے باقی تہِ کیازِ للہٕ واکھِ چھِنہٕ سُدرٕ کھوتہٕ کم کینٛہہ۔ اتھ منز گٔنِتھ لال چھِ ڈُنگ دِتھ حأصل کرنچ ضرورت۔ ریاستی اکیڈمی چھِ واریاہ

مضمون تہٕ کتابہٕ للہِ متعلق شایع کرِمژٕ مگر تمہِ ستی چھُنہٕ ژِبڈ ژٕ جمژٕ ۔ دردست کتابہِ منٛز تہِ چھِ پتٕمین ایڈِشنن ہندی پیش لفظ للہِ دیدِ ہنٛزِ زندگی تہٕ شأعری متعلق واریاہ زانکأری فراہم کران ۔ یوٚہے وجہ چھُ زِ یہِ ایڈیشن چھُ بغأری گُنہِ کمی پیشی چھپومُت ۔ لُلہٕ دیدٕ ہُندِ یہِ پونٛژِم ایڈیشن چھاپ کرنُک اکھ مقصد یوٚ دوے للہِ ہُند کلامہٕ ادبی تہٕ عوأمی حلقن منٛز پرٛتھ ساتہٕ دستیاب تھاوُن چھُ تتہِ چھُ کالجن تہٕ یوٗنیورسٹی منٛز پرن والین طالبہِ علمن ہُند نصأبی ضرورت پورٕ کرُن تہِ پنُن فرض زانان ۔ وومید چھم زِ سأنی یہِ کوشش کرِ پنُن مقصد پورٕ ۔

سرینگر
نومبر ۲۰۱۰

سیکریٹری
ظفر اقبال منہاس

# دۆیمہِ ایڈیشنُک گوڈُت

یہِ کُلیات سَپُد سنہ ۱۹۸۴ء مَنز گوڈنِکہِ لٹہِ چھاپ۔ سُہ ایڈیشن بِس جان تعدادَس مَنز چھپیومُت مگر ووٕنی چھُ ژھوکیومُت۔ رسول میر چھُ لۄ مقبولِ عام وخاص شاعر۔ تَوَے اَس اَمکہِ دوبارٕ چھاپنچ مَنگ تہٕ تَوَے یہِ نۆو ایڈیشن۔

یَتھ ایڈیشنَس چھُ کینٛہہ ہُرِ پرِ تہِ کَرنہٕ آمُت۔ اَتھ چھ سارٕنی بأتَن نۆ نظرٕ دِنہٕ آمٕژ۔ کینٛژن لفظَن کُن نۆ ژرینہٕ وَن لگنہٕ سیتی چھ تِہنٛد زیادٕ صحیح بھوٗر یا صوٗرتھ نَنی درامٕژ۔ ہرگاہ نےٚ پتیمِس ایڈیشنَس پرٗوف پرٛنَس مَنز کانٛہہ غلطی أس، سوٗ ٹھیک کرنٕچ کوٗشِش تہِ چھہ کَرنہٕ آمٕژ۔ مَتنَس نظر دِنہٕ پتہٕ تہٕ اَصل صوٗرَت شکلادنَس پیٹھ چھُ واریاہ توٗجہ کَرنہٕ آمُت۔ پروفیسر رحمان راہی ییٚمہِ ژُرکہِ سان اَتھ مَنز سادنہٕ رُوٗد، تِمہِ خاطرٕ چھُس بہٕ تِہنٛد سیٹھاہ شُکر گذار۔

بنیہِ چھِہ کینٛژن بأتَن ہِنٛدی نُوی بَند اَتھِ آمٕتی۔ یِم نُسخَن مَنز زالنہٕ مَنز پیٚیِہ تھٲسی

ژٕلِہٕتھ مثالے 'سالس اَنتنے بٲیسے' کس بٲتس منٛز۔

اَمہِ علاوٕ، چھِہ آخرس پیٹھ درج فرہنگس تہٕ نوٚ نظر دِنہٕ آمٕژ بہتر زانکٲری حاصِل سپدنہٕ کِنۍ چھُہ کینٛژن لفظن، ترکیبن تلمیحن ہُند زیادہ سوو تہٕ وۄنہٕ ؤن معنہٕ دِنہٕ آمُت۔ کینٛژن صوٗرتن منٛز ملہٕ تَلے بَدلہٕ تہٕ۔ مثلن 'بنگال' لفظک باقے لفظن، ترکیبن تہٕ تلمیحن تہٕ چھُہ نووٚ مفہوم برنہٕ آمُت۔ بیٚیہ چھُ پرٲنس فرہنگس واریاہن لفظن تہٕ ترکیبن ہُند ژ̤ریر کرنہٕ آمُت۔ چنانچہ باہ ژ̤ؤداہ نوٚوٚ صفحہٕ چھِہ اَتھ منٛز ایزاد کرنہٕ آمٕتۍ۔ یِمن منٛز مزید تحقیقن لدٕرہٕ پھلِین پین دِنہٕ آمٕژ چھِہ یم رسولؔ میرنس کلامس جُبرتھ چھِہ۔ اَمہِ سٟتۍ بیٚیہ پرن والین میرٕ سُنٛد فنی کارنامُک اَکھ زیادٕ جان اَندازٕ کرنس وار بنار۔ اَمہِ سٟتۍ نیرِ یِتھ کنۍ تہٕ بیٚیہ ہن داشس زٕ ایرانی تمدٕنُک کوتاہ سوٗن اثر چھُہ تِمی قبوٗل کوٚرمُت۔ تہٕ وۄلیسے تہٕ بیوٚن بیوٚن تمدنن تہٕ اوبن پیٹھ کاژاہ نظر چھِہ تَس آسمٕژ۔ یہ فرہنگ اوس گوڈنکس ایڈیشنس منٛز تہٕ کاشرس ادبس منٛز اَکھ نووٚ تجربہٕ تہٕ اَزکہٕ ہیرکہٕ سٟتۍ چھُہ اَتھ بیٚیہ ہن اَبرژ̤ر سپدمُت۔

یِتھ ایڈیشنس منٛز چھِہ میرہ سُندۍ ژ̤ۄر تازٕ بٲتھ گوڈنکہٕ لٹہٕ شامِل کرنہٕ آمٕتۍ۔ یِم چھِہ میانہٕ ژھانڈ دِنہٕ سٟتۍ اَتھِ آمٕتۍ۔ یِمن منٛز چھُہ اَکھ اَکہٕ قلمی نُسخہ

پیٹھ نقل کرنہٕ آمٕت۔ یُس یِم حَرف لیکھَن وٲلِس نِشہٕ ژٕرژٕھ ریتھ چھہٕ۔ باقی بأتھ
میٚرہ سٕندِہ تَمہِ چھاپٕلِ کلامہٕ نِشہِ تُلنہٕ آمٕتی۔ یِم غلام محمّد نور محمّد تاجران کُتب تہٕ
باقی ناشرو دِزِ وزِ چھاپی مٕتی چھہٕ، مگر یِمَن نہٕ برونہہ یِنیمہِ کُلیاتٕچ لونٹھ پلیے مٕژائ
یِمہٕ سارے کِتھہِ چھ یِتھہ ایڈیشنس اَکھ الگ قدر تہٕ موٗل عطا کران تہٕ یہِ چھُ پتہ
مِس ایڈیشنس اپورا اَکھ قدم۔

بُہ چھُس اکادمی ہِندِین ذمہ دارَن ہُند شُکریہ اَدا کرُن واجب زانان
زِ تِموٚ کوٚر یہِ نووٚ ایڈیشن چھاپ کرنَس کُن توجہ۔ مےٚ چھ وومید زِ امیٚک یارادٕ
باسہ حسبِ خاطر۔ یقینی طور گژھَن کاشرہ ادبکی پرَن وٲلی عموماً تہٕ رسول میرنی کارن
وٲلی خصوصاً یہِ ایڈیشن وُچھِتھ سیٹھاہ بشاش۔ ایڈیٹر کشمیری بشیر اختر
صاٮ۪بَن کوٚر یہِ کُلیات چھاپہٕ نَس مَنز حسبِ دستور تندہی تہٕ ژُک آسنک مظاہرہ
اَسہ سارنٕے چھُ تَسنٕز میٹھ لادَن۔

محمّد یوسف ٹینگ

تُلسی باغ، سرینگر
۲۱ اکتوبر ۲۰۰۱ سنہ ء۔



"پرتھ یوڈ حُسن کار بامے سہ شاعر آسہِ

مُصوّر آسہ یا مُجسمہ ساز، چھُ ہمیشہ پنٕنس خیال،

نظرِ تہٕ ایحساسس منٛز اکھ قسمک PATTERN

یعنی نقش یا خاکہٕ ڈیشنیچ، تصوُر کرنیچ تہٕ بناونیچ اکھ

پُراسرار صلاحیتھ تھاوان۔ سوٗ رے کاینا تھ چھُ تسنٛز

نظرِ منٛز رنگ تہٕ خط، تناسب تہٕ توازُن، گاش تہٕ

گٹہٕ، خار تہٕ شرک اکھ نقش ہیوٗ بنتھ ووتلان یتھ

شکل دِنیچ تہٕ نوٚن کڈنیچ کوشِش چھُ کران،

حُسن کارٕ سٕنٛز اچھ چھےٚ اکھ طلسماتی کیمرہ CAMERA

بنان تہٕ تسنٛد دِل، دِماغ تہٕ روٗح چھُ مصوّر بنان تہٕ

یمن ہندِ سوٗر رلہٕ مشہ ستی چھُ کاینات اکھ زیادٕ

رنگین، سادٕر دار تہٕ عجیب قالب پرٕ تھان۔"

سائی سانگ (ZEISSANG)

جرمنی فلسفی تہٕ ادبی نقاد

# ذات نامہٕ
# تہٕ
# شَخصیَت

اَنہِ گٹہِ وَنہِ نَم نَنہِ کتھٕ اُمی لال فروشن

# ذات نامہٕ تہٕ شخصیت

رٕسُل میٖرن ناو چھُ کأشرِ زبأنۍ منٛز یوٚتاہ مشہوٗر زِ یہِ چھُ ساٚنہِ ادبی فأشُنک حِصہٕ بنیوٚمُت۔ یعنی ترٕہ ہِش بأش یِژھ اُردوٗہَس منٛز مرزا غالبٕ بِندِس ناوَس سیٖزٕ مٔژ چھیٚ۔ اَتھ چھِ وارِیاہ وٕجوہات۔ یِمن تِہٕنزِ زندگی، تِہٕندِس شعری اُسلوٗبَس تہٕ سأنِس تہذیبی توأریخَس سیٖتی واٹھ چھُ۔

گوڈِنچی کتھ چھیٚ زِ تَس سُند کلام چھُ کأشرِ شاعری تَمہِ غالب شاعرانہٕ مزازُک دوہ دِ ژھان۔ یُس للہٕ دیدِ بیہِہ محموٗد گأمیس تانی اَتھ ٹیکہٕ نأرِن وأتِتھ سَگہٕ ناوان رُود۔ سُہ چھُنہٕ صِرف کأشرِ شاعِری ہُند لکہٕ مزازَے لوٚت بدلاوان بٔلکِ چھُ اکثر و بیشتر اَتھ تصوٗفچ افیٖن تہٕ دَندوٚ تَلہٕ کڈان۔ سُہ چھُ زیادہ پہَن فارسی اَدبی رِلواتیک شراب کأشرِ زبأنۍ ہِندِ ہن آمین کھاسین منٛز بِھران تہٕ زلوٚ ہُند ذٲلقہٕ بدلاوان۔

اَتھ مرحلَس بیٚہِتھ اُس فارسی زبأنۍ تہٕ شارَس کشیٖرِ منٛز پانٛژھ ہَتھ ۵۰۰ وَری

ژُرِے عُمر سَپنہٕ مِژ۔ کاشُرِن ادبی اشرافن (LITERARY ELETE) اوس فِردوسی حافظ تہٕ خیام سُندِ مے ذہنس زوٗل کران تہٕ اَکھتے اوس تِمَن پرمس یُتاہ پسند آمُت زِ تِمَن اُس پنٕنہِ زبانی ہنز مایی مُشتق گامُژ۔ رسوٗل میرنس کلامس منز اُسی فارسی اُستادن ہندی آلو گُنبذ کران۔ تِہُند لہجہ زوتان تہٕ تِہُندِ مزاز نِہج پٕرزناونہٕ یوان۔ تِموٗ ذیت تس یکدم تھزرُک مقام۔

روٗسُل میرَس تہٕ سَیِد میر تقی میر سٕندی پاٹھی پتہٕ ینہٕ والین بڈین شاعِرَن ہُند عقیدت میسر۔ اَمہِ برونہہ چھہ تیتھہ میوٗ ورتاو صِرف لَل دیدِ سیتی سپدان۔ روٗسُل میرنس کلامس تہٕ کمالس نِشہٕ تہٕ چھہ پرٕتھ کانٕسہِ سرخم۔ تِسُند یوہم کالو منز لیکھمی مقبوٗل تہٕ ناظم ہوٕیو شاعِرو تِسُندین زمینَن منز باتھ تہٕ تِسُندین مضموٗنن کرِکھ لوہ یہٕ مَتہٕ لاے۔ تِمَن پتہٕ پٕہَن ینہٕ والو منز لیکھمی مسکین محی الدین تہٕ حقانی صابَن تِسُندین زمینَن منز غزل۔ یہٕ اوس تَس خراجِ ادا کرنک اَکھ انداز۔

محی الدین مسکینن (وفات ۱۹۱۵ء) کوٗر تس ناو ہیتھ پوشہِ ورٕشُن۔ عہ

خصوٗصَن اوس اُستادِ یگانہ — سہ میر شاہ آبادی در زمانہ

سپُن اول تہٕ سُو اشتہارا — حُبابِ عشق او زیبا نِگارا

تسُند تصنیف کنہ نون گوئندِ درعام — شفقت شنہ ہیسٕ درخلق ناکام

سہ موزون طبع اوس اُستادِ کامِل    بروٚحش رحمتِ حق باد نازِل

اَمہِ پتہٕ چھُ یہِ پنہٕ داو مہجورٕس ہیُو بیدار حواس شاعر تلان تہٕ وَنان ع

اَتھ دَردِ صوٚزُ ژ پردِ تلِتھ گوٚسہ رسولؔ میر
مہجورؔ لاگِتھ آو بنیہِ دوٚبارٕ اُتی روز

---

میرٕ سُند پروان مس برنوہن بانَن۔    تی کُنُن ترٛاوے تے تھانَن مَنٛز
مہجورٕ باگراو پھِرژ پیمانَن    جاے تمی رٹ پرستانَن مَنٛز

---

شاہ آبادی میر گوٚو اوس وَنان قندہارچ زوٚن
تَس کوٚنہٕ زانہہ یاد آس پیوان ژندہارچ زوٚن

پتہٕ لیوکھ کاشرِ زبانِ ہندی گوڈنکی تذکرٕ نِگار عبدالاحد آزادن :-

" رسول میر شاہ آبادی اوس تغزلہٕ خاطرٕ بہترین دِل تہٕ دماغ ہیتھ دُنیاہس مَنٛز آمت۔ اَزلہٕ لاگٲنی چھُنہٕ اَز تام غَزَل لیکھنس مَنٛز میر شاہ آبادی یُس ہیو رتبہٕ کانسہِ کاشرس شاعرس عطا کورمت۔

...... تہُندین غزلن پیٹھ لیکھی واریاہ ہو اُستادو غزل ۔"

(کشمیری زبان اور شاعری : دوٗیم حِصہٕ)
اَصل اُردوٗ پیٹھٕ ترجمہٕ)

رسا جاودانین لیوکھ ع

برونٹھ گو رٔوسُل میر نازنین چالے
موٗت رسا گوس پوٚت ژھالے لولو
ہندٕ، سندٕ شیرازٕ پھیرِتھ رسا آو
سیر اوس میر مأدانے تہٕ لولو

کأشر ثقافتہٕ کین پرزٕلونین علامژن ہُند ذِکر کران لیوکھ دینا ناتھ نأدمن ع

لگیا ژھین مرازس تہٕ کمراز ڈولیا۔
وُژن للہٕ ہُندے اُرنہٕ ہُند ساز ڈولیا
رٔوسُل میرنی ٹأٹھ آواز ڈولیا

رحمان راہین سوزنس اکھ غزل ڈالِیُس تَس ہُندِس بأتھ "بألی گرِاون تھاوکھ ناکَن تے وَنتے لو" کس زمینس منز لیکھنہٕ چھُ آمُت۔ امہِ علاوہٕ دِیُت تمی کأشرِ زبأنی ہندِس ترانس منز اکھ زبأنی رسول میرس ستی بیتھٕ کنی واٹھ :

کونگ[1] رسول میرنی اَسان کأشر زبان کأشر زبان

[1] : کونگ۔ بیمی سُند ذِکرِ میرن کوٚرمُت چھُ تہٕ لوپہ تسنز معشوق مانٕنہٕ یوان چھنے۔

اُمین کاٹھِن کوٚرنٕن خسراجِ عقیدتھ یٖیمہٕ آیہِ ظاہر۔ ع

میٖر تہٕ مہجور کے گامہٕ کولن دام دِتھ چھوٚونیٚن سرحدن ترٛیش غزل کاٹھِن

یِمو طاقتوٚر آوازو تہٕ پوٚت آوازو کوٚر اکھ ہنگامہٕ پاد۔ رسول میرنہٕ مارمتہِ لٔجہ شوقہٕ والین

اُچھ دٔر تہٕ تٔسندِس اسطوٗرس کھوٚت بوٗش۔

بِنیاکھ وجہ چھُ یہِ زِ رسول میر اوس اکھ سماجی تہٕ اَدبی باغی۔ اَمِچ چھےٚ اَسہِ

کینٛہہ زبٲنی شہادتھ موٗیسر تہٕ تٔسندِ کلامِچ کینٛہہ اندرٕنی گواہی تہٕ۔ سہ اوس

تصوٗفچ رٔز ژٹِتھ عشقہٕ مارکن مَنٛز ڈالہِ دِوان تہٕ نٔنسر وَنان۔ ع

پیٚپہٕموٗمس پیالہٕ رِنٛموٗ ژھالہٕ در گلزار اِمشب

تٔمی کٔڈ شارِچ چوٚرکل تہٕ تَس سیتی مَس مٔیل کٔرتھ ہیوٚتن زِنٛدٕ جذبن ہُنٛد رۄد تہٕ رقص

کرُن تہٕ وَنُن۔ ع :

حلقہٕ بنٛدٕ تٕلی شوٗبان نارِپستان

تِی وُچھتھ چھےٚ عاشق دِل پریشان

وۄل رسول میر چانے مایہ لولو

رِنٛد پوشہِ ال گنٛدنے ذرایہ لولو

تٔمی کٔرِ نٔینس اَدَبہٕ مَنٛز تِتھہٕ کاتہٕ رازٕنیٛنہ سیتی گنٛدِ باشہٕ یِتھنٛز روٗپہٕ تٔنہٕ ہُنٛد زٕنٛدٕ

پوشہِ رنگ پھبرن تہٕ باپتی دٕسے میتین فانوسن منز ولنہٕ آمت اوس، تمی گُڈ تَسند بدنکی زادی یہ تہٕ خم خبر کیتی کالی بنیہٕ نُنی۔ تَسندین معاصرن ہُند اثر خیال سپدِ امہِ ستی زخمی۔ مگر یتھٕ کُنی مولانا محمدعلی جوہر اوس دٕہلہٕ" دیوانِ داغس" خلاف وَنان تہٕ راتھ کُنیتھ اوس وَتھرنس منز اَژتھ ژوٕر ژوٕر اتھ لطف تُلان۔ تِتھے کُنی اُس رسول میرنی ہم عصر تہٕ پنٕنہِ کنی ظاہرا طور تَس کنہٕ ڈول دِوان، مگر پتہٕ پتہٕ اُسی امہِ ستی پنٕنہِ ہنن رگن منز زانگی زالان۔ رسول میرنس کلامس منز یتھٕ کُنی زنانہِ ہُندین خوب صورتھ تہٕ لذتھ افزا تنن تہٕ انگن ہُند ذکر چھُ۔ تیوت چھُنہٕ تمہِ برونہہ کانسہِ کاشرس شاعرسندِس کلامس منز۔

امہِ علاوٕ اوس سُہ تھنٕرے کتھٕ اکھ سماجی نافرمان (NON-CONFORMIST)[1] تہٕ یمہِ رِوایتہٕ اَسہٕ تاذٕ چھِے واتمٕژ تمہِ کنی اوس سُہ بڈ رنگین مزاز تہٕ یار۔ یس دراز گیسو، خوبصورتھ بچہِ تہٕ زیچھ گونژھ آسہٕ۔ یُس زنانن ستی عشق کرنس وابٕہ اوس نہٕ کران تہٕ تھنٕد زاو اوس پنٕنین شارن منز ہوان۔ سُہ اوس اکِہ گوڈن دٕرِ ہُند زیٹھر تہٕ تمہِ وقتہٕ کِس مشہور بازارِ حُسن "تاشہِ وان" تہٕ اوس گرژھان۔ سُے چھ پانہٕ ژونُتھ فراہم کران۔ [2]

---

[1] سہ اوس نافرمانی (NON-CONFORMISM) پننہٕ پرژھِ ہنز بنیاد مانان تہٕ ونان۔
[2] کامہِ کیسہِ بجامہِ نافرمانی چھُ خوبصورتی یُس شانی

نادِ چھے بأنلی، موختے مأنلی مشہور در ناشوانہٕ چھکھ جان جانانہٕ

سُہ چھُ تس "طاۓ پیچ رأنز" تہٕ ونان۔ تہٕ یہٕ گو طوائف لفظُک گوڈنیک پوو۔ سُہ اوس

نہٕ پانس پاکباز بلکہٕ رِندونان۔ ع

رسول چھے رِندانے بربے کسی نخندانے

اُمِس ہیوت بینہٕ ریاکار سماجن بینہٕ کنی انتقام ــــ تموکور سُہ نظر انداز۔ چنانچہ

چھُ یہٕ دِل چسپ زِ تسندِ کھوتہٕ سیٹھاہ کم اہم شاعرن ہندی چھہ اَسہٕ حالاتھ میلان

مگر تس متعلق چھہ سیٹھاہ کم کنہہ ثبقہٕ پأٹھی معلوم۔ یتہٕ چھہ تاجُب زِ یتہِ اسہٕ تسندین

معاصرن ہندِ کلامکی واریا قلمی نُسخہٕ اتھی چھہ یوان۔ تسندِ کلامکی سیٹھاہ کم نسخہٕ چھہ

موجود۔ تسُند کلام ووت اَسہٕ تام زیادٕ پہن گامہ کین لکہٕ گیون والین تہٕ باڈن

بھگتن ہندِ زریعہٕ۔ تمن اُس لُکو منزٕ اَیچ فرمائش یوان تہٕ اَوے اُسی تم یہ یاد تھاوان

رسول میرنی کینہہ غزل چھہ سانہٕ صوفیانہٕ موسیقی منز تہٕ گنڈنہٕ آمتی۔ تکیازِ فارسی

غزلن نکھہ تہٕ ہمسایہ چھےکے غزلہ۔ تہٕ یمن منز چھُ سُہ مس چھکہِ چکِ کران، یمہٕ

ستی سانی موسیقی ٹپا ٹاپ برتھر چھہ۔ خدا کرن نور محمد صابس قبرٕ پرٕ نور زِ تمی کری یم

باگھ جمع تہٕ کرن تہٕ یہے ۱۹۲۰ سنہٕ ہس اگس ہد گس چھاپ۔

پتہٕ زی بوزو تہٕ رسول میر اوس اوتہٕ پراوتہٕ نام اکھ نیم اَسلوری LEGENDARY

کِردار۔ مگر محی الدین مِسکینَنی تذکرن اوس اَتھ اسرارس چاکھ ہیوٗ ڈیتمُت۔ خوش قسمتی سِتی چھُ وونی رسول میر سٕنہٕ پننہٕ اتھہٕ لیوٗکھمُت اَکھ دستاویز حٲصِل سپدمُت، اَمہٕ سِتی چھُ ظٲہِر زِ تسُندِ وجوٗد چھُ اکھ حقیقی تہٕ توٲریخی پزر بنان۔ اَمہٕ سِتی چھُ تسُندِس تٲریخِ وفاتس مُتلق تہِ سارِی برونٛہم بَیان منسوخ گژھان۔

رسول میرنِ شخص نمٲیی (CULT) پرٛیتھاونس مَنٛز چھُ کٔشیرِ ہِندِس سوخَن پرورتہٕ شوقہٕ وٲلِس وزیرِ اعظم بخشی غلام محمدس تہٕ واریاہ بوش کھسان۔ بخشی صٲبَس سٕندِس زمانہٕ اِقتدارس مَنٛز بنیوٗ رسول میر سٕندناو یہ ڈٔپی زِ تہٕ شاہی موہر بخشی صٲبَن اوس لوکچارس منٛز واریاہ کٲشر گیوٗن بوٗزمُت۔ رٕسول میرٕن کلام چھُ رباب چھین تارن پیٹھ کھسِتھ جود ڈزناوان۔ خبر کمہٕ دِزٲسی یم موسیقی بارنیرٕ ہیٚتی بخشی صٲبس تہٕ دِلس سَینے ہیتی تہٕ شانہٕ پزٲٹھ دزامتی۔ سہ اوس فُرصتھ تہٕ فراغتہٕ کین ژہِن منٛز فرمٲیش کٔرِ کٔرِ رسول میرنی بٲتھ بوزان تہٕ وَجد کران۔ مگر سٕنہٕ پتہٕ ییلہٕ مُطلق اِقتدارس اَتھہٕ آو۔ تَمی کوٚڈ پنٕن شوق خَلوتہٕ پیٹھہٕ جلوتس منٛز۔ بخشی صٲب اوس جمہوٗری آیینک وزیرِ اعظم، مگر طبیعتَن اوس سہ اکھ نفاست

---

لہ : تُنہٕ مہٕ سینس عشقہٕ نیٚر ہیٚتی یے ریز کٔری نم آس نا عار۔
سینہٕ پزٲٹھ چھم دزامتی یے وَنتہٕ تُتی یے تس میانی زار
- (رسول میر)

پسند موغل۔ رسول میرن مزار بنیوو یوہ ہے تیر تھ ہیو۔ تمی شیر ناو تس منز قبر۔ بخشی صاب اوس وٚری ییس منز اکہ دہ ہہ ضورور ڈوٗر کھسان۔ تتہ اوس کھارواد تہٕ ملس تہٕ مازس بھنڈار کرتھ پننہ نیو اتھو تھر باگران۔ یتہ اُس راتی راتس محفل سماع آراستہ سپدان۔ ییتھ منز رسول میرنی باتھ گیونہ آسی یوان۔ وزیرِ اعظم اوس وجدس منز یوان تہٕ گاہے اوس پانہ تہٕ نوٹ سنبالان تہٕ دہر منز شامل گژھان۔ منے چھ یژھ اکس مجلسہ منز شامل گژھنک اتفاق سپد مت۔ رقاص اوس گیوان۔ ع بہارکی جامہ وچھےکامہ کس نالی

بخشی صاب وٚدتھ یکدم ـــ "خاموش! یہ مصرع چھ ییتھ کنہ۔ ع

جمالکی جامہ وچھےکامہ کس نالی

پتاہ چھیہ کیا زِ؟ تکیا زِ کامک چھ حسنک دیوتا۔ تس سیتی کرِ رسول میر جمالک لفظے استعمال۔"

یتھے کنہ اوس ڈوٗر بیتھے گلوکار دنان۔ ع

سے منے روٗتھم آتش ییمی سنز ستھ منے اسم منز دِلس

روسلہ ونتو کس ژہ روشکھ دن تیئے کم منہ ناو نے

وزیرِ اعظمس زن گیہ ہیرِ لبہ نہ دِ نن۔ سہ وٚدتھ تھوٚد۔ اکھ زِ تلن تہٕ سینس ژونڈ

لگاوان ووِنٛ" ... بُہ ۔ بُہ ۔ بُہ ۔ بُہ چھُس منہ تاوِنہٕ آمُت۔" بخشی صابنٕ اُمی شوقن دِیت رسول میرنِس اسطورس بنیِہ ہن وُتلِش تہٕ بجر۔

رسول میرنٕی بغاوتن تہٕ انفرادیتھ آمیز کردارن اوس تس زندگی منٛزٕ بدنامی ہنٛدِس انعام دِیتمُت۔ یُس یتھِن متٛن حصہٕ لِوان آمُت چھُ۔ تمی سُنٛد کلام چھُ یِموٚ اَیسا سوٚ سیتی بُرتھ تہٕ ازٕوری واد گُزرٕتھ تہٕ ہکو اُسی یِمن شارن کَن دِتھ تس سُنٛز عصرٕی تصویرٕ پٕچ (IMAGE) پرزنٕتھ کرِتھ۔ یتھ منٛزٕ اکِ طرفہٕ شوہرتُک پارے چھُ تہٕ بنیِہ طرفہٕ بدنامی ہنٛد وولامہٕ۔ ع

رُوسلِہ یِو دوٚے غونچہ لبن پیٹھ زٕ چھکھ بدنام
نوٚش روز عاشق کرزٕ نے نافرمان دیان چھی

---

رُوسل چھُ زانِتھ دینُ و مذہب روخ تہٕ زُلف چون
کوٚہو زانہٕ کیشا گوٚ کُفر تے اسلام لِگارد

---

رُوسل عاشق تس پیٹھ بلا شک نامی سوخن ور اَلحمدُ لِلّٰہ
رُوسل مشتاق مشہورِ آفاق نادرِ سوخن گوٚ سبحان اللہ

رُسُل میر تس یارٕ سٕنزٕ لولرے    وطن ترٲوِتھ دِتن دراو

---

دُنی دِوان زھاران وَتہ چھے زینے پیتہٕ لاران رسول

عاشق مشہوٗر دَر عالم سوخن دان اے صنم

---

رُسلہٕ سرن ہا خداوندو    رضا عشقن فِضا چون

غزل خوانہٕ ہا گوینٛدو    ژٕ کَر تو یا فتاح

یمن شارن مَنٛز چھُہ رُسُل میرنہٕ شایرانہٕ اعتمادُک اِظہار گژھان کیوٗر کران تہٕ یہ کتھ تہٕ چھےٚ صاف نَنان زِ سہ اوس پننِس حیاتس منٛزے مشہوٗر سپُدمُت تہٕ مانٛنہٕ آمُت۔

---

رُسُل میرن حسب نسب تہٕ لوکچار چھُ تواریخہٕ کِس اَنہٕ گٹس منٛز گُپتھ۔ اَکھ کتھ چھےٚ ثِقہٕ پاٹھی مولوٗم زِ سہ اوس شاہ آباد پرگنہٕ کِس ڈوٗرٕ قصبس منٛز روزان۔ یہ پرگنہٕ چھُ کشیرِ منٛز واریاہ رنٛگی ممتاز تہٕ مشہوٗر۔ یہ چھُ کاشُر ناگ زانٛتہٕ ہِندِس تاجدار نیل ناگ سُند ماٹھ۔ ویرناگ قدیم ناو چھُ نیل ناگ تہٕ رِوایتہٕ مُطابِق لُبی کاشُرو نیل مَتہٕ پران اُتے۔ شاہ آباد پرگنہٕ سے منٛز چھےٚ وێتھ دۆترٕ تہٕ ویرناگ۔ یم دۆ شوٗبے شُمِتہٕ نێتھ ہِندسرود

آگر بنان چھ۔ شاہ آباد پرگنہٕ چھُ کٔشیرِ منٛز شاید سارؠوے کھوتہٕ مارٕ مۆنٛد
عَلاقہٕ۔ اَکھ پرٲنی گۅنٛڈتی چھےٚ زِ کامہٕ دیوٕ تراوٕ کٔشیرِ منٛز شاہ آبادی کٔنی۔ تہٕ دراو
کھاگ منٛزی۔ اَتہٕ چھُنہٕ شیرن ناگہٕ پو کھرن شُمارے۔ یتھے کٔنی چھ اَتہٕ ذٕہنن منٛز تہٕ
تخلیقکی ناگہٕ راد وُزان رۅدی متی۔ اکبر بادشاہ سُند مشہوٗر درباری مؤرخ مُلا محمد
شاہ آبادیس مُتلِق چھ وَنان زِ سہ اوس اَتہٕ کُے۔ تمی کٔر کلہن سٕنٛز "راج ترنگنی" فارسی
پاٹھی ترجمہٕ کھتےٚ کرن اَتھ منٛز تازٕ مولوٗماتن ہنٛدرِس راشَس مفید ہریہ۔ میر سَعد
اللہ شاہ آبادی یَمی کٔشیرِ ہنٛد تأریخ "باغِ سلیمان" لیوکھمُت چھ۔ اوس ڈٕرِ نزدیکھ میر
گنٛڈِ روزان تہٕ اُتی چھُ دَفن۔ رسول میرس برونٛہہ پہن اوس اَتہٕ کأشرِ زبأنی ہنٛد اَکھ
شاندار شأیر محمود گأمی پأدٕ گومُت۔ اَکھ رِوایتھ چھےٚ زِ محموٗدن اوس اَکہٕ دَفہ ہہ
لوکٹ رسول میر وُچھمُت تہٕ تٔمۍ سُند رۅرکانہٕ وُچھتھ اوسن وۅنمُت زِ اَمِس چھ جانہٕ
مرگی ہنٛدی کیہَن ملگر آسہٕ زبردس شأیر۔ عبدالاحد آزاد چھُ لیکھان زِ محموٗد
گأمین اوس رۅسُل میرس برونٛہہ وۅنمُت زِ مےٚ پتہ گژھہ ییتہٕ اکھ ہاوَسناک
شأیر پأدٕ۔ چنانچہ میر گو ہوٲتی منٛزرے یَیمہٕ عالمہٕ۔ تہٕ اَتھ رِوایتس تہٕ چھُ میر صأبنی
شوہرتھ خراب کرنَس منٛز حصہ۔ اَتھ رِوایتس چھُ حأرتھ انگیز طور اُردو کِس میر تقی
میر صأبس ستی ہشر۔ دیان میرن تہٕ اوس مرزا غالبس مُتلِق وۅنمُت زِ یَیمِس

نوٗہالہِ سے وِہ ستاد سمکھ تہٕ کمال کرِ نتہٕ روزِ بے معنی وِدران"۔ بہر حال
رٕوسُل میر چھُ پانہٕ پننہِ وطنُک ذِکر تلأنی کٕہر کٕہر کران ۔ ع

ڈُوٗرِ بہِتھ رٕوسُل میر چھُپے ونان زار
میرِ مأدانہٕ آسان گرٕی یے لو

---

چانہِ ڈیڈِ تَل رٕوسُل میر لاران آو شہ چھُ روزان شاہ باد ڈُوٗرِ لولو

---

دوٗرِ رسوٗل میر آسان ڈُوٗرے تمی چھُ تژووٚمت عشقہٕ دُکان
دُکھو عاشقو چِنِیو ڈُوٗرِ لُوٗرے منے چھُ موٗرے لَلہٕ وٕن نار

---

ڈُوٗرِ تے ویرناگہٕ ہیمہٕ سے زاگ
رٕوسُل میر تتی چھُ آسن تے

---

زار ونان چھُپے رسوٗل میر بِہِتھ شاہ باد ڈُوٗرِ لولو[1]

---

[1] محی الدین حاجنین چھُ تیِشنہٕ روزن جاے سہہ پور ڈُوٗر لیچھمُت، مگر یہ چھُ غلط ۔

یتھ کنی زَن ظاہر چھُ رسول میر چھُ پانہٕ نِشان دِہی کران زِ سُہ اوس میر پادانہٕ روزان۔ یُس ڈاڈٕ رَیک اکھ مَحلہٕ چھُ۔ عبدالاحد آزادن وَنُن چھُ زِ تَس منز اُس خانقاہَس لرِ لُور تہٕ وونی چھنے اَتہِ ہاکہٕ وار۔ رسول میر اوس خانقاہ کِس جنوبی دُرِ چَس پیٹھ بیہان۔ مَرنہٕ پَتہٕ آو سُہ اَتھی دارِ لِشہٕ سادنہٕ۔ آزادن وَنُن چھُ زِ سُہ آو پننہِ وصیت مطابق اَتھ شاہِ وُڑراونہٕ۔ تَسُند بیان چھُ زِ میرَس اُسی زٕ فرزند فتح میر تہٕ اشرف میر۔ اشرف میر گُذریو دانی گام باہالِ تہٕ بنا کھ نیچو محمد میر موُد وُہہٕ ۲۰ وُہر ہیُو لاوَلد — آزادن چھُنہٕ پننہِ نِن معلومات ہُند کانہہ ماخذ بیان کوٚرمُت۔ سُہ چھُ وَنان زِ سُہ اوس بڈٕ پارٕی موُنڈ تہٕ قداوار۔ اُچھن منز آسس ثروتہٕ تہٕ رعب تہٕ۔ گوشہ آسس زرٕ پچھ۔ رنگین مزاجی خاطرٕ اوس مشہور۔

رسول میرَس متلق چھُ یم حرف لیکھن والی ۱۹۶۰ء ہس منز اکھ کتابچہ لیوکھمُت۔ یُس کلچرل اکادمی شایع کوٚرمُت چھُ۔ تِمن دوہَن یم معلومات مےٚ حاصل سپدی تِم چھِ تتھ کتابچس منز درج۔ البتہ چھِ تِنہٕ پیٹھ کینٛہہ نوکتہ تہٕ برونٛہہ کنہٕ آمتی۔ یم اکادمی ۱۹۷۴ سنہ ہندس خبرنامہ ماہِ اکتوبر ۱۹۷۴ سنہ منز شایع سپدی متی چھِ۔

بہٕ گوس اَتھی وَری یَس منز میر گونڈ بیتہٕ مےٚ رَیشی تلہٕ ودنی سمکھیو

سُہ اوس تَمہِ وِزِ شیٹھ دُری ہیُور۔ تِمو اُس پَنٕنِس بُڈی بَبَس نِش رسول میرنی ڈیِل بوٚزمٕژ۔ یٚیمی میر پانہٕ وُچھمُت اوس۔ میر اوس کَمَس خوبصورَتھ دستار گنٛڈان تہٕ گوٚنٛژھ تھٕہِر اُسَس دستارَس میٛٹھی کران۔ سُہ اوس لسرمقام (پرگنہٕ برنٛگ) پٔژھ بژ سوارِ محفِل سماع لاگان۔ اَتہٕ اُسی ہیتہٕ واد لوکھ سمان۔ میر موٚد جوان عُمرِ منٛزٕ۔ رٕیِشی تِلہٕ واٗنی سٕنٛدِ مُطابق اوس رسول میر سِری نگرٕکِس مشہور بُزرگ شیخ احمد تارٕبلی[1] سُنٛد مُرید۔ شیخ موصوفن کٔرتس راج کاک دَرس نِشہِ سفارِش تہٕ بَناوِنوون موقدم (نمبردار)۔

یہِ مضموٗن پٔزِتھ دوت مےٚ نِثار شاہ آبادی ساکنہ غڈل قاضی گنٛڈی سُنٛد خط یٚیمہُک مَتَن دَرٕج ذیل چھُ :۔

---

[1] : شیخ احمد تارٕبلی (وفات : ۱۸۶۲ء) اُسی پَنٕنہِ وَقتُک بارٕ عالم۔ مشایخ تہٕ بُزرگ۔ تِہُنٛدِ اَتھہِ چھُ قرآنہٕ مجیدُک اَکھ فارسی ترجمہٕ قلمی نُسخہٕ کِس صورتس منٛز۔ تارٕبلی صابَس اوس لُکَن تہٕ خلقَن منٛز سخ عزت تہٕ توٚے اَسِس حاکم تہٕ تعظیم کران۔ راجہ کاک دَر اوس مہاراجہ [illegible]سنگھُن داروغہٕ شال تہٕ بوٚڈ رئیس۔ تس پیچھ اَکہِ وَقتہٕ شیخ احمد تارٕبلی یٚیمہِ آیہٕ سفارشی [illegible] شیخ صابنہِ قوتِ ایمانی تہٕ جبروٗتُک اظہار چھِنے "کافرِ ناپاک۔ پنڈت راجہِ کاک۔ [illegible] نجار دہ اے کافرِ نابکار۔ زُوبہ اسلام آرد۔ خلقِ خدارا میازار۔ حاجتِ سایل برآر تا برہی از نار" (تواریخِ حسن۔ حصہ سوم)۔ شعر تہٕ اُسی موزون کران۔ تقلصی، رنٛگین تہٕ برجستہ لیکھان۔ حافظِ قرآن اُسی۔

بہ زانن ریشتی تہٕ وونی، مگر ییتہٕ چھِ تمی سٕندِ کھوتہٕ زیادٕ بڈٕ موجوٗد۔ یمن منٛز پولٹیک[1] محمد شیخ ولد رمضان شیخ چھُ۔ یہ چھُ ہتہٕ ہنیورے۔ یہ چھُ رسول میرنہٕ دہرِ ہندِس اکس سازندر وہاب شخص وارٕ زانان۔ یُس رباب وایان اوس۔ سُہ اوس آرٕبل ڈُورِ روزان۔ سُہ چھُ کینٛہہ وُری برونٛہہ گذریومت۔ مگر تسٕندی اُشناد رِشہ ناو چھُ تسنٛزِ زیوٚ بوزمژ رسول میرنہٕ کتھہ بیان کران۔

ازکیس خانقاہ ڈُورِ چھُ۔ تتھ شایہ اُس پرانی عمارت۔ یوسہ اَزکی خانقاہ نِشہ لوکٹی پہن اُس۔ رسول میر اوس امہ خانقاہ کس اکس کوٗنس منٛز روزان تہٕ تتی اوس شعر تہٕ ونان۔ یینٛلہ سُہ لاو عمرِ منٛزٕ گذریو۔ سُہ آو امہ خانقاہہ کس آنگنس منٛز ساونہٕ امہ علاوٕ چھُس بہ نبر گنیس تہٕ سمکھیومُت۔ اُسندِ دوٚن چھُ زِ سُہ چھُ ہتہٕ ہیٹھی تہٕ پانژ سیتو وُری لیو پیٹھ چھُ ساژنگ وایان۔ تمی سُند گُف چھُ زِ رسول میرنہٕ طایفک بیا کھہ سازندر اوس نوگامُک اکھ شخص تہٕ سُہ اوس ونان" زِ شیخ احمد تارٕ بلبس علاو تہٕ اُسی رسول میرس کینٛہہ پیر ...... رسول میر اوس زٕ رچھِ گونٛژھہ تھاوان دوٚہہ اوس سُہ ترآلہٕ بنٛنس پیرس نِشہ۔ تتہٕ تُل تمی تام تسنٛزن گونٛژن

---

[1] : پولیٹکہ گامُک ذکر چھُ رسول میرنِس تتھ مصرعس منٛز آمُت۔ ع:
پوسٹے تہٕ چیپنہ گنڈ گیا ژز نگی، کونگی ہا دتے پان۔

نٕہٕی اعتراض۔ پیٚپَرن وۄنکھ پگاہ تام پرٛآرِد۔ اَدٕ پرٛژھوس۔ راتھ کیٛتھ رِتھے تِم شوٚنگ۔ تِموٚ وُچھ خابس منٛزٕ پیر صٲبَس تہٕ چھیٚنے اَمی آیہ گوٚنٛژِھ .. .. ۔" (اکادمی نمبر ۴۷)

رسوٗل میرٕنِس کلامَس منٛز چھُ بار بار کٲشرِن زنانَن ہٕنٛد ذِکرٕ یِوان۔ خاص کرِتھ چھُ اَکِس ترٛژِھ زنانہٕ ہٕنٛد ذِکرٕ یِوان۔ یوسہٕ شاید ہٕنٛزیٲنی آس۔ یہ ذِکر چھُ تِمہٕ تکرارٕ تہٕ برجستگی سان یِوان زَنتہٕ چھُ یِتھ زبٲنی رِوایتَس تصدیق گژھان زِ سُہ اوس اَکِس ہٕنٛزیانہٕ عاشِق۔ اَکھ یِتھ ناو چھُ "کوٗنگ" تہٕ بیاکھ "پوشہِ مال" یِم اَز تہٕ کٲشرِن بٹہٕ نِین ہٕنٛدی ناو چھِ۔ یِتھی کیٛنہہ شار وُچھو۔ ع

شوٚب شاباش چانہٕ پوٚت ژاھایہ لولو!

رِنٛدٕ پوشہِ مال گنٛڈنے دژایہ لولو

راز ہٕنٛزیانہٕ نازکیا اَنٛزِ نہٕ گردَن

ہٕنٛزِ پآران ژوٚنٛزٕ تے دایہ لولو

مُنٛزِمِس اَکِس مِصرَس منٛز چھُ "پوشہ مال" بٔنیہٕ مکرّر گژھان تہٕ باسان چھُ زِ یہ چھُنہٕ کانٛہہ استعارٕ بٔلکہٕ باضابطہٕ اَکھ خاص PROPER NOUN۔ اَتھی سیٚتی اِنٛدرازُن ذِکرٕ تہٕ چھُ معنی خیز۔ ع

رۄنہٕ گوڈٕ سُے یامتھ بوزُن ساز

بۄزی بۄزی آوٕے شاہ یِندراز
پوشہٕ مال چھم پوشہٕ تُلہ ڈایہ لولو

---

ہے مست شراب عاشق ٹھنگی کونگی ہاوتے پان [۱]

---

عشقہٕ نارن عاشق زالی
شیخ صنعاں ہُنرے پتھ
ژراو پارتھ زُنّار نالی

---

ہُنرٕ ہُنرٕ شیخص گیہ گرفتاری    نوٗن ژراو مُنشر بازاری یے لولو
عشقس کُفرٕ چھے نہ پرہیزگاری    وَنیسی یے چھی مَسٹہٕ باری یے لولو

ہرگاہ اتھ مُنشر شیخ صنعاں سندِ قصکی رمز تہ چھہ۔ مگر امیک دُوٗی پہلو تہ ہیکہ مُمکِن آستھ تہ یمِن شارن مُنشر چھے سوانحی ژھایے زانِ تہ شولان۔

منے یُس تحقیق از برونہہ زوٗہہ وری کور۔ تمہِ موجُب نُنہوٚمتۍ زِ روٗسل میر نِس لوکچارس مُنشراوس، تمہٕ زمانہٕ کِہ دوستوٗرٕ مُطابق اکھ مکتب (ژاڈہ ہال) چلان یتھ فارسیک مُروجہ نصاب پرناونہٕ اوس یوان۔ رسوٗل میرنہ آو ژاڈہ ہال سوزنہٕ۔

---

۱: یہ نوٗن رمز تہ چھُہ قابلِ غور۔ ع سیندرٕ ڈیکہ یوٗن ژُندرٕ گھس تاز تھاوان بندرے۔

دیان اَتہٕ اُس اَکھ بٔڈ کوٗر تہٕ سَبَق پران۔ میرس گیہ تَس سِیتی لۍ تہٕ آو بج یہ لادن بنیہ یہ برونٛہہ پیہن گرٛہتھ باضابطہ مَنہٕ کامَن۔ ییٚلہِ کتھ گنیٖ ہیٚشرن تہٕ[illegible] کوٗر تس نیتھ رتہٕ رسول میرس گوہدل۔ اُمی لیوکھ سُہ مشہوٗر غزل یمیُک "کونہٕ گی ہاوتے پان" رٔدیف چھُ۔ کوٚنگ آیہ کینژھ کالی مالیُن۔ تمَن دوہَن اوس کشیٖرِ منٛز رووٚ کرنک طرٟیقہٕ ز اَکِہ طرفہٕ اُسی مرد دوٗر کران تہٕ بیٚیکہِ طرفہٕ زنانہٕ۔ اَکھ دوٗر اوس رٕٔۓ ہریٚتھ اَکھ مِصرعہٕ تُلان تہٕ دوٚیِم دوٗر اوس بیاکھ مِصرعہ گیوِتھ جواب دِوان۔ رِوایتہٕ کِنۍ لیوکھ رسول میرن یتھی ییٚہ اُکِس موقس کیٚت پنُن رٕٔۓ ہوٗر۔ [1]

رِنٛدہٕ پوشہ مال گِنٛدنے دراے لولو۔

دیان پتہٕ اوس یہ عشق رسول میرس زیادے پیہَن سیٚنیو متھ۔ وَنہٕ کنۍ اَکھ روٚوہ اوس سُہ مستی ہِندِس عالمس منٛز ویرناگہ بٔلس پیٹھ بیٚتھ پنٕنہِ زِہن عکاری ثاتن سیٚنیو متھ زِلتس پیٚٹھہ ناگس کُن نظر۔ یُنیم ہِنٛز زوٗن اُس تاپان تمنِک پرتو اوس ویرناگہٕ کِس نیلس تہٕ زُلال آبس پیٹھ پیوان تہٕ نوٗرنی پھٔتی باگراوان۔ رسول میرس وُتھی مَنہٕ سوٗد رَس تہٕ مُلر تہٕ تمی وُنی سو غزل یُمہ نعت۔ ع

اَز وُچھ میے دِلبرا اَلحمدُلِللہ    اوسُم میے دَردِ دِلِتن چھُ مشکل

---

[1] : ہوٗر۔ زٕ۔ جوٗر۔ مُتعلق : رٕٔۓ ہوٗر۔ دوٗرِ ہوٗر۔ واٹنہٕ ہوٗر بیتر۔ ادبی زبانی منٛز مِصرع۔

دوشمہ دَر بَر اَلحمدُ للہ　　اَز ڈرام سُے شَر اَلحمدُ للہ

رسول میرنین کینشرن گارَن والین ہُندوُن چھُہ زِ یہ اُسہ میرنین مجازی خیالین پیٹھ تَسندین صوفیانہ تجرُبَن ہنٛز فتح ۔ دَے زانہ پَزر مگر رسول میرنہ کلامہ سِتی چھُنہ تَسندِ صوفیانہ لیہ ہندِ کنۍ انداز گژھان ۔ اوِ یہ چھُہ پوٚز زِ تمی چھِہ کینہہ جایہ نعت لیکھمِتی ۔ تسندین چھِر رومانی غزلن منٛز تہ چھِہ بلضٕ بے شونکِ یا ٹھی نعتیہ شار وو پدان ۔ مثلن ع

کھوٚت حضرت سوٚنے معراجس　　تَس دِنہ وان سوہ رگچھ حوٗر لولو

کھوٚت بَر افلاک چھُس تاجِ لولاک　　سُے سوان سردار اَلحمدُ للہ

کُنہِ ساعتہ چھُہ مجازی غزلس منٛز اکھ پوٚز قطعہ بند نعتک لیکھان ۔ مثلَن تتھ غزلہِ منٛز یمیشیک مطلع چھُہ ۔

مسالاے تیرِ مژگانے تہ لولو　　نخشمہ ہتہ چشمہ مستانے تہ لولو

یہ کتھ چھِنے غورطلب زِ نعتس منٛز چھُہ معراج تَس زیادِ لوبہ وُن ۔ یہ چھُہ ہاوان زِ سہ اوس اکھ پوٚز عاشقِ رسول ۔ تَسندِس کلامس منٛز چھُہ حضور آنسرَورن ہُند اَکھ موختصر مگر پُر تاثیر وفات نامہ تہ موجود ۔ رسول میرنہ کلامک مطالہ کرنہ ستی چھُہ یتہ نشان زِ تس اوس قرآن کریمس پیٹھ عبور ۔ سہ چھُہ پننس کلامس منٛز وِزِ

وِزِ کلام اللہ کہِ تلمیح ، استعارٕ تہٕ آیہٕ تمہٕ ہونٕ رسان جران زِ یہِ چھُ برجستہٕ تہٕ باسان تہٕ کلامُک لطف تہٕ کنہٕ کور ہُرراوان ۔ کمال چھُ زِ تمُ چھُ یِم آیاتِ مقدس مجازی تجربن شوٗزرادنہٕ خاطرٕ استعمال کٔرِ متی ۔ یہِ چھُ کاشُر شاعری منز اکھ نوٗو اسلاب ۔ مگر اُمِنُک تفصیل ییہِ برونہہ پیٚہن ۔

دیان روسل میراوس پتی ہِین دوہن ڈوٗرِکس خانقاہس منز خلوکھ بیٚہان تہٕ عام طور اوس تِتھی دار پیٚھ بہتھ آسان ۔ یِتھ برونہہ کنہٕ ڈاکھ ترٛاوتھ چھُ ۔

روسل میرنہٕ زندگی ہندی یِم حالاتھ چھُ زیادٕ پیٚہن سینہٕ بہ سینہ ۔ یِتھ منز مِلہٕ مِش تہٕ کمی بیشی ہِند امکان بہرحال موجود چھُ ۔ مگر تٔمِسندِ کلامہٕ ستی چھے کینہہ کتھہٕ برونہہ کُن یوان ۔

زِ تس چھنہٕ زیادٕ بجہ وانسہِ منز گذریومت ۔ تٔسند موخصر کلامہٕ چھُ ہاوان زِ تس چھے وانس کمے اتھہٕ آمژ ۔ تٔہندِس کلامس منز چھُ عشقہٕ تٔرِ تمہٕ آیہٕ وُہان زِ پران پران چھُ پرن دول تمُک ناو توت آز تہٕ زِبان ۔ ساری سے کلامس منز چھُ یادونُک جوش تہٕ بوش تمہٕ آیہٕ شروبتھ زِ یہِ انداز کرن چھُنہٕ مشکل زِ یم باتھ چھُ جوانی ہندِس سورٕ وٕرِ سے منز لیکھنہٕ آمتی ۔ ییٚمہِ وِزِ سہ زِ چھر تہٕ تسوٗفچ کتھ کران تہٕ چھُ ۔ تمہِ وِزِ تہٕ چھُ باسان زِ یہِ چھنہٕ تٔسند اندرٕ ژیم آلو ہِکہٕ اکھ

بیرٕ دٲنی پوز (POSE)۔ سہ چھ یتھٕین دوٚن ترٕہن غزلن منٛز تہٕ جٲبرٕچ رُزٕ زٕٹھ ہنٛز اصل خصلت ہاوان۔ یمَن منٛز قافیہٕ مُقدٕس لفظن ہنٛد دستارِ فضیلت چھُ لاگان۔ ع

نمَن چانِہن یہٕ رٕتھ وٕنٛدٕو، یمَن منٛز چھےٚ شوبان خال
کمان ہتھ تیر لایان ہٕنٛدٕو، ژٕ پرٕتو یا فتاح
خنجر بادام برٕتو چھنٛدٕو، شیرین، اُلِہ تہٕ سُپاری
کاشُر نابد، مصرکہٕ قنٛدٕو، ژٕ پرٕتو یا فتاح
زٕوسلہٕ سرتن خداونٛدٕو، قضا عشقُن رضا چون
غزل خوانٕہ ہاگوینٛدٕو، ژٕ پرٕتو یا فتاح۔

---

کیا خال تر دومت، در توبہٕ آمت، ہندوے کافر الحمدللہ

رسول میر چھُ اکھ عشق باز، رنٛگین مزاج تہٕ رِنٛد صفت انسان اوسمت۔ تسُنٛد کلامہٕ چھُ، تسنٛد طبیعتٕہ تہٕ مزازک آنہٕ۔ اتھ منٛز چھُ زنانٕہ حُسنک بھرپور ذکر، زنانٕہ ہنٛدٕن انٛگن ہنٛد تعارُف۔ توصیف تہٕ تاریف تمہٕ انداز زٕ یہٕ چھُ مزازٕ علاوٕ بحرٕن ہنٛد مُترایہٕ تہٕ لذبٕہ ادان)۔ سہ چھُنٕہ زرف عُشن وچھان تہٕ امہٕ کِس نظارٕ(ر) بیٹھ

توشلنے روزان بٲدکرِ چھُہ سُہ حُسن چھاڈنک باسں تہٕ دِوان۔ سُہ چھُہ اکھ وصل آگاہ انسان یُنتھ نوُن نیران۔ شراب چوّن تہٕ اَمہِ کِنہ لطافتن ہُنْد محرم آسن تہٕ چھُنہٕ تس زَشہِ دوٗر باسان۔ تیسنزِ بدنامی ہُنْد ذِکرِ چھُہ ہاوان زِ سُہ اوس واقعتن تہٕ زانہہ مانہہ عشق بازی کران تہٕ حَسن تُلان۔ تاشہِ وان ینک ذِکرِ چھُہ پانے کران تہٕ اَتھ رمزس چھُنہٕ زیادٕ پھِٹھ کڈنچ ضروٗرَتھ۔

اَلبتہٕ یہ چھُہ وَنُن ضروٗری زِ تاشوان اوس نہٕ تمن دوہن صِرف شہوت رٲنی ہُنْد بازٕرے لوت۔ اَتہِ آسہ اَدبی ذوقہٕ کہ اعلا پایہٕ چہ محفلہٕ تہٕ نفیس سماجہ بزمہٕ تہٕ آراستہٕ سپدان تہٕ خوش تمیزی ہُنْدی اطوار ہیچھنکی موقہٕ تہٕ حاصل سپدان۔ یہ اوت اوس عام لُکن رئیس تہٕ پوٗرمت۔ لیوکھمت طبقہٕ یوان۔ پانہٕ حافظ آسی آدابِ مجلس ETIQUETE تہٕ ثقافتی اظہارک سِمبل آسان۔ تس آسی حافظہٕ وَنان۔ اَوٕکنی زِ سو آس حافظ۔ شیرازی تسنْد کلامہ بوزناوان۔ یا اوس اُستادن ہُنْد کلام زبٲنی یاد آسان۔ سو آس سِنگار، رنگ تہٕ مُشکہ نازٕ تعمر آسان یوسہ پنہٕ نس زمانے غور وعمس منز جاپانی گیشیا یہ (GEISHIA) سیتی مان ہیکہ ہے کرِتھ۔ رسوٗل میرن اورٕ وانن چھُہ ہاوان زِ تسنْد منز آزکاہ روخ تہٕ موکہ کیاٛ اوس[1]۔ ______ رسول میر چھِہ پننہِ زمانہٕ کہ معیارٕ زشہ واریاہ پوٗرمت

[1]: د صفحہ ۲۴ کس پوٗشس پیٹھ)

لیوکھمُت اوسمُت ۔ تِہٕندِس کلامَس منٛز چھُ فارسیُک اَکھ پوٗر غزل تہٕ وارِیاہ شعر موجوٗد ۔ یِم اَتھ زبٲنۍ پیٹھ تِہٕندِ عبوٗر ہاوان چھِ ۔ تِہٕندِس کلامَس منٛز چھِ تِم اصطلاح تہٕ اشعار نظرِ گژھان یِم فِردوسی ۔ حافظِ شیرازی ۔ نِظامی گنجوی ۔ امیر خسرو بیترِ تہٕ بیٚیِہ عظیم فارسی شاعِرن ہٕندِس کلامَس منٛز موجوٗد چھِ ۔ سُہ چھُ عجمہٕ کین محاکاتَن تہٕ اسطوٗرن ہٕندِ زبر عٲلِم تھاوان اوسمُت تہٕ یِم چھِ تِہٕندِس کلامَس منٛز تارکَن ہِندی پأٹھۍ زوتان ۔ قرآن شریفکۍ اصطلاح تہٕ آیہ بیٚیمہٕ رَوٲنی تہٕ برمحل اندازس منٛز تِمی وَرتٲوِمتۍ چھِ ۔ تِم چھِنہٕ صِرف قرآن شریفکہٕ ستہٕ مطالُک بیٚیی لیوت دِوان اَکھُتے نیتہٕ باوان زِ سُہ اوس عربی تہٕ زانان ۔ تِہٕندِس کلامَس منٛز چھِ ریختہٕ مِصرعہٕ تہٕ نظرِ گژھان ۔ یِم ہاوان چھِ زِ تِہٕندِ وقتہٕ اوس اُردو لِسانٕچ سلطس پیٹھ کشیر منٛز دستک دِوان تہٕ رسول میر اوس اَتھ زبٲنۍ سیتۍ یارزِ [illegible] ۔ نوم مِصرعہٕ چھِ گواہی دِوان ۔ ع

---

(صفحہ ۲۳ ہَس سیتۍ) اَمہٕ دورِچین کیٚنژن حافظن ہِندی ناد تہٕ چھِ تِہندی خوبصورت تہٕ رنٛگین کِردار دوہ تلاوان ۔ مثلَن : مہرِ چھکرِ ۔ دأن پوش ۔ ژنٛگہٕ زور ۔ نوٗرِ ساغر ۔ رتہٕ اونٛج ۔ پیر گُل ۔ موختہٕ ڈنٛڈأنۍ ۔ ژوٗنٹھ تکھ بیترِ ۔ میر واعظ رسول شاہ سِنٛدی وعظ ۔ گُل ہِنٛد ناز تہٕ سونہٕ صاب مشہور سازنٛدہٕ سِنٛد سازأسی یکہٕ وٹے زیو پیٹھ لیوان ۔ لفظ "گاٗز" چھُ سنسکرت GRAINKA منٛز دراموت تہٕ اَمیُک مطلب چھُ نژن تہٕ گیوٚن واجِنۍ خوش تمیز زنان ۔ اَمِہ کِس عربی ناد یعنی "غنیہ" ہَس تِہ چھُ قریب بی مفہوم ۔

تیرے مہ رُخ اوپر بر سیاہی تارے چمک دیں

نظر حیران ہے اُس سے اُٹھ جاوے پیارا۔

---

کیا جامہ لال رنگایا، بنگال سے منگایا

سَر صاف چھال تن پر ظالم عجب ستمگر

---

آج میری مِل جا راتی بوز لتی یے لول ہے آم

اَکھتے چھِہ پنجابی زبانی ہندی کینہہ مِصرعہ تہٕ لفظ تہٕ تِمو ورتاوی ہمتہٕ تہ باسان چھِہ ییلہِ سُہ بانہال تہٕ لوگَل پرستان گژھان اوس۔ تَتہِ اوس تِمو اَمہِ زبانی ہُند مَزٕ و چھُمت۔ ع

گیاون سیر بندرابن کو میرا قند گویا

آو تُم یار سارے نال کالیدار امشب

اَمہِ علاوٕ چھُہ رسول میرنِہ کَتھہ وَننک تہٕ شار لیکھنک، انداز، آے تہٕ اسلوب تیُتھ آرایشی، لوٕبہِ وُن تہٕ مہذب CULTURED زِ یکدم چھُہ فِکر تران زِ شاعری ہُنر یا دامیشی زِ تِنہِ آسنہٕ وَرای چھُہ تَسُند مطالِہ تہٕ نظر تہٕ امِہ پاراوک ذمہٕ دار۔

---

ا: رَوُسل میرنہٕ وقتہٕ آسی بانہالکی ذیلدار بڈی رییس تہٕ رَوُسل میرنہ تور گژھنِچ رِوایتھ چھےٚ عام۔ لوگَل پرستان گوٗرام بَن تہٕ بانہالک مُشر شیم ہیا آڈی حدہٕ اَمنک ذکر چھُہ سپارہ بار کران۔

رسول میر چھُ سماعُک عاشق تہٕ اوسمُت۔ زبٲنی رِوایتو چھِ یہِ کتھ مُصدِقہٕ کرمٕژ زِ سُہ اوس پانہٕ تہِ گیوان تہٕ تمی اُس پننی اکھ الگ ڈٔہر بنٲومُت۔ یتھ کنہِ محمود گامین تس برونہہ بنٲمُت اُس۔ دپان سُہ اوس پننی دٔہر باجہ ہیتھ کینژن استانن تہٕ دیوان خانن ہیچھ تہِ گیوان۔ تِہندِ سرینگر ینہٕ تہٕ حضرت بل تہٕ خانقاہ مُعلا کین عام وخاصن منٛز گیونٕچ رِوایتھ تہِ چھِ عام۔ تِہندِس کلامس منٛز چھِ راگن، مقامن، تہٕ سازن ہُند ذِکرِ مۆجود یُس ہاوان چھِ زِ سُہ اوس یمن ستی وارٕ پٲٹھی اشنٲیی تھاوان۔ ع

موسیقار زن ونہِ زار     تُہہناز، سارنگ بنیہِ بہار

---

سنطور۔ سارنگ، چنگ ونے

بزِن برساز مضراب چاونے جامِ جمے

---

رٔوُسُل مُشتاق چھُے ازلیے     وزان تہٕ وزان سنطور زن

---

نوروز چارگاہ صُبح دم     کن تھاو رؤخ ہاوے صنم

رسول میر چھُ فنِ خوشنویسی ہُند استادنے تہٕ پرزناون وول ضۆرور اوسمُت تہٕ یہِ چھُ تِہندِ بوشار دستی روشن۔ ع

کیا شۆبان دیوان حُسنس خطِ ریحانس اے صنم

زلفِ کاکُل یا آپینس آہ!

نَتہٕ قرآنس پیٹھ کنہِ بسم اللّٰہؔ[۱]

تُسندِس کلامس مَنٛز چھِ کمن باتن ہنٛز جایہ جایہ ژھاے۔ یم کاشُرِ صوٗفیانہٕ مُوسیقی مَنٛز گنٛدنہٕ آمتی چھِ۔ یہ کتھ چھےٚ ہاوان زِتس اوس اَتھ مُوسیقی سیٖتی پورٕ واٹھ۔ کاشُرِ صوٗفیانہٕ مُوسیقی مَنٛز چھِ تُسندیو ہم عصرو مَنٛزٕ محمود گامی یُس پتہٕ تُسندےٚ زیادٕ کلام۔ یہ تہٕ چھِنہٕ محال یہ زِ یِنٛہِ زبرٕ باتھ مُوسیقی ہنٛدِس تقویمَس مَنٛز گنٛڈنک عمل ما آسہٕ تَھیمِتےٚ شوز وعٕ کرامت۔ یہ کتھ گژھِ نظرٕ تل تھاونہٕ ییٚنہٕ زِ تُسندی بیٚتھرِین غزلے چھِ مُوسیقی ہنٛزن تمن مَنٛز ژونہٕ آمتی۔

میانہِ تازہٕ تحقیقاتہٕ موجوب چھِ رسول میر ۱۸۸۸ سنہٕ پتہٕ گُذریومت[۲]۔ دپان شہ آدنِینہٕ وصیتہٕ مطابق تتھ جایہ دفن کرنہٕ ییٚتہٕ تسنٛز قبر چھےٚ۔ مرحوم بخشی غلام محمد

---

۱:- رسول میرنہِ کلامک سنٛزِ سان مطالعہ کرنہٕ سیٖتی چھِ باسان زِ شہ اوس ہندو دیومالا تہٕ کام سوتہٕ زانن وول تہٕ۔

۲:- رسول میرنہ کلامہ چہ اندرٕ ذٔنی شہادتہٕ سیٖتی چھِ باسان زِتس اوس پننہٕ جوانی ہنٛد گذرنک تہٕ بجر پنک شہ ایحساس یُس یاون سورنہٕ پتہٕ پرتھ انسانس یاد گژھان چھِ۔ تہٕ ییٚمہٕ کِنی شہ آخری سفرچ سنٛز سکھ کم از کم جذباتی سطحس پیٹھ کران چھِ۔ امہِ حسابہ ہےٚ بوزوتھ یلہِ چھِ ییٚمہٕ شارِ کِنی رسول میر پوختہٕ عُمرِ ووتمت اوسمت تہٕ تسنٛزٕ جانہٕ مرگی ہنٛز کزٕ کتھ ما چھِنہٕ صحی۔ عُمر

زوہہ گومے یتھ نُنگرِ ہے پوٚہہ گومے تاپستان

نادِ ہانز ماترٕ زادِ نُنگرِ ہے کالی برِ ہے گژھِ گلستان

وزیرِ اعظم بموجب میرن شیرِ نادو تُسنٛز قبر ۱۹۵۳ سنہٕ ءپتہٕ ۔ دپان تسنٛز تربت نِنی کرنہٕ خاطر
آیہ اکھ ژوپارٕ واریاہ قبرٕ ستراونہٕ ۔ جموں وکشمیر کلچرل اکاڈمی کوڈ وزیرِ اعلیٰ مرحوم شیخ
محمد عبداللہ سنٛزِ منظوری ستی ۱۹۷۸ سنہٕ منٛز تسنٛزِ قبرِ پیٹھ اکھ پیٚوٗر تہٕ لوحِ مزار نصب

"ییتھن چھُ کاشرِ ٹیک یاوان موت شاعر رسول میر ڈاف ترٲوِتھ ۔
یُسند کلام حُسنِ مجازچ ہُند حقیقتس ستی گُلنار چھُ۔" (اصل اُردو پیٹھ ترجمہ)
پیپرس پیٹھ چھس نوم نہٕ شارکنہٕ ۔ ع

انہٕ گٹہ ونہٕ نم ننہٕ کتھٕ اُمی لال فروشن
کنہٕ منٛز نیران جوہرے، بال مر آیہ

---

رسول چھُ زانتھ دین مذہب روخ تہٕ زلف چون
کوہٕ زانہٕ کیاہ گوٚ کُفرٕ تے اِسلام لگارو

رسول میرن کلام چھُ موخصر۔ ہتہٕ کموتہٕ کم غزلن، وژنن تہٕ نعتن پیٹھ مُشتمل یم ییتھ کلیاتس منٛز سوٚمبراونہٕ آمتی چھِ۔ دپان تمی اُس اکھ مثنوی "زیبا نِگار" تہٕ لیچھمژ۔ تسندِس کلامس منٛز چھُ رعنا تہٕ زیبا ہُند ذکر موجود۔ ع

وننٛ زیبا نِگارس
دننٛ کیا گےٚ متےٚ یارس

## زیبا بہٕ دژالیس بوزٕ زیبا چون زِنگار رو

رسول لاگِتھ توشن زاگِتھ دۄر گوشن
زِنگار گاہے کرہم زِنگاہے بگوشہ چشمے

محی الدین مسکین یُس خوشی پورہ چھُ بَنیِتھ " زیبا نِگار " لیکھنہٕ وِزِ اَمیُک ذِکر کَران۔ عبدالاحد آزاد نہٕ وَننہٕ مُطابق آیہٕ یِتہٕ مسکینہٕ سِے ہاتھٕ لاگنہٕ زِ تمی چھُ میر شند مال ژۄر نیومُت۔ مگر پانہٕ آزاد چھُ اَتھ تردید کَران۔ تِس چھُ دَپان زِ مہجور صابَن تہٕ اُسی اَمہِ مثنوی ہِندی کینہہ وَرق وُچھمتی۔ یِتہٕ وون مےٚ ابنِ مہجورن زِ مثنوی اُس مہجورَن پننِس اِبتدٲیی یِتہٕ وارِ زمانس مَنز تحصیل اننت ناگ کِس کُنتھ نام گرِس مَنز وُچھمٕژ۔ یِیلہِ تِس یِتہٕ پہَن ظونِس یوتہٕ ژمعارنہٕ دژاو تس سپد معلوم زِ نا گہانی نارِس مَنز چھےٚ پیپر گرِک کُتب خانہٕ تہٕ دۄد مُت۔ آزاد چھُ پانہٕ لیکھان :۔

" مےٚ چھُ باوثوق ذریعہ پےٚ لوگمُت زِ میر صابَن اُس یہٕ مثنوی لیچھمٕژ " بنیکِس جایہ ؛ " دَپان چھُ زِ یہٕ مثنوی چھےٚ میر صابَن پننِس زِنگس مَنز زَبر آیچھمٕژ، مگر غترِ نِس ہِشِس نہٕ "
(کشمیری زبان اور شاعری حصّہ دوم)

سنہ ۱۹۵۲ء منز کوڈ سرینگرہ کہ بزمِ ادبن یُس "گلریز" رسالہ کڈان اوس اُکس پمفلٹس منز دعواے زِ یہ مثنوی تہٕ میر صابن مکمل دیوان چھُہ تمن اتھی آمت مگر پتہٕ ڈراو نہٕ اتھ کانہہ نیباہ۔

رۄسل میرن کلام اوس کاشرین اشرافن منز تہندِ وقتہٕ پیٹھے موسیقی ہندِ ذرِیہ جاری۔ مگر یہ کوڈ گوڈنکہ لٹہٕ غلام محمد نور محمد تاجران کتب مہاراج گنج بازار سرینگرن شایع۔ مینہِ نشہ یہ قدیم چھاپی ستونبرن چھپے۔ تتھ چھُہ ۱۹۲۰ء تاریخ دِتھ۔

رۄسل میرن ناو چمکاونس تہٕ امہٕ کس شوقس وُتشن دنس منز چھُہ مہجور صابس سیٹھا دخل۔ یمو پننس کلامس منز تہنزِ استادی ہند ذکر تہٕ اعتراف تہٕ کوڈ۔ کلچرل اکادمی ہندِ طرفہٕ آو تہندین کینژن باتن ہند اکھ مجموعہ اکہٕ اُردو پیشِ لفظہٕ سان ۱۹۶۰ء منز شایع کرنہٕ۔ اتھ آس سرورقس پیٹھ مشہور مصور سنتوش سندٕ اتھہٕ رۄسل میرنہٕ تیمہٕ شارچ مصورِ عکاسی۔ ع

گمہٕ شبنم گلِ روخس زن چھُہ عرق دانہٕ تس

زونہٕ پیٹھ تارکھ پکان کار وہ گُن دور دان

---

لہ :- مہجورنہٕ شاعری ہند کلید لفظ یُتھے پیار چھُہ رۄسل میرس نشہ ماخوذ ع۔

بوزم گل بیوزن یتھے پیارِ چھُہ نادِل سیون زلہ ناعم۔ (رۄسل میر)

ریڈیو کشمیرَن تہٕ گٔنٛڈۍ تٔشدی بآتھ نوین طرزن مَنٛز تہٕ نوین گیوَن والین
تہٕ گیوَن وٲجنین ہِنٛدِ ہٮ۪ٹہٕ گیونا وِنہٕ پیٚتہٕ کرِن بار بار نَشَر۔ کلامس آسہٕ بٔنی توٚژھ
تٔژِر تہٕ تیٚہہ۔ یکدم گوٚ دِلَن مَنٛز ترٛٲوِتھ تہٕ ژ۪ہٮ۪تہٕ وُترین مَنٛز موٚحفوظ۔ یہِ تہِ چھُ
عجیب اِتفاق زِ آسٕ بھونسلے ہِشہٕ پٲرۍ مہٕ گیوَن واجنہِ تہِ گیوٚتھ مٕنٛدٕ ے
بآتھ۔

# اَکھ اَہم اِنکشاف

رِسول میرنِس زِنہٕ نَس مُتلِق اَسی وُنیک تام صِرف کیٚنہہ اَٹھ سٹی اَنداز پیوان کرُنہٕ۔ عبدالاحد آزادَن وُنمُت چھُ زِ سُہ گو جوٲنی ہِندِس عالمَس مَنٛزٕے گُذرِتھ۔ تَسنٛدی کنہ اوس سُہ محمود گامی (یِہنٛدِس تارِیخِ وَفاتَس مُتلِق محض اَنداز چھُ زِ سُہ گُذرِیوٚو ۱۸۵۵ ٕ منٛز) پَتہٕ زِنٛدہٕ تہٕ سُہ چھُ ۱۹۴۷ ٕ برونٛہہ تقریباً شیٚتھ وَری گُذرِیوٚمُت۔ یعنی ۱۸۶۷ ٕ منٛز۔ راقم الحروفن یُس کِتابچہ ۱۹۶۰ ٕ منٛز لیوٚکھ تتھ منٛز تہٕ اوس یِی وَننہٕ آمُت زِ سُہ اوس محمود گامی یس پَتہٕ زِنٛدہٕ تہٕ مقبوٗل، کرالہٕ وارِس برونٛہہ کیٚنہہ وَری گُذرِیوٚمُت۔ پرُوفیسر محی الدین حاجنی یَن چھُ "کاشُر شاعِری" منٛز تَسنٛدِس وَفات ۱۸۷۰ ٕ لیوٚکھمُت۔ ٹی این خزانچی یَن چھُ رسُل میرُن زمانہٕ (۱۸۸۵-۱۹۲۵ ٕ) دَرمیان مُقرر کوٚرمُت۔ ناجی مُنوَر تہٕ شفیع شوق چھُ پننہِ کِتابہِ "کاشِر اَدبک تَوارِیخ" منٛز تَسنٛد مَرُن سَن ۱۸۷۰ ٕ مقرر کران۔ بشیر اختر تہٕ چمن لال چمن چھُ "ادبی نامہٕ" (کاشُر ڈِپارٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی) منٛز سَن وَفات ۱۸۷۰ ٕ لیکھان۔ بہرحال اَکی تازٕ اِنکشافَن چھُ اَتھ سِلسِلَس منٛز اَکھ زیٛادٕ اَہم اکھ روشن نَظر بَہم کوٚرمُت۔ رسُل میرُن دَستخط کرِتھ چھُ اَکھ دَستاویز اَتھ آمُت۔ یَتھ منٛز بُڈ پوٚنچھتہٕ مگر آمیزی خطَس منٛز تمی پَنُن دَستخط "رسول میر شاہ آبادٕ" ڈٲرِتھ لیوٚکھمُت چھُ۔ یہ دَستاویز چھُ ڈوگرہ دورکِس اسٹامپی کاغذس

له : 'MARG' BOMBAY, MARCH : 1955

پیٹھ تہ یہ چھُہ زمین ہیہنہ کِنہٕ متعلق۔ اتھ منٛز چھہ واریاہن گواہن ہٕندی دستخط۔ چونکہ رسول میراوس نمبردار۔ لہٰذا چھہ اُسٕند دستخط تہٕ موجود۔ دستاویزس پیٹھ چھہ ۱۲ ار زیٹھ ۱۹۴۶ سنہٕ ب ہٕند تاریخ لیکھت۔ یُس ۱۵ اپریل ۱۸۸۹ سنہٕ برابر واتان چھہ۔ امیک مطلب گو یہ زِ روٗسُل میراوس مقبول کرالہٕ وارِس پتہٕ زِندٕ۔ تمی چھو وہاراجہ رنبیر سنگھن (وفات ۱۸۸۵ سنہٕ) سوری زمانہ تہٕ سہ اوس ۱۸۸۹ سنہٕ تام زِندٕ[1]۔ ممکن چھہ امہ پتہٕ تہٕ ما آسہٕ ہے سہ کینہہ وری زِندٕ۔ یمیُک مطلب یہ گوٚو زِ اَز چھہ تٔسندِس وفاتس مسا ۹۰ ؤری ہیُو گژھان۔

امہ کاغذ پرچہ کِہ مدد ستی چھہ یہ انداز کرُن تہٕ غلط زِ رسول میراوس آخرس تام دُنیاوی کاربارس منٛز دلچسپی تھاوان تہٕ تٔسند چلہٕ کشِ گژھُن چھہ شاید ییمیتی رِوایتہ ہیتھ کُنی چھہ سہ کُنو ہمہ صدی ہٕندیو تموٚ دیوزاد اُدبیو منٛز اَسہٕ سارِوٕے نِکھ، یموٚ کاشُر زبٲنی نوِ سر زِندگی عطا کٔر۔ یمن منٛز چھہ محمود گامی، مقبول کرالہٕ وٲرِ تہٕ پرمانند شامِل۔

یکم فروری ۱۹۸۴ سنہٕ

محمد یوسف ٹینگ

---

[1] ۱۸۹۲ سنہٕ منٛز ووتھ کشیرِ منٛز بوٚڈ ڈراگ تہٕ وبا۔ ممکن چھہ زِ سہ ما آسہٕ اَتھی منٛز وُگذریومت،

# کتاب نامہ


۱۔ کشمیری زبان اور شاعری از عبدالاحد آزاد
مرتبہ: محمد یوسف ٹینگ۔ دویم جلد

۲۔ رسول میر: بزمِ ادب سرینگر (چھاپ ۱۹۵۲ء) پمفلٹ

۳۔ رسول میر: کلچرل اکادمی، مرتبہ: محمد یوسف ٹینگ، چھاپ سنہ ۱۹۶۰

۴۔ کاشُر شاعری: ساہتیہ اکادمی نئی دہلی۔ مرتبہ: پروفیسر محی الدین حاجنی

۵۔ کاشرِ ادبُک تواریخ: کاشُر ڈیپارٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی۔ مرتبہ: ناجی منور۔ شفیع شوق

۶۔ اکادمی: کلچرل اکادمی ہند خبرنامہ۔

۷۔ راقمہٕ سُند ذاتی تحقیقاتھ چھ اَمہِ علاوٕ۔

۸۔ اوحال نامہ: کاشُر ڈیپارٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی۔ مرتبہ: چمن۔ بشیر اختر

۹۔ "مارگ" بمبئی: مارچ سنہ ۱۹۵۵ء۔ کشمیر نمبر۔

۱۰۔ کلامِ رسول میر مطبوعہ غلام محمد نور محمد تاجرانِ کتب۔

۱۱۔ کونگہ پوش سرینگر

# رُسُول مِیر

## پاسہٕ فنکار تہٕ باشٲعوٗر زبان ساز

زٲلِۍ وانکَن بال یێلہِ لاگہِ شُمار
پَچھ لگنَس گٔنٛزرٕنَس لَچھہٕ تہٕ ہزار
اَمہِ شایہِ نو موکلَن پاسے لولو

# رسُول میر

## پاسہٕ فنکار تہٕ باشعوٗر زبان ساز

رسوٗل میرُن کلام چھُ کَم مگر کاشُر اَدبہٕ خاطرٕ چھُ یہ تیوٗتاہ اَہم یوٗتانہٕ بٔڈین دریاہَن شاعرن ہِنٛدۍ بٔڈۍ بَیاض تہٕ کُلّیات چھِ ۔ لَل دیدِ پتہٕ چھُ سُہ کاشرِ شاعری مَنٛز سارِوے کھوتہٕ مُمتاز تہٕ زبردست رجحان ساز TREND SETTER شاعر۔ سُہ چھُ کاشرِ شاعری تَمہِ آیہ ژُکی پھیٖر کران۔ یِزِ یہِ وَنہِ کٔڈنکی سارۍ نوٗل دَخط چھ تبدیل گژھِتھ اکہِ نوِ پرزنہٕ ہٕشٕ موکھ تھران ییتھ پاٹھۍ اُردوہَس مَنٛز مرزا غالِب سُنٛد دیوان موخسر آسنہٕ باوجوٗد دینہٕ والہِ پگہچ پارے بنان چھُ۔ تِتھے کٔنۍ چھُ کاشرِس مَنٛز رسُول میرُن کلام اکِ طرفہٕ تتھہٕ شِگافس پیٹھ گوڈنِچ سُم شیران۔ یُس ہتہٕ بدٕن ورٕیَن ہنٛزِ پسماندگی تہٕ غولٲمی کاشرِس شعری اَدبس تَمہِ وَقتہٕ چھِین ترقی یافتہٕ مشرقی زبانَن نِشہِ پتھ پتوسہِ تھاوِتھ اوس۔ دوٚیمہ طرفہٕ چھُ رسوٗل میرُن کلام یِنہٕ والہِ شعری سفرُچ شُرچھ

(ANTICIPATION) تہٕ بَنان۔ ہَرگانے رسوٗل میر آسہٕ ہے، کاشرِس غزلس لگہٕ ہِن پَنُن اسلوٗبِ ادا، آواز تہٕ آلو پَرزٕناوُنس تہٕ شیرنس خبر کیتھ وُری تہٕ خبر ہیکو رِس یِیہِ تیا نوٗرِ کاشرِ شاعری ہِندکِن ترادُنک وارِ بَنار۔ رسوٗل میرنہٕ فنّچ کراماتھ چھنہٕ یِہ زِ سہ چھُنہٕ صِرِف توٗاریخی لِحاظہٕ اَہم بَلکہٕ از تہٕ چھِہ تَسُند کلام خوداگاہ تہٕ نظرباز کاشرِن پاٹھک سِندِ لُطفک ذرِیہٕ بَنان۔ تَس جمالیاتی حِسّ بخشان تہٕ تَس سِریوج بنتھ ہیکان۔ حَق چھِہ یِ زِ ہیکو رنہٕ چھاپی کلامُک گوڈٕنیک باتھ چھِہ رسوٗل میرُن شیکھ رنگ ہیتھ بروٗنہہ کُن یِوان۔ ع

وَنتہٕ ہے وَنیسی بے وفائی شیٚنہٕ دِلدار چھا

رسوٗل میر اوس اکھ تیٚتھ فنکار یَس حقیقی تہٕ بلوز شاعر ہیکو وَنتھ۔ یِمَن فنکارَن ہُند خوشبوٗ چھِہ تِہنٛدی کینٛہہ شارپرِی تھےروٗحس مُعطّر کران۔ اَمِہ فنی کراماتِ ہُنر تشخیص تہٕ وِرِثہٕ نے چھِنہٕ پَتہٕ پِہَن سیدان۔ مگر تِسُنز گوڈنچ خاصیتھ چھِہ تِ یِیمِنک اِشارِ اقبالَن ہِندِس یِتھ شارس مَنز میلان چھِہ۔ ع

مشامِ تیز سے صحرا میں مِلتا ہے نِشاں اس کا
ظن و تخمین سے ہاتھ آتا نہیں آہوے تاتاری

رسوٗل میر چھُہ کاشرِ شاعری اکہٕ باتَن ہِندِ سِنتن پیٹھہٕ تُلتھ ہونزمُنٛ (؟)

(CRAFTSMANSHIP) تہٕ مُرصّع سازی (EMBELLISHMENT) ہِنٛدِس گچھِ کھُٹس منٛز واتناوان۔ لل دید گیہِ کاشرِس فکرِ تہٕ باوژ ہِنٛدِس سَنٛگرِس پیٹھ واتناوِتھ۔ مگر تس پَتہٕ گوٚو لکہٕ اَدبُک دَرٛسہٕ بنیہٕ زوراوار۔ یا تہٕ اوس نہٕ کاشرِس کُن کانٛسہِ مٲلے پھیران۔ پھیرِ ہیس تے توتہٕ اوس سُہ تُھکی گامہٕ لَیہٕ منٛز آلو دِوان، لیہٕ سہٕ شوٗژ، ساوٚدر وار تہٕ سہل آسنہٕ باوجوٗد اظہارچ اَکھ ابتدٲیی تہٕ وُستہٕ ہش صوٗرتھ چھےٚ۔ اَمہِ اَپور اوس سارِے زبانو کتہِ کور منٛز لہٕ ژھونٛڈمُت مگر کاشرِس منٛز اوس محموٗد گامی تام تعبہٕ خوتوٗنہٕ ہِنٛدِین مُدرین آلونے لور تہٕ وَنان۔ ع

کوٚتو گوکھ نُندٕ بانے    وولو معشوقہٕ منیانے

رسول میرن کوٚر اَتھ لِسانی افلاکس مُقابلہٕ کَرنُک جُرأت تہٕ ییتھ کُنی بوٚرن سانہٕ شعرُک ہلم نوٚو نوٚو تجربو ہِندو لال تہٕ جواہر وُستی۔ یِم تجربہٕ آسی نوٚین تجربن تہٕ صنفن منٛز۔ اسلوٗبن منٛز، خیالاتن منٛز، شعری صنعتن منٛز تہٕ باوژِ کین بنیہ واریاہن رمزن منٛز۔ کاشرِس منٛز چھ وژن عام طور لکہٕ ادبس زٕتہٕ اَکہِ سیٹھاہ تنہٕ رکہٕ ستی جُدا گژھان۔ تہٕ یہ چھ تفریقن لامحالہ کرتھ زمانہٕ ہِندِ زیٚو ادا گژھان۔ ظاہر چھ زِ یہ اوس کاشرِس پیٹھ قدیم پراکرت تہٕ کھٹری بولی ہُنٛد اثر۔ کلام کَرنٕ واجنہٕ ہٕنٛدِ جِنشک اثر اوس جذبن، لفظہٕ ووٚتریس تہٕ لہجس ساری سے پیٹھ اثر انداز سپدان۔ یوہے

وجہ چھُ زِ یہ آو حبہٕ خوتونہٕ تہٕ اَرِی نہٕ مالہٕ واریا رَس۔ تمو وُنی اَتھ مَنٛز بڈٕ جان شار۔ محمود سٕ ہیُو شاعر تہٕ اوس صنفچہٕ مجبوری کنۍ اَتھی سٕتی ویر گومت۔ اَمہٕ ہم آہنگی ہُنٛد اَکھ نتیجہٕ چھُ زِ یِمَن شاعرَن ہُنٛد کلام چھُ گاہے لکہٕ بُتَن تہٕ گاہے پانہٕ وانٛی تہٕ کنۍ رَلہٕ مِلہٕ گژھان زِ اصلک نیب کڈُن چھُ محال بنان۔ رسُول میرنی گوڈنِچ خوصوٗصیت چھےٚ زِ تٔمۍ سُنٛد آو چھُ نوٚن تہٕ بیوٚن نیران تہٕ تتھ چھےٚ تٔسنٛز موہر۔ رسُول میرس تام اُس یہ زن صنف زَرر یمہٕ تہٕ ہتہٕ پٕنے مٔژتہٕ۔ رسُول میرَن تہٕ چھُ اَتھ مَنٛز سیٹھا بَتھ لیکھی متۍ۔ یِم تٔسنٛدی ذأتی جوہر کنۍ بہرحال اَکھ انفرادی لہجہٕ چھُ تھاوان۔ زنانہٕ ہنٛدِ ہتہٕ اَدا گژھنہٕ باوجود چھُ یِمَن مَنٛز تاثر کأری تہٕ اِمتیأزی شناختُک انداز تہٕ رسُول میرنی فنی موہر۔ ع

بالہٕ سانِس تو سہٕ یِن کِتھ یٖیہ لوسہٕ ناوان چھُس مَدن وار
بالہٕ یارَس نتہٕ کَس کِتھ یٖیہ ونتہٕ اَتھ یٖیہ تَس میأنی زار

---

عالمہٕ گٔیلہٕ تہٕ کیا چھُ پروا سودا میلہٕ یوٚد دِوان تہٕ لولو

---

دوہ نٔد دوٚد مُت ہا وسے بو کِتھ لوٚد مُت لوٚر لولو
مأنزِ نَمہٕ پٕنے بَدسے بو ہٕٹہٕ کُے رٕتھ ٹوٚنز لولو

موت مجلون عشقہ سیتی کھوت نجدس
کھونہ للہ ون کرس گوز گوز لولو

---

یوان وچھمک منے درخاب یوسفنہ چمہ خمے
زلیخا گیسہ بے تاب چاوے جامہ جمے

مگر سہ چھ بلہ بے شونکی اندازس منز خطاب کران والی سندا پز بتھا (MASK)
تھود تلان تہ آلوک جنس تبدیل کران ۔ وژنہ کرس خالص زنانہ تہ تابیا دارانہ
صنفس منز چھ سہ ٹوی سر وزنادان ۔ یہ چھ اکھ بنیل تہ یادہ کران مگر بوزن والس
واریا خوش تہ یوان کمال چھ زنسنز مخاطب نازل تہ چھنے تتہ، گرمجوشی تہ وصل آبادِ

ع: وٹھ چانی کوسم زن ووہ زلی یے | بوسن آسہ وپنی مالوسن!
کوسنہ میلن لالن ٹلی یے | بو زتھ عاشق زلی یے ون
نیر شامن ماہ مثالی | دور گامن ژوژ ہاو روے
پردے تھاو خور دے ساکی | بالی مریئے مے روش

عشقہ بمبور تنبہ لوونس مشکہ ٹینبر زلی یے لو[2]

---

[1]: GENDER ۔ [2] ۔ حالانکہ ژدس میرس پتہ تہ رودی مہجور تہ آزادس ہوی شاعر ٹینبر زلہ
ہنز طرفہ وزن تلان ۔ ع: تمنا چانہ دیدارک منے چھم ٹینبر زے بوسبرد (مہجور)
ٹینبر زال تہ مے پتے مرہا بہ کس تھاون گرے بوسبرد (آزاد)

رسول مشتاق چھے اژلیے        دنذان تہٕ وزان سنطوٕر زن
کیا جوش چھے عشقنۍ منقلیے        بوزِتھ عاشق ژلیے وَن

رسول میرن یہِ انحراف (DEPARTURE) اوس کاشرِس شارِس منز اکہٕ تہذیبی
کرِ پھیرٕک اعلان ۔ اَوتام اوس کاشر شاعری ہنٛد لہجہ تہٕ رلوِ ایتھ پرا کرتژ رلوٕ اثر لیجہ
ہنٛد بامن ۔ رسول میرن زن تہٕ اکس باشعوٕر فنکارٕ سنٛدی پاٹھی پھِرسانہ ادبی لہر
ہنٛزوٕگ فارسِیس کن ۔ فارسی اُس کشیرِ منز پانژوٕ شتھکوٕ ہیٹھ مقیم تہٕ یہ
آسۍ کاشرِ ہنٛدِ اظہارٕک خاص ذریعہ بنے مژ ۔ مگر کاشرِس شعرس آس نہٕ امہ
چہ منزارِچ ژایہ ژامژ ۔ حبہ خوتونہٕ ہنٛدِ اکھ تہٕ نہٕ لیوسہٕ صوٗفیانہ موسیقی گیوان اُسی
لیوسہ موسیقی عجمی تہذیبہٕ کے ملہٕمژ ہنٛد اکھ دلآویز لوٗشہٕ گونٛد چھہ ۔ یہٕ اوس اکھ
تہذیبی وَشفہٕ تہٕ وکانہٕ ۔ رسول میرن گرِ یہٕ وشِتھے پوٗرٕ کرِ منیٛ کامیاب کوشش ۔ وزنہٕ
ہنٛدِ وزنہٕ علاوٕ لیکھی تمۍ زیٹھین بحرن منز غزل ۔ یم کاشرِس منز فارسی غزلک گوڈنیک
باضابطہٕ عکس تہٕ پرتو چھہ ۔ یمہٕ وِے کِنۍ چھہ سانِس ادبس منز غزلک رسمی ڈیرلابہ
سپدان تہٕ رسول میرنہٕ اکھو چھہ یہٕ زبرٕ پاٹھی پرتھان تہٕ لیٛٹھان ۔ تمۍ سنٛدین
یمن غزلن منز چھہ فارسی بحر تمہٕ آیہ استعمال کرنہٕ آمتۍ زِ یمن ہیکوٕ اسۍ فارسی میزانہٕ
کیہو قاعدو سیتۍ تقطیع کرِتھ ۔ کینہہ مثالہٕ :-

(ا) طِفلِ اشکم راغمت گہوارہ جنبانی اے صنم (رسول میر)

بحرِ رمل : فاعلاتن فاعلاتن فاعلاتن فاعلات

(ب) دِل بَنٛدِ دِل آزار، دِلا رام لِگارو (رسول میر)

بحرِ مُضارع : مفعول، مفاعیل، مفاعیل، مفعولن ۔

یِتھی غزل چھِ عموٗمن موٗسیقی مَنٛشر گنڈنہٕ آمتی تہٕ یِمہٕ نِے مَنٛشر چھِ رسوٗل میرُن اصل مِزاز ظاہر گژھان، واکھ کڈان تہٕ جِہار تراوان۔ یِتھین غزلن مَنٛشر چھِ یِتھی ہِوی باتھ تہٕ شامِل ۔ :

- یُتھ ماہرویَن چھُس نہٕ ڈیشان حُسنِ عطائی
- جانانہٕ وٕنِتھ یِہے شانہٕ کرِتھ زُلفِ خَمن آئے
- دُردانہٕ اُستھ بے خبر مرجان دَپان چھی
- عشقہٕ لوٗ مبوٗر تنبلاوٗنس ہتہ شکہٕ مُنِبرٕ زٕلِیے بے تاب کوٗ رتھس سونٛدری
- یارہٕ روٗ خ ہاد برقے تلی میحرابے بُمن لگیو۔

تہٕ یِمن مَنٛشر چھِ یِتھی شاریم کاشر شاعری ہِندِس تمہٕ وقتہٕ کِس قابس ٹوکہٕ سوٗر کران چھِ۔ شعر

باللہ مئے ناپہ تن دُزیارہٕ تَن ہاو بہرِللہ

خدارا پردہ از رُخِ دلبرا بردار امشب

پَرٕدٕ نَے تھاو بُرقہٕ مٔژراو   مُژراو دِل عاشقَن

نۏرِ رۏخ ہاو، دۏر اُلراو   پیرِ تژراو چھوکُلی یے لو

---

چھُم مٲل دِلَس لال وُچھن کَمہٕ بہانے

مجلۏن لٲگتھ کونہٕ کرَس خانہٕ گدٲیی۔

---

نَے نوشَس شیٖریٖن جواب   اَسہٕ وۄنی ہا کوسَم تھُری

دُلھ چاٲنی یاقوتِ ناب   بے تاب کورتھس سونٛدری

یہ دَنٛن گژھِہ نہٕ نامناسِب زِ ہتہٕ بدِن وُرِیَن ہِنٛدِ شعری رِوایتیچ ہٲنکل چھےٚ بعضے رسُول میرَس یتھِین غزلَن مَنٛز تہٕ کانٛہہ شار زُنانہٕ لہجَس مَنٛز وَنَس پیٹھ مجبور کران مگر تِمَن شارَن مَنٛز تہٕ چھُ لفظِیات، تشبیہہ تہٕ پیکر سازی ہُنٛد خاص اَنٛداز موجوٗد روزان ۔ ع

چھانہٕ حُسنک چھُم جلوٕ دَر دِل

ہمچو نَے کردہ در شیشۂ منزل

سوز ہُماں جوش اَست ہُماں

چھُسم نہٕ ہمَن ہمَن وہ لو!

زُلفِ زُنّار چھم سِلسِلہٕ بے شک کافرِ عشقم مَن
دیوانہٕ کُر تھس ہا پاک شلہٕ ہانٛژلہٕ کوتاہ ژالہٕ بو

یمن غزلن منٛز چھِنہٕ وَزن، بحر تہٕ لہجہٕ کے لیوت اِنقلاب ٹلی کرِ چھِہ فارسی شاعری ہٕنٛد فضا۔ موسیم تہٕ ماحول تام لیوان۔ واریاہن مِصرَن تہٕ شارَن کَن ژِنہٕ ستی چھ فارسی خوانٛدٕ قاری یِس یکدم نَنان زِ یمن منٛز لیس آلو گُنبذ تہٕ لرزش یادٕ کران چھِہ تِمِنٛک اَگر چھُہ فارسی اُستادَن ہُنٛد کلام ع :

کیتھَن چانہِن چھُہ دِل لوٗبان اَتھَن کیا مَنز چھے شوٗبان
گُلِتھ گومُت ڈلِتھ چھُے پان روٗدٕ یہ دَستن طِلا جانو۔
بلورِیں ساق تن سیمیں، سَمن سینہ سرِیں نسرین!
جبیں چھے آینہٕ آیِیں عجب تازہ جلا جانو

---

شمع ڈیشتھ دَما پروانہٕ دوٗد پَروانہٕ کوٗر تِمی
سَپُن تَس نوٗر نارَس یار ڈیوٗٹھن آشکار

---

چھُس کعبہٕ ...... رُوے ابرو طاق چھِہ بَر طاق
دَر راہِ عشق سجدہ رَوا دوٗن بُمن آ...

دَر دورِ حسنت چشمہٕ وُچھتھ کاسہٕ گدا چانٛی
خورشید تے جمشید ہیتھ چھی جام زِگارد

---

یُس شار آخرس پیٹھ چھ دٔرج کرنہٕ آمت۔ تمیُک فِضا چھُ وُچھنَس لایُق۔ کاشرِس شارَس کرادس یہٕ وُسعت، وَہراو، کُشادگی، ظرف تہٕ حوصلہٕ یاد گومت۔ اَمہٕ زورِ بیانکی ہوی شار ہیکہٕ ہوک نہٕ اُسی اسٲنی سان فارسی تہٕ اُردو ہَس منشر تہٕ وَنہٕ گٔژھتھ رسول میرَن یہٕ تہذیبی استفادٕ چھُ کاشرِ ادبہٕ کِس آنگنس منشر دارسی تہٕ عجمی تلمیحَن، استعارَن، ترکیبَن تہٕ اسطورَن ہُند زِتنہٕ نزوٗل کران۔ یہٕ چھ زبان سازی ہُند عمل تہٕ اَمہٕ سِتی چھیٚ کاشرِ زبان واریاہ وُسعت لبان۔ سانین بزمی تہٕ رزمی مثنوٕیَن منشر چھ یمو منشر کینہہ ترجمہٕ کرِ حسابہٕ آمتی۔ مگر یَم غزلہٕ کِس دامنَس موختہ پھلین ہنٛدی پاٹھی جَرٕ ذتہٕ فنکارانہٕ باوژ ہُند وسیلہٕ (VEHICLE) تہٕ اَوزار (INSTRUMENTS) بناوِتھ یییمہٕ آیہٕ رسول میرَن ورتاوی، سُہ چھُ تَس سانہٕ ادبی رلواتیک اَکھ ہونرمند جوہری بناوان۔ رسوٗل میرُن کلامَس منشر چھ "سیاہ چشمانِ کشمیری[1]" تہٕ موجود تہٕ "ترکانِ سمرقندی" تہٕ۔ یہٕ چھیٚ تہذیبی پیوند کاری تہٕ اَمی منشر چھُ

---

[1]: زِ شعرِ حافظِ شیراز می گویند و می رقصند / سیاہ چشمانِ کشمیری و ترکانِ سمرقندی (حافظ)
[2]: فرہنگ ہوچھو۔

تَبِ سندِ فنک گُلِ اَنار پھولان تیتھہ زِ مقبوٗلن شارچُھ یاد پیوان ع :

تھرِن پیٹھ کیٛشا زلن گُلھلے اَنار

زَلن بُلبُل کُلِس پیٹھ ماہیوٗتن نار

نوم کینہہ عجمی تہٕ فارسی ترکیبہٕ چھےٚ تمیٚ حافظ فردوسی تہٕ نظامی سندی پاٹھی ورتاوِ مٕتی :

رُستم، سام، جمشید، جامِ جم، منصور، خونِ سیاوش، نقشِ چین، لعلِ یمن، یاقوتِ رُمّان، آہوئے حرم، باغِ اِرم، ماہِ نخشب، ماہتابِ قندھار، آفتابِ بلغار، پرتوِ حُسن، فرشِ سمن، تارِ زُلف، صُبحِ نوروز، سروِقامت، مُشکِ خطائی، آشوبِ توران، حورلقا، بوس و کنار، شمشاد قامت، آہوئے شکار، نازآفرین، رشکِ غزال، جنت تاثیر، سُرمۂ ظُلمات، شورِ عجم، مشہوٗرِ عرب، غنچہ دہن، سامنِ زندانہ پرتوِ حُسن بتیر۔ یمن منٛز چُھ آفتاب بلغار تہٕ خونِ سیاوش ہِشہ ترکیبہ ییم شاید تس پتہٕ اَزتام کانٛسہِ کاشرِ شاعرن چھنہ ورتاومٕتۍ[1]

رسوٗل میرن چُھ کاشرِ ادبک دامن زیٹھراونہٕ خاطر براہِ راست فارسی اُستادن ہندین اشعارن کنہِ ساتہٕ سیوٗدتہٕ کنہِ ساتہٕ ورگہٕ ترجمہٕ کوٗرمُت تہٕ اکثر جاین چھُن خیال پیہم لفظن ہتھ نوٗ بینہ تہٕ طرح دِژمٕتۍ۔ مثلن نوم کینہہ شار۔ ع

---

[1] : فرہنگ وُچھو۔

حافظ: من از آں حسنِ روز افزوں کہ یوسف داشت دانستم

کہ عشق از پردۂ عصمت. برون آرد زُلیخا را

رسول میر: چھک یوسفنہ اَنہار کر بوز زُلیخا

مُشر نیرِ منشر بازار لچھ پَردِ ژٹے لو

غنی کشمیری: تا تو گِل آلودی اے ماہ، پنجۂ چوں آفتاب

شُد مرا وِردِ زبان لیتنی کُنت تراب

رسول میر: دِوان چھک میٹرِ زن آب، دِپن چھس دَمہ دَے

لیتنی کُنت تُراب، چھاوَے جامِ جمَے

نامعلوم: آہوزِ تو آموخت بہ ہنگام دویدن

رَم کردن و برگشتن، استادن و دویدن

رسول میر: آہوئے ماچین زانہِ کھیو، ہرن تمنا چون ہیوٗ

پھیرا، دِچھن ٹھہرا، اتہ رَم، کَن تھاوِ روخ ہاوٕ اے صنم

امیر خسرو: خلق مے گوید خسرو بت پرستی مے کُند!

آرے آرے میکنم با خلق عالم کار نیست

رسول میر: زوٗس چھ زانتھ دین و مذہب اوہ رخ تہ زُلف چون

کوہ زانتھ گو کفر سے اِسلام لگارد

زبانی وسعت دِنس تہٕ اَتھ عالمی ادبک آبِ حیات چاوَنہٕ یِس
سِلسِلَس مَنٛز چھُ رسولؔ میر عربی زبانی کُن تہِ نظر تُلان تہٕ قلمُک پلو تارِتھ چھُ تِمہِ
زبانی ہُنٛد راشس تہٕ گاشس گرٛانان۔ اَتھ سِلسِلَس مَنٛز چھےٚ زیادٕ اَہم کتھ زِ تسُنٛد
توجہ چھُ قرآنِ حکیمس کُن گژھان۔ نُنٛدٕ رِیشی اوس اَمہِ برونٛہہ واریاہ کال قرآنی تٲلیم
تہٕ تلمیحن ہُنٛد نوٗر کاشِرس مَنٛز وآنُو وُمت۔ مگر تہنٛدِس کلامس مَنٛز چھُ یہِ مذہبی
تہٕ تبلیغی خُشی یَتِس مَنٛز۔ خالِص تخلیقی تہٕ فنی سیٚتھرس مَنٛز گاشرو وقرآن حکیمہٕ کِہ
نوٗرٕ سیتی رسولؔ میرنہِ کاشُر ادب۔ تٔہنٛدِس وَقتس تام اوس نہٕ اَمہِ کَشرِ تہٕ ساںن
کاٗنسہ قرآنِ شریفہٕ نِشہِ اَتھ سطحس پیٹھ استفادٕ کوٚرمُت۔ یٖیمہِ برجستگی، رَوٲنی
تہٕ دوستادی سان یہِ پینہٕ نین شارن مَنٛز تمی ورتاوومُت چھُ۔ تِمہِ سیتی چھُ باسان زِ
زِ قرآنٕکِس اسلوٗب تہٕ مفہومس پیٹھ اوس تَس پوٗرٕ نظر۔ بہرحال تسُنٛد یہِ آغاز
چھُ کاشرِ زبٲنی اَکھ نوو آسمان عطا کران۔[1] ع

ٹیکہٕ ڈیکس تَس اَز دور و چھمے نورٌ عَلیٰ نورُ
آفتابس پیٹھ زُون زَن تے وَن تے لو

---

[1] : فارسی و نٛز چھُ خواجہ حافظن تہِ پننِس غزلس مَنٛز قرآنہٕ کِنہٕ ہیکی آیاتِ مقدسہ اَمی آیہ ورتاوِمتی۔

چھے کاکُل کِنہِ اٰیِنیس آہ! ییتھ قرآنس پیٹھہٕ کِنہِ بِسم اللہ
پانہٕ لیو کھمٕت چھہٕ اُمی ذوالجلالی یِلو بوٗش حُسنَس روزی نہٕ کاٗلی یے لو

---

چھُس وَصفِ یٰسین تعریف طٰسٓین حامیٖم زیورِ الحمدُاللہ

---

رسول اَز حُسنِ تو اے ماہ سَپُن دیوانہٕ کیٚشاہ چھُس راہ
وُچھن تِمی مظہرِ اللہ تہٕ وٚوننے کمی صِلا جانو

---

اے حوٗر صورت چانہٕ برتَل پیٚوم رِوان یاد
جنّاتِ تَجری تحت الانہار دِلبرو[1]

---

از غمزہ ہاروت وزِ رَمزِ ماروت

---

دِوان چھک مٔیتھرِ زَن آب دِپان چھُس دَمہٕ دَے
لیٚتی کُنت تراب چاوِ مے جامِ جمَے

---

[1] : رَدٕ سُل میٚرِن چھہٕ سیٚوتے حافظس ترجمہٕ کوٚرمُت ع
چشمِ حافظ زیرِ بامِ قصرِ آن حوری سرشت شیوۂ جنّات تجری تحت الانہار داشت

قد چون الف لام زُلف میم دہن چون

پوز عقلِ سبق شکلہ اُلف لام زِلگارو٬

---

قرآنی حوالہ تہٕ ذِکر چُھ تمہِ کِس متنس (TEXT) نِشہٕ براہ راست اِستفادٕ نہٕ کرنہٕ باوجود رسول میراکہ شعری ژھلکو (DEVICE) پاٹھی تہٕ استیمال کران ییتِھ تس حُسنُک ذِکر تہٕ جلوٕ شوز راوان تہٕ شہوتہٕ کہ غبارٕ نِشہٕ دور تھاون آسان چُھ۔ تمہٕ وزِ چھُ سہ قرآنس کُن اِشارٕ کران یا تمثیک ناو ہیوان۔ ییلہِ امہٕ حوالہٕ پرن والی سُندِس خیالس منز پاکیزگی ہند فضا خیمہٕ گنڈان چُھ سہ عشقُک تہٕ حُسنُک ذِکر کرِتھ اکھ عجیب لُطف پادٕ کران۔ یہٕ چھِنے تژمے ہشِ باشی ییمِنٛیک ذِکر کولرج، شیکسپئرٕ سِنٛزِ نظمہٕ" وینس تہٕ اڈونس" (VENUS & ADONIS) وژھناوُن وِزِ چھُ کران:

"IN THE HAND OF AN ARISTO OR WIELAND THIS LOVE STORY, IN WHICH A VOLUPOTOUS LADY IS PASSIONAITELY TRYING TO SEDUSE A YOUNG MAN WOULD HAVE BECOME AN OBSCENE DEMONSTRATION OF SEXUALITY AND LUST IN ALL NAKEDNESS. BUT SHAKSPEARE HAS PRESENTED THIS STORY OF ANIMAL IMPULSE IN CIRCUMSTANCES BEST CACULATED TO DIVERT THE READER'S ATTENTION FROM IT."

(ترجمہ)؛ "ارستو تہ وِی لینڈ ہیوِن شاعرن ہندِس اتھس منثر بنہ ہیٗے
یہ لولہٕ کتھ؛ یتھ منثر اکھ شہوتھ ران زنانہ اکس چھوٹہ نوجوانس تھپہ دِوان
چھ پرٛھان، اکھ ننگہ تہ عریان ہاوس کاری تہ شہوت رانی، مگر شیکسپیرن
چھ حیوانی ہاوس ناکی تمہ انداز پیش کرمت۔ یتھ زن پرن وٲلی سُندا
توجہ اتھ نیتھ ننہرس کُن گژھہ نہ۔"

امیُک مطلب گوٚو یہ زِ رسول میرس تہ شیکسپیرس چھنے کانہہ نسبت۔ مگر رسول
میرن کینواس کوتاہ تہ محدود تہ لوکٹ اُسی تن۔ ژھل (DEVICE) چھُ گنے۔ نوم شار
تہ چھ قابلِ غور۔ ع

مجلوٗن موت گوٚو کیاہ سنہ کرے
سر منثر تس گے ہپر دِنی ناو
مال چھس لأہ سِتی قرآن پرے
دولہ ویسی ونتس کونے آو

---

صُبحِ نو روز روے ییلہ ہوون شبِ قدرے موے ییلہ تزوون
روزِ روشن کوٚز نم شلنے تنہ یور نے آمے ٹتی یے
پزر چھ زوٗسل میرن بنوو سکھس SEX پاکیزر تہ پوٗر تر۔

ذالس متےٚ وٚنِم زار دوہس عار ہیٚی نا
راتس متےٚ ترٛہہ سیپارٕ پرٕہم چانہٕ لولرے

---

سیب زنخ ، نارنج سیماب ، ھُسنکہٕ کوثرک نتہٕ حُباب

---

ڈیکہٕ تےٚ نس اے صنم     چھُے شُبان لوح و قلم
عاشقن قِسمت لیکھان     کارِ وۄگنُ     دۄرٕ دان

---

یاروے زُلفِ سوٗنبُل یا گُل بہ چنگِ بُلبُل
قُرآں بدستِ کافر ظالِم عجب ستمگر

---

ہیہِ وچھس رۄپہٕ سُندی قُبےٚ     معرفت زن دۄ تھمُت نبےٚ

---

کتھ ہیکہِ واریا دۄرِتھ مگر اَتھ مضموٗنس منٛز چھُنہٕ یہِ نۄکتہٕ کم قابِلِ توجہ زِ عجمی تہذیبس کأشرِ زبأنی منٛز استوار کرنس منٛز یُس حِصہٕ رسُول میرن اَدا کوٚر تمِیُک اَکھ روٗخ چھُ یہِ زِ تمی بنوو پننِس شأیرِ تخلیقی استعمالس عربی تہٕ فارسی رسم الخط تہٕ

خاص کٔرتھ تمنیک نستعلیق طرز، کاشُر زبٲنی ہُنٛز تہذیبی وراثت۔ کاشُر اوس واریاہس کالس سنسکرت کِس شاردا رسم خطس منٛز تحریر سپدان۔ مسلمانن ہُنٛز حکومتہِ پتہٕ آو فارسی خط۔ مگر رسول میرن بنوو یہِ فنکاری ہُنٛد اَنہٕ۔ لِکاہ ہر گا کنہِ وکاہ کٔنہِ یہِ خط ترک پیہ کرُنہٕ۔ تو تہٕ روزِ رسول میرُن یہ گفتار تمہِ کِہ وجوٗدٕ پتہٕ قتلک شہادتھ یا دلوٗزِ تُشند کلام روزِ یہ رسم خط برقرار روزِنچ ضمانتھ۔ ع

قد چون اَلِف لام زُلف میم دہن چون

پوٗرعقلِ سبق شکلِ اَلِف لام لِگارو

لام لفظس منٛز چھےٚ رسول میرن پننہِ شاعرانہٕ ہُنرُک اکھ مِثال ہاوِمٕژ۔ یعنی اَتھ منٛز چھہ اکِس لفظ 'لامس' منٛز (ل-ا-م)۔ (الم) لفظکی ترےشوے ارکان۔

اَلِف سیُدم قد چون ڈٲشتھ دال

زُلف چھس جیسم تہٕ میم دہان

ابرو دونوں، چشمانِ دو صاد

اَلِف چھس قد تہٕ میم دہان      سیماب خوے سیم تن تہٕ لولو

پتھ کٔنی کورُن تمی تخلیقی اظہار سیتی یہ رسم خط کاشرس منٛز مستحکم تہٕ قلعہ بند۔

(ENTRENCH)

رسُولؔ میرنہِ کلامٕچ بٔیاکھ خوٗصوٗیژھ چھےٚ تٔمچ موٗسیقی ۔ یہ موٗسیقی ریز صوٗرتھ چھےٚ تٔسندِ اَندرٕمہِ آہنگہٕ سیٖتؠ تہٕ یادٕ گرٔژھان تہٕ اَتھ چھُ موسیقی سیٖتؠ تٔسندِس تاشوقس تہٕ واٹھ ۔ تٔسندی واریاہ غزل ییم ہرگا تحت اللفظ تہٕ پرٕ ہوٚکھ تو تہٕ چھےٚ یہ زٕلوُ مُدران ۔ کلہٕ گتہٕ گیوٗر کرُن ہیوان تہٕ جسمس گلن لگان ۔ زٔن تہٕ چھےٚ یہ تٔسندِ شاعرانہٕ وجوٗدٕچ نغمہٕ بار بنان ۔ کولرج ہشنر کتھ "تو تانی ہیکہٕ نہٕ کانہہ شخص حقیقی شاعر اَسِتھ، یوت تانی نہٕ سُہ پننس رٔوحس منٛز موسیقی ہیتھ زامت آسہِ ۔" تیلہِ رسُول میرنٛدیم نغمہٕ سنطوٗرٕ تہٕ سیتارس ہیٚتھ کھسان چھِ ۔ لیکن تام چھُ تِتھے کُنی وَجِد لیوان، ییتھہٕ کُنی غالِب وَنان چھُ ۔ ع

جمال کالبدِ صوٗرتِ دیوار ہیں آئے ۔

فارسی ہس منٛز چھُ خواجہ حافظ سُنٛد غزل اُمنیک سیٹھا اعلیٰ مِثال تہٕ امیر خسرو سُنٛد کلام تہٕ ۔ کاشرس منٛز چھےٚ یہ رلوایتھ مہجورس تانی واتان ہرگاہ کم زیادٕ شیہہ ژھوٚکِتھ ـ موسیقی ہنٛز یہ لہر چھےٚ شاعر سٕندِس کلامس منٛز اَکھ اندروٗنی چمکہٕ پاد کران ۔ ییمہٕ سیٖتؠ شارکی لفظ تہٕ گوشہٕ ہتہٕ کنڈلینہٕ بجلی بتہٕ ہنٛدی پاٹھی نیہ نیہ کران چھِ تہٕ اَکھ ذہانتھ آشنا سوٗرٕ پاد کران چھِ ۔ یہ مشرقی شعری رٔوی یہ

لہ : شاید چھُ حافظ شیرازی سُنٛد ییمہٕ شعرک اَندریم خیال تہٕ یوہے ۔ ع

راز سربستہ ما بین کہ بدستان گفتند
هر زمان با دف و نے بر سر بازار دگر

چھُنہٕ تِمَن نقادَن ٹار کھسان یِم دوٚن زُم معیار آنِتھ اَنہٕ کھَلے سانِین شارَن پرکھاوان چھِہ۔ تریلوکی ناتھ رینہ ہَن چھُہ مہجورَس تہٕ تِمہٕ توسطہٕ ظاہر ارسول میرَس یِہ چھُنہٕ کھورمُت :

"یِم شاعِر چھِہ ساز نگ نوازی پیٹھٕ تحیہٕ کران۔ یِہ چھُہ موسیقی ہُنر ژوٚن نِہ بردارِی ہنر سوبٲشں. لیوسہٕ تِمَن شاعرَن ہِندِس کلامَس مَنز لَبنہٕ یِوان چھُہ۔ یِم شار زیادٕ ہَہَن موسیقی باپتھ لیکھان چھِہ" [1]

(انگریزی پیٹھٕ ترجمہٕ)

رینہ ہَن چھُنے یِہ کَتھ مرزا عارِف سُند حوالہٕ دِتھ لیچھمنہٕ۔ تہٕ اَتھ گواہی پیٹھٕ چھُنہٕ زیادٕ تبصرٕچ ضرورَتھ۔ حالانکہ چھُنے نہٕ رینہ چھُہ یِہ فتوی صادر کرنہٕ وِزِ یِہ کَتھ مشراوان "زِ تِمَو یِیمہٕ کھوچہٕ کاشر شاعری پرکھاونہٕ خاطرٕ ورتاوِمٕژ چھِہ۔ تِمہٕ کانٛہہ کھوچہٕ چھِنے تاپتھ سپنزمٕژ۔ تہٕ نے آسِہ ہے۔ رینہ مالیکھ ہے ماسٹر زِندٕ کولس متعلق یِہ قصیدٕ:

"ZINDA KAUL IS ONE OF THE FEW POETS WHO HAVE USED THE GHAZAL FROM SUCCESSFULLY."

زِندٕ کولس پیٹھٕ غزل زنٕہ ناونک الزام لوٗزتھ چھُہ اُسن یِوان مگر رینہ چھُنہٕ اَتھ نے کَتھ ژٕنان۔ اَکھتے چھُہ تیتھ ہیوٗ ہمے بٔنگہٕ کرن وول بیان تہٕ جٲری فرماوان :

---

لہ : "AN ANTHOLOGY OF MODERN KASHMIRI VERSE"

"ZINDA KAUL REMAINS ONE OF THE FOREMOST POETS OF THE TWENTEETH CENTURY."

اَتھ چھُنہٕ شَک زِ زِنٛدٕ کولَس توٚر کاشُرِ زبانی منٛزٕ گوڈنیُک سفارشی ساہتیہ اکادمی ایوارڈ مگر یِتھ پَرزِس کیا کٔرِ زِ سُہ چھُنہٕ سانہٕ موتبر شعری رِوایتک کانٛہہ میلہٕ ئِٹ بنِتھ ہیوکمُت تہٕ کاشِرِ اَدَبَن چھُ سُہ سینہٕ چیو المارِ منٛزٕ کڈِتھ طاقِ نِسیانَس پُشرومُت۔

رینہٕ چھُ مہجوٗرَن ذِکرِ کَران رسول میرَس مُتلِق موختہٕ چھکان :

"BUT LIKE RASUL MIR, HE NEVER WRESTED WITH THE PROFOUND QUESTIONS OF HUMAN SOUL"

اَتھ بَیانَس کانٛہہ بُنیاد چھےٚ۔ تِتھ پیٹھ کَرَو ذرا بزٕو نہٕ ئِکیتھِ کتھ۔ مگر حٲرانی چھےٚ زِ زِنٛدٕ کولَس وُہمہِ صدی ہٕنٛدِ ین سارِوے کھوتہٕ سَرکَردٕ شاعِرَن منٛز شُمار کَرَن والِ کیتھٕ کِنی چھِ رسول میر تہٕ مہجوٗرَس سَرسَری نَظرِ تھےٚ زڈنکھِ واجِہٕ۔

یہ کَتھ وُزِوہ مَنٛزٕ۔ رسول میرنہٕ موسیقی ریزی ہُنٛد بیاکھ آگُر چھُہ کاشِرِ موسیقی سیتی تُشند واریاہ شروَن شوغف۔ کاشُر موسیقی ہُنٛرِ کُنہٕ سوٚنبرِنی اکھ ہیٚٹھی ہیٚٹھی نَظرِ دِنہٕ سیتی چھِ یِتھی شار نظرِ گژھان :

---

[۱] : امہِ موسیقی ہِندی واریا قلمی نوسخہٕ چھِ کُتُب خانَن مَنٛزٕ۔ احمدُاللہ ہنجابی تہٕ چھِ چھاپ کَرمتِ کِتابہ مَنٛز واریاہ تہِ دِتی میتی

مار ہاے زُلف تو مارا چوں ماراں میگزند
مار ہاے کے میشوَم اَز دَستِ چندیں مار ہا

---

چشمِ تو آہوست یا جادوست یا صیادِ خلق
یا دُو بادامِ سِیَہ یا نرگِس شہلاست ایں

---

گُفتی کہ بُود کعبہ وُ بُت خانہ جُدا
در مَذہَب عشق ایں نمیدانِستم

---

دُو زُلف تو چُو زنجیر اَست اگر میداشتَم ہوشے
دِل دیوانۂ خود را بموئے بَند میکردَم

---

یِمَن شارَن ہُنَد اسلوُب، ادا، لَفظیات تہٕ پیکر طرازی چھےٚ رسُولَ میرَنِس کلامَس مَنز ساٚری سٕے چھُکرِتھ۔ یِمَن ہیکہٕ ہوک شارَس شار لَرِ لوٚر تھاوِتھ تہٕ الگ الگ مِصرعَن تہٕ ترکیبَن مَنز تہٕ وُنی دِتھ۔ مَثلَن نوم شارُ وُ چھتو۔ ع

مارِ ناوِتھ مارِ زُلفو مارِ مُتی پے لُتی پے

## چھِے چشمہٕ یا آہوٗ بادام یا جادوٗ

چشمہٕ جادوٗ یا چھِہ بٔرم رشکِ آہوےٚ حٕرم
نرگِس باغِ اِرم چھانہٕ عرفانُک قسم

---

جانانہٕ ونِیسی یے شانہٕ کران زُلفِ خَمَن آے
دیوانہٕ دِلَس کرِ ہیتھ زنجیر بَمَن آے

---

ژٕہنی پوشُک رَنگ آم نشہِ نے
مےٚ ہیوتَم ژَنڈنَس کنگ

---

یِتھے کٔنی چھے تمَن کاشرِن بٲتَن ہُنٛد زَبان، مِزازٕ تہٕ طرزِ اَدا تہٕ رسوم میٚن نِس کلامَس نِچھہٕ۔ یِم کاشرِ موسیقی مَنٛز گنڈنہٕ آمتی چھہٕ۔ صِرف کینٛہہ شار۔ ع

پٔژنگ بٔہ گرٕیو ژنٛدَن دارو
رُژنگ چھون گُل انارو لو

---

شالہٕ مٲر باغَس ماگَس رَنہٕ لو سوٚنہٕ لانکہِ نرٛولا زالہٕ یو
ہاہرٕ نے تاپے شِین زن گٔلہٕ لو یلہٕ لو یَنہٕ رنے مالِنے

شالہ مارٚ باغس ماگس زنہ یِو  وَتھرٕن گرِیو خاصہ مخمل
اَلہٕ تہٕ زافلہٕ بہٕ چَنٛدٕ برِیو  زاگہِ سوٚنٛدر ٹرارٕے یارٕبَل

---

یِم سارِیٕے ترکیبہٕ تہٕ یہِ سوٗرٕے انداز چھُ رسول میرنِس کلامس مَنٛز جایہ جایہ

زوتان۔ تہٕ یہِ چھُ معنی خیز زِ کاشرِین شاعرن مَنٛز چھُ رسول میرنِس مزاز ہیٚوت

یِم یِتھی نزدیکھ باسان۔ کاشُر موسیقی چھُنہٕ زیادٕ پرٛون شہرٕے پھیٚپہ مہٕ تہٕ پھوٚچھنہٕ

تہٕ کیاز زِ یہِ اوس نہٕ عام لوکَن ہنٛد سنگیت۔ یہِ اوس اشرافن یا رئیسن تہٕ جاگیردارَن

ہنٛدِین دیوان خانَن مَنٛز وزان۔ گامہٕ تے ہرگاہ کانٛہہ صوٗفیانہٕ گیوان اوس۔ سُہ تہٕ

اوس اَتھ عام لکن بجاے خاصَن نشہٕ وایان۔ تہٕ کیاز زِ یہِ چھُ کاشُر موسیقی ہنٛد کلاسِکی

روٗپ تہٕ کلاسِکی موسیقی چھِنہٕ عوام پَسنٛد آسان۔ اَوے یِم باتھ اَتھ مَنٛز

گنٛڈنہٕ چھہٕ آمتی۔ تِم ہیٚکہِ ہوٗک نہٕ لیکھہٕ باتھ گنٛڈرِتھ۔ واریاہَن باتن ہرگاہ نہٕ

لیٚکھِتھ چھُ اَتھ لِوان مگر موموٗلی تَچھ تَچھ کرنہٕ ستی چھُ کانٛسہٕ نَتہٕ کانٛسہٕ شاعرس

ستی اکھ ٹھیک داٹھ نیران۔ یِمَن شاعرَن مَنٛز چھُ خواجہ حبیب اللہ نوشہری، حبہٕ خوتوٗن

مُنشی بھوانی داس کاچرٕ ہِوی خواص شامل۔ بیٚیہ چھِے یِمن باتن ہنٛز زبان ترٛٹھ مرصع

تہٕ یِم ترٛزلیکہ ادبی گسنہٕ تہٕ بنٛدِش چھ تِم کیفیت تہٕ گوٗلی کنی بدٕن سیدان۔

یِمَن باتَن ہِنٛدی کِردار چھِ شراب چێوان ۔ مَحفَل لاگان ۔ پڑنگ وَتھران، سونہٕ ہِنٛدی
زیوَر وَرتاوان کوٚستوٗری نافہٕ تہٕ اَدفَر چھاوان ۔ یِم چھِ عام لُکَن تھوٚد ۔ یِمَن کِردارَن ہِنٛز
جِنسی ترٛاپہِ چھےٚ نمایاں تہٕ نَنہِ ۔ تہٕ اَدے چھےٚ یِہنٛدِین باتَن ہِنٛز لَے تہٕ لُکہٕ باتہٕ نِشہِ جُدا ۔
رسوٗل میرنین باتَن تہٕ یِمَن مَنٛز یَس حیرت انگیز ہِشَر چھُ، سُہ چھُ ہاوان زِ رسوٗل میرنین
اَمارَن ہُنٛد دٲیرِہ کیٛاہ اوس تہٕ سُہ کوتاہ اوس موٗسیقی سٟتؠ چھوٚرنہٕ آمُت ۔ موٗسیقی ہِنٛدِین
باتَن ہِنٛدی بٲگۍ چھُ تَسُنٛد معشوق تہِ تَھرزاز تہٕ طَبقُک تہِ یِہ ۔ چھُنہٕ تَسُنٛد کلامہٕ نِشہِ
آشکار ۔ ع

ناٲلۍ ڈٲبہٕ بێنھہِ سے کِنہٕ زَنگہٕ لَرے
وونہٕ تھہ وێسی یارَس پڑنگ وَتھراو
کێنہہ نہ مُنٛگہٕ سے شوٗنٛگہٕ تَسے لَرے
وونہٕ لِہ وێسی وَنتے کونے آم

---

مَتیشوٕ یکھناژٕ سوٗنے سیم تَنے جیم زُلفَن
عِطرٕ، چنبیل تے پھلیل مَلِہ یوٕ مَدٕنو
رسوٗلن پیالہٕ چشمَن، خوٗنِ جِگر کوٚرنہٕ شراب
کباب دِل بُژِ تِیٚے کٔیت تاوِ تَلِہ یوٕ مَدٕنو

کالہٕ مستس طاقیس چھس برسر
عطرٕ نافے مولمُت بنیہِ ادفر

ہیٚنزٕ پیسران ژۄنہٕ تے دایہِ لولو
رِنٛدٕ پوشہِ مال گنٛدٕنے دٕرایہِ لولو

---

خاتون اوٚشس چھس ہاران دارے [1]

---

مس چھوٚ یا شراب خوارا کیٚشازِ گرتھس خراب تہٕ وائے

---

رسول میرنس کلامس منٛز چھہ اَسہِ تیتھی لفظ تہِ نظرِ گژھان۔ یِم خوٗبصوٗرتھ آسنہٕ باوجوٗد ازچ چلے جاوٕ نیٚبر گامتی چھہ۔ یِم چھہٕ تَسنٛدِ کلامہٕ علاوٕ وٕھنی صرف موسیقی منٛزٕ کنن گژھان تہٕ رسول میرس متلق اَکھ اہم نیب دوان۔

موسیقی : نیرِ نتہٕ کرسے اوٚرہ منٛز جاے
میر : اوٚرِ منٛز تَس گوٚرِ گوٚرِ کرہٕ ہے

یِتھی کینٛہہ لفظ تہٕ ترکیبہٕ چھےٚ ییٚمہِ سوٚنبرن ہنٛدِس انٛدٕس پیٚٹھ وَنہٕ آمتی۔

---

[1] : خاتون اوس بادشاہ تہٕ رٔیس باین ستی استعمال سپدان۔ مثلن حبہ خوتوٗن، مخدومہ خوتوٗن (ابدٕ ہٕ شہنشاہنی حرم) بیتر۔

عجمی ادبک یہ ذکر روزِ نامکمل، اگر نہ یتھ کتھ کُن اِشارٕ ییہ کرنہ زِ رسولؔ میرنس کلامس
چھ شاید گوڈنچہ لٹہِ عجمی تہذیب کین کینشرن اہم نقوش نگین ہند تہ ہندِ کامہ ہندِ نسبتہ
ناوِلیوان۔ مثلن یہ شارٕ وُچھتو۔ ع

چشمہِ دِلکشتھ چانہِ مس چھیتھ    مانین کوٚر ترکِ صوٗرتھ
ترکِ بدخو، مرگِ آہو    نرگسِ نیم خواب تہ واے

یہ مانی چھُ فارسک مشہور مصوّر مانی یُس سُند ناو بہزادس سِتی۔ یوان چھُ تہ یُس
کُن غالب سُندِس یتھ شارس منز اشارٕ چھُ۔ ع

نقشِ ناز بتِ طنّاز بہ آغوشِ رقیب
پائے طاؤس پئے خامہ مانی مانگے

یوتام میانین ناقص مؤلوماتن ہُند تعلق چھُ کاشرس منز چھُنہ کانٛہہ
شخص رسولؔ میرس برونٛہہ مانی سُند ناو ہیوان۔ حالانکہ تس سُند کشیر
یُن چھُ ثابت۔ یہ چھُنہ صرف اکس شخصیہ سُند ناو ہینک معاملہ۔ یہ چھُ اکھ فنی
اسلوب پرزنٲونک تہ ورتاونک اِشارٕ تہِ۔ رسولؔ میرس کلامس منز چھُ مصوّری
ہندی لیوٕ وٕنی نوٚم مؤجود۔ مانی سُندی برش کیا آسن میرِ سُند و قلمی
تصویر دکھو تہ رنگین تہ نُند باڑ تہ تیری بناوی متی۔ ع

ژُھ شُراوَن، ہِیہِ ژھاوان نارِ انہار
سو یاوَن مُتِر ژھٔنے پیر تِھ جامہِ ژُھتیِ یے

---

کامہِ کِس جامہِ پاَرِس ژُھتیِ یے     شیر لاگَس گُل انار!
لوَب آَے ؤوَب صوَرٔتی یے     دَنتہِ لُتیِ یے تَس میٔانی زار

---

گُمہِ شبنم گُل روخَس     زَن چھ عرق دانہِ تَس
نَتہِ بوَمبوَر وُبوَر تلان     کارِ ووگَن دوَرِ دان

---

موکَشَس ہیٹھ میلہِ ہیٹھوَر     پوشہِ لَنجہِ ہیٹھ زَن تمیوُر
زوَنہِ ہیٹھی تارَکھ پکان     کارِ ووگَن دوَرِ دان۔

---

ہی تہ مَسوَل ہِیہِ ہینِہ زَل، برہِ گژے تُرے کَن وُچھان
چشمہِ سیاہ، روخ ووزالی، جامہِ ژُھتیِ یے، لُتیِ یے
سینہِ ژُھے آئینہ آئیں، دَست وُیا گلدَستہِ زَن
رانہ ژھاوان ہارشُراوَن ہِیہِ ژُھتیِ یے لُتیِ یے

---

عشقہِ ہیچان زَن ارغوانَن منٔنر     کاتِہ زوَن زَن دوہِ شہمارَن منٔنر

نقشِ چنِس زُنّار ناکھ لیے لو        بوش حُسنک روزی نہٕ کاکھ لیے لو

---

چھے زری طاقس سیٚہ مستس نتہٕ درشب پٔری
کالہٕ آو برس بیٚٹھ شوبان زن ماہِ تابان اے صنم

---

دنْد چانْی موہ ختے ہارٕ وٗٹھ لال یمن یمن!
نتہٕ شفق بنیہٕ ستاریارٕ پتہٕ یمن یمن

رسول میرنس کلامس منٛز چھ کینہہ تتھی فارسی، عربی لفظ تہٕ آمتی۔ یم پتہٕ سانہٕ شاعری منٛز جدید دورٕکی پیمان بنان چھ۔ میرن یُس استیمال یمن لفظن ہُنْد کورمُت چھ، سہ چھُ تمہٕ وزِ سیٹھاہ عجیب باسان۔ پتہٕ بدلیوو یمن لفظن ہُنْد مزاز سے مگر سانہٕ شاعری منٛز چھ تسی نشہِ یم نومُودار گژھان۔ ع

تقریر: صبا با گُل ونان تفسیر آیہ
گرن ہیوت بُلبُلن تقریر تتی یے[1]

---

[1]: روُسُل میرن یہ ورتاو چھُ تمہٕ وزِ زیادٕ معنی خیز۔ تس پتہٕ واریاہ کالی چھا سے دُچھان زِ یوہے تقریر چھُ بیکچِر بنتھ یہ صورتھ اختیار کران۔ ع
دہ بوہا پوشہ نولو پوشہ تنسہِ بیٹھ تازٕ بیکچر کر گوہ لابن ہیہ، سنی پوشن ژیکہ وٚچہ تازٕ انبر کر (مہجور)

اِنقلاب ؛ پَردٕ ژٕ ٹھ پتےٚ لارے   دَرد پَنٕنے ژٕنے ماہ پارٕ بے

مَتو ژٕ ژتم شاہسوارٕ ے   لوٚت کیٚا اِنقلاب تہٕ واے

کَتھہِ ہنٛدِ بیٚا کٕھ پاس چھُنہٕ کَم دِلچسپ ۔ رٛوٗسل میٚر چھُ عجمی مزاز پانہٕ ناوِنہٕ باوجود اَکھ پوٚز شاعر تہٕ فنکار روزان ۔ سُہ چھُنہٕ ہنٛدوستٲنی دیومالا تہٕ توارٟخٕچ منٛز مناسب استعارٕ تہٕ علامژ پٮ۪ہٕ اَنٕنس مَنٛز کانٛہہ واے کران ۔ تَسنٛدِس کلامَس منٛز چھ یِم اصطلاح تہٕ نوٚبرتہٕ تخلیقی وَرتاوک پٲٹھ ہیتھ ۔ سُہ چھُ اَکِس مہیٖن کار، کٲرِ گرٕ سٕندی پٲٹھی نَنہٕ نقش گیری ہٕنٛد رَنٛگ تہٕ مَسالٕہ پٮ۪تھ رنٛگروانہٕ تھٲوان ۔ مگر پتہٕ چھُنہٕ بے طور پٲٹھی وَرتاوان ۔ بٔلکہ پوٚز شعور تہٕ فنکارانہٕ سٔنٛزٕ سان "یان" لفظُک یہ اِستعمال چھُنہٕ کٲشُر شاعری منٛز تَس برٛوٚنٛہہ ظاہر اکانٛسہٕ کوٚرمُت ۔ ع

وُٹھ چاٚنۍ چھِ زَن لَعلِ یمَن نتہٕ بدخشان

ریم پٲنۍ پانٕس رَتہٕ رنٛگٕہتی یان دَیان چھی

تَمارِس منٛز چھُنہٕ صرف لفظی صنعت تجنیسُک خیال کرنہٕ آمُت بٔلکہ چھُ رنٛگن ہنٛدِ مناسبتُک تہٕ خاص خیال کرنہٕ آمُت ۔ مُصوّری تہٕ موسیقی ہُنٛد سنٛگم ۔ یتھ جایہٕ چھے یہ وَضاحتھ مُناسب زمیانہٕ وَننُک مطلب چھُنہٕ ہرگز یہ زِ رٛوٗسل میٚرس برٛوٚنٛہہ یا تَسنٛدِ وقتہٕ آسی نہٕ یِم رحجان کٲشرِن شاعرن ہنٛدِس کلامَس منٛز موجود ۔ مگر سوال

چھہ تیمبر ریتھہ بَناوِنی تہٕ شوٗلہِ ناوِنی تِہ کوٚرٕ رۄسُل میرنے ۔

رۄسُل میرن چھُہ ہندوستانی رٕسمَن تہٕ اسطوٗرن، شخصیتَن تہٕ علامژن ہُنٛد تمی فنکارانہٕ آیہٕ ذِکر کوٚرمُت ۔ یِیمہٕ آیہٕ تمی عجمی اسطوٗرن یا علامژن ہُنٛد کوٚرمُت چھُہ ۔ ”ستی“ ہُنٛد رٕسم چھُہ سارِنے مولوٗم ۔ رۄسُل میر تہِ چھُہ اَمِیُک ذِکر کران ۔ مگر صِرف لفظ دِنہٕ پراوِنہٕ خاطرٕ نہٕ بلکہ اَکھ صوٗرتِ حال بَیان کرنہٕ خاطرٕ ۔ تارِیخ نوٚیی چھیٚے یہِ زِیہ چھُہ صِرف تجریدی تلازمو سیتی آراستہ ۔ ستی گژھن واجِینی چھُہ ”مسول“ پوٚش تہٕ ژٕینتایہِ نار چھُہ تمیُک اوٚگنی رنگ ۔ یُس زٕ نٛدی عاشق گوٗلاب سُنٛد عکس چھُہ ۔

ع    شکر نَنٛدہِ گوٗلابن کوٚرُس خارہ

زِنٛدٕ دٕرنار مَسوٗل ژٕرایہِ ستی یے

صِرف زَنانے یوت چھِنہٕ ”ستی“ گژھان ۔ اَتھ مَنٛز چھُہ مَرد تہٕ تَس ہَم قدم ہِندی ہِندِ یَس مَنٛز زنانہٕ ہِنٛز مجبوٗری بَرخِلاف ۔ سُہ چھُہ یِنہِ عشقہٕ کِس نارٕ کنٛگس مَنٛزے بھسم گژھان ۔ ع

ہوشہِ ڈٕلی مَتی پوشے مُتی یے     روشہِ اَمران چھُم گوشہ وار

جوشہِ رۄسُل میر زٕ دلنس ستی یے     وَنتہٕ ژُتی یے تَس منیانی زار

اوٚرِینہ ہَندِ تصوُّر کوتانیرل تہٕ ہے بنگہٕ کرن دول چھُہ ۔ اتہِ نَس چھنے آورینی اَکھ

تجرِیدی نقش بنان تہٕ خیالکی نقش دوپھناوان ۔ ع

عشقنہٕ آورینہٕ منز چھُ پوشہٕ نارِ پان وارِ زالن تہٕ لولو

ہندوستانی توارِیخ تہٕ تمدنہٕ چہ نوم گرایہٕ تہٕ چھِنے وُچھنس لایق ۔ :

سیتایہٕ گتھ کرِ لولہٕ نارس بالہٕ یارس پتھ

کَم گیت وُنی وُنی رام کورن رام نِگارو

(آخری مِصرعس منز چھُ لفظِ "رام" تکرار سپدان ۔ تہٕ دوٚیم رام چھُ دون معنین منز

اکھ زِ رام اوٚنن ییل ۔ بیاکھ زِ سہ بناوُن سہ رام لیس نایک تہٕ دیوتا چھُ)

گُل زن بہٕ تہٕ ہنے جامہٕ ژٹھ نیبرِ بازار

پدمانی عاشق چھُس تسے پتھ بدنام نِگارو

---

مسہٕ چانے مدگوپالی، چھُنہٕ ڈیشانی پدمانی

ژندرِ بدن چھُس بِندرن پژاران منے وانہِ یار

سُنیاسی لاگے بوگوپالی

زوسل میرن بنیادی اِنحراف چھُ تیسنزِ شاعری اکھ مردانگی، جبر وُتھ، تہٕ ولولہٕ دِوان

تسندِس کلامس منز چھُ ماشوق پننہ تمہٕ رِوایتی عاجزی، ندامت تہٕ کمزوری ہنزِ

تمہٕ ترٛاے نِشہِ آزاد گژھان یم پژاکرِت شاعری ہِندِس تقلیدَس مَنٛز کاشرِ شاعری مَنٛز آمتی آسی۔ فارسی شاعری مَنٛز چھُ مَرد خطاب کران تہٕ توٚے چھُ زونٕس میرنِس کلامَس مَنٛز اکھ تازٕ کار۔ ساٚدٕ دار تہٕ زوراوار مَتٕر، تتٕر تہٕ گزٕ یاٚدٕ گژھان۔ یہ اوس کاشرِس شارَس مَنٛز اکھ نوٚو آغاز۔ یینہٕ پتہٕ ساٚنِس اَدبَس پیٹھ اَہم تہٕ دوٗرَس تبدیلی یاٚدٕ کرِ۔ معشوق چھُ یکدم کاٚر نومراونہٕ بَدَل کاٚر تھوٚد تُلان تہٕ زونٕس میر چھُ تَس "کارِ وہ گُن دوٗرٕ دان، دٕنیتھ بے نِقاب کرناوان۔ ع

بُتھِ پیٹھٕ تُل ژٕ نِقاب! تِلکھ تے وٚیہہ یہٕ کھیمے
یا گوناہ یا چھُ ثواب! چھاوے جامہِ جمے

---

سَر بہٕ وَنٛدے سَر افرازٕ بوز میلنے سَروِ آزادٕ
سوزٕ چلنے رسوَن وٚنی تازٕ عشقنی کِتاب تہٕ ہاے

---

چشم آہو سورمہ دار ہَرنہٕ دٚشتھ بے قرار
اَز نظر شیرَن زنان کارِ وہ گُن دوٗرٕ دان

---

اُلفتچ لاٚیتھ کمَنٛد زالہِ لاٚگتھ چین دِہند

معشوق آتش خلنے     عاشق چھ بے نشانے
کوٗ زانہٕ اکی آنے     طوٗفانہٕ کرِتھ ژوٚلے

ژوٗدمِس نسارس تہٕ حافظ سنٛدِس مصرعس "بہ خالِ ہندوش بخشم سمرقند و بخارا" چھُ وسعت طلبی تہٕ عالی ظرفی ہُنٛد کُنے فضا۔

عشقُک یہِ ترکتازانہٕ تہٕ جرأت مندانہٕ تصوٗر تہٕ تجرُبہٕ چھُ پتہٕ بئیہٕ بامن کڈان تہٕ یہِ صوٗرتھ چھےٚ فارسی شاعری ہنٛدِ یاٗ ٹھی اکھ رزمیہ انداز یادٕ کران۔ رزمیہ چہِ سارِیٚے تشبیہہ، استعارٕ تہٕ ساز و سامانہٕ ہیتھ۔ رسوٗل میرس نِشہٕ چھُ یہ رنٛگ زیادٕ پہن نُمایاں گرٛھان۔ اَتھ منٛشر زن چھُ سنسکرتُک "ویرٕرس" تہٕ "شرنگار رس" اکھ اکس ستی مِلہٕ مِش گژھتھ صوٗرتھ پذیر سپدان۔ ع

نِگارس چشم کافر، اَتھس کیتھ ہیتھ شہ خنجر
ستمگر غمزٕ لشکر ہا سپہ سالار کوٚت گوم

---

قد چون وُچھتھ دیر بزمان، تیر گرٛھان خم

---

مژٕ تیر بے گمانے     کس اوس ییتھ سامانے
ماران چھُ بے گمانے     زانہٕ کرِتھ ژوٚلمے

کشیدی قوس ابرو تیرِ مژگاں بہر قتلم!
نشسی در کمیں اے ترکِ کماندار امشب

---

در جنگ کران کارِ خنجر دستِ رنگین چانی
ہم پنجہ دستاں چھی نہ رستم وسام لگارو

امہِ مردانہ وجاہتہ تہ اعتماد ک بیشاکھ کَب چھہ زوٗل میرزَن مقطعن منثر پھٹان۔ یُس چھہ گوڈنیک کاشُر شاعر ییمی "تعلّی" ہندِ دل استعمال کورمُت چھُہ۔ تمسندی مقطع چھہ اکہِ گرزَن تلمَن والہِ اعتمادک تہ اکہِ سر بلند شاعرانہ کامرانی ہندِ اینجسانہ ستی ووتلان۔ امہِ ییٚتھرِ ہتہ پرزِ ستی چھُنہ صرف تُسی بوش کھسان بلکہ ساری سے کاشرس ادبس اکھ نوٚو حرارتھ تہ جوش پاد سپدان۔ ع

وُنی دِوان ژھاران وَتے چھےٚ ژیٚیے پتے لاران رسول
عاشقِ مشہور در عالم سخنداں اے صنم

---

رسول سَرن خدا دندو  رضا عشقن قضا چون
غزل خوانہٕ ہا گوینِدو  ژٕ یَیر تو یا فتاح

رسولؔ سوزِ دِل وَنہَس بوزِ نا
پَتہٕ بڑونٹھ روزِ افسانہٕ وَیِسی یے

---

رُسُلؔ مُشتاق چھُے اُزلی یے دُزان تہٕ وَزان سنطوٗرن

---

عشقہٕ دودُے سنِتھ گومُت تُس رسولؔ میرُس
اَمہِ عشقہٕ داگُنیک معنہِ زانان خال بینا دار

---

رُسُلؔ مُشتاق مشہوٗرِ آفاق نادِر سوخَن گو سُبحان اللہ

---

رُسُلِن تازٕ کِتاب یہٕ وُنی نَے چانہِ غمَے
آسہِ کَس تاب جواب چاو نَے جامِ جمَے

---

سوزٕ چانے رسُلَن وُنی
تازٕ عشقٕنی کِتاب تہٕ وانے

---

غالبہٕ سُند مقطع " ہم سخن فہم غالبؔ کے طرفدار نہیں !
دیکھیں اس سہرے سے بڑھ کر کوئی لکھدے سہرا

تُل تَمہِ وَقتہٕ کَس اُردو اَدبَس مَنٛز طوفان یَتھ مَنٛز بادشاہ تہٕ بادشاہ سُند اُستاد

تہٕ وٕلنہٕ آو۔ رٕوشن میرنی زبان اُس تَمہٕ وِزِ غولامن ہنٛز زبان۔ مگر تِہنٛد بے باکانہٕ دعوہٕ تہٕ تلی اَمہٕ کِس خاموش سَرس مَنٛز ملر۔ زَن تہٕ اُس تِمہِ کُش گڈھ اکھ بُڈ کُنی لالے مِرہ۔ ناظم یُس رٕوشن میرس ستی شاعرانہٕ چشمک تھاوان اوس، گوٗنہٕ یہِ پُرِتھ خوش تہٕ اَسنٛدی ژاٹھ لسہٕ پیٛچ، یُس وِنیچہِ بُرار رِوزان اوس دِیٛت تَس جواب۔ ع

لَسم جوٗ چھُس بہٕ قصاب ‌‌ ‌‌ ‌‌ لُڈِتھ ژیٚنے ستی کھٕمے
وَنے بہٕ کوٚرٕ جواب ‌‌ ‌‌ ‌‌ چادٕرے جامہِ جٕمے

رٕوشن میرنہِ طرفہٕ چھُ اَمیک جواب الجواب لیکھنُک ذِکر تہٕ لِوان۔ مگر سُہ چھُ خوش کلامی ہنٛز رِکھ نِہبر۔

رٕوشن میرنہٕ اَمہٕ تعلی ہنٛزِ لے تُھج پتہٕ مہجوٗرن تہٕ ووٚنُن:

(ا) مہجوٗر چانی آلو ‌‌ ‌‌ بوٗزی سنگرو تہٕ بالو

(ب) لولہِ ساز کس تازٕ لے ہیتھ آیہ مہجوٗرنی غزل

(ج) چانہِ کتھِ مہجوٗر چاوان عارفن آبِ حیات

(د) تازٕ غزلاہ آو ہیتھ مہجوٗر کن داریتھ بوز

نوٚکتہٕ ژاڈٕلی بوزٕ ناوان گاٹہٕ لِین دیوانہٕ چوٗن

تہٕ پتہٕ وۄن کأمِلن ۔ ع

کأمِلن بوٗزِتھ طرحدار کلام   سونچ پیٚو بدلُن غزل خوانَن تانٛی

کأشُرِم یأرِم غزل بخشُم کمال   میٚنیٛ دپان اوٚ میٚنیٛ دپان مَردِ زبان [1]

مہرنس کلامس مَنٛز چھُ نوٗر لہجُک اثر زنانہٕ پیٚٹھ تہٕ پوان۔ یوٚہ سہ زنان اونام حرف اوٚش تہٕ ووشس ترٛاوِتھ مدٕنس عار انہٕ نس راضی اُس۔ سوٚ چھیٚ یکدم اکھ نوٚو جر دتھ محسوس کرٕتھ خوداعتمادی تہٕ نازوانداز سان عاشقس مخاطب سپدان تہٕ ننر وَنہٕ نس تام آمادٕ گژھان ۔ ع

کھٕڑِتھ سینس اَنٛدر بوناہ رٔٹِتھ شامہٕ سوٚنٛدر

جامہٕ زن سَروِ قدس پان وَلے یو مدٕنو

---

حیسہٕ وہسرٕ اُٹھِس کلہٕ والو ولسہٕ کمٕو چھے

رٕمہٕ چھاسا سانہٕ کھو تہٕ سوندرے بال مرٛآیو

---

سوال ٹہٕ دٔزِس نارکس وتہٕ گو لالو   ہیہِ میل گُل اناہٕ بنیہٕ اکِہ لٹے لو

چھم غفیہٕ لارے پتو لایے برونٛٹھ نالس تھف

---

[1] : رحمان راہیَن تہٕ چھیٚ تعلّی وَرتاومُت ۔ اکھ مثال ؛

راہیَن دوٚلی مرزٕ، چھا پنٕنے لاد   غالبس ہیہِ لو غزل نَدرانہٕ مینون

رسول میرس متعلق چھے عام پأٹھی یہ کتھ مشہور زِ سہ چھ سراپا نگأری ہُند شاعر۔ یہِ چھ پوز زِ سہ چھ سراپا لیکھان تہٕ نوِ نوِ انداز لیکھان مگر صِرف یہ ہیے عنوان دِتھ تٔمِسند کلامہٕ منساوُن چھنہٕ صحی۔ کیٛنژَو چھ فارسی شاعر غنی کشمیریس تہٕ یٔہے وَنن کرمژ۔ زِ سہ چھ "دعواتہٕ ذلیل" ہیُوندے شاعر۔ پزر چھ زِ رسول میرن چھے سراپا نِگأری فارسی شأعری پیٹھ اثر مگر یُہنہٕ نوٗ شاندار اتھوٗ طیس پیٹھ واتنأوِمژ۔ یَتھ جأیہِ رِس منز چھ یتھی کینہہ شار بیٛین سلسلن منز آمتی۔ چونکہ یتھی وار یاہ شار چھ سارنے ویٛدی۔ لہٰذا چھنہ یمن ہنز تلأفی کرٕنۍ ضروٗری۔ میانہِ خیالہٕ چھے سراپا نگأری کھوتہٕ اہمیت رسول میرنِس کلامس منز تٔمِسنز صنعتِ تجنیس ورتأونس۔ یہِ گو اکے بیوٗرکی نگر بیٛون بیٛون معنین ہنٛدی لفظ اکی ساعتہٕ اِستعمال کرٕنۍ تہٕ تمِن ہنٛدِ صوٗتی آہنگہ سیتی خأرجی سطحس پیٹھ موسیقی تہٕ خوبصورتی پأدٕ کرٕنۍ تہٕ دأخلی سطحس پیٹھ خیالچ نفاست تہٕ نزاکت تہٕ جذبک اوٗی جار تہٕ زأوی جار ووتراوُن۔[1] رسول میر چھ کأشرِس منز امہِ فنک بادشاہ۔ یہِ چھ تٔمِسندِ اسلوبُک اکھ شناختی جُزو تہٕ۔ اسی ہیکو لفظن ہنٛدِس آہنگس نظر دِتھ شارن غلطی

[1] :- اَتھ مأدانس منز تہٕ چھ حافظ تس پیشرو۔ مثلن :

صوفی نہاد دام و سرِ حقہ باز کرد بنیاد با فلک حقہ باز کرد۔

گوڈنیک حقہ گوٚ ڈبہ تہٕ دوٚیِم چال۔ دغا بیترِ۔

۲

یکدم ژینتھ۔ ہر گاہے کُنہِ ساعتہ ترٛہ وِزِییہ۔ یتھین شارن منٛز چُھ تمِی پننہِ دوستادی ہنٛد چمہٕ خم ہاونہٕ علاوٕ کاشُر زبانٕ ہنٛدی واریاہ امکان تہ اطراف تہ نیٛبر کڈِ مِتی۔ بٔنیہِ چھ ایِم کاشُر شاعری منٛز کلاسیکی فنٕکی قالب تہ ٹھران۔ یتھین شارن منٛز چھے رعایتِ لفظی[۱] تہِ سیتی سیتی روزان مگر سہ چھنہٕ اکھ بنادی عمل بٔلکہِ چھے تتھ منٛز تہِ نفاست تہٕ نزاکتھ تہِ۔ ع

یَس پتہٕ چھس دیوانے ... شمع زَن پَروانے
کَس وَنہٕ تس پَروانے ... پروانہٕ گرِتھ ژوٗلے

---

سوٗرمہٕ نازک چھے اَچھن ... سوٗز میٛنے روٗدُم نو اَچھن
خشمہٕ ہتیو چھکھ بَچھن ... چشمِ مستانک قسم

---

سَنہٕ میٛنے کوٗر نم گامہٕ دیوَن
سونہٕ چھم پامہٕ دیوَن تہ لولو

---

کارِ پُتی ہوی چھی ژ کاکُل کارِ پُتی یے لُتی یے

---

رسوٗل میر تس یارٕ سٕنٛز لولرے ... وطن ترٛاوِتھ وَتن دڑاو

---

[۱] ALLITERATION ۔ ہم شکل تہ ہم وَزن لفظ استعمال کرنی۔ یا کُنہِ لفظکِ معنیک یا شکلہِ ہنٛد لحاظ تھٲوِتھ تَمِیُک بیاکھ لفظ گنٛڈُن۔

وَنَن زیبا نِگارس وَنَن کیاہ گژھے یارَس
وَنَن مَنٛز پان مارَس گرَس بوٗ مار کوٚت گوم

---

بادام چشمہ ییٚنہٕ مژراوِہن    تَنہٕ چھُم مُژراوُن تہٕ لولو

---

گاہ وارہٕ آسس گاہ گٔیس آوارہٕ دِلبرو

---

لَب تشنہٕ چھُس دَر باغ ہیتھ سَرو رَوانو

مے جوٗیہِ اشکے آبہٕ برہم چانہ لولرے

---

دِلبرو اژ تو بَرہٕ میانے دیوٕ برے وِہن

---

ژینے زوٗس بہٕ گُل زَن گیسہٕ یَرے ، بال مرایو

---

روشن چھُس میوٚن حال    روشَن کوٚ چھُم بالیے

---

حُسنہٕ چھ شمشیرِ عاشقو سر دآری
اَدِ پزاو کھ سردآری لولو

---

صنعتِ تجنیس ہرگاہ رسول میرُن پسندیدہ کرافٹ (CRAFT) چھُ۔ مگر تمی چھُنہ

باقی صنعت تہٕ کم استعمال کرِی میتھ۔ مےٚ وۄن اَکی ادیب دوستن زِ سہ اوس

کاشُر گرامر ترتیب دِوان۔ تس اَسی پرٛتھ صنعتس سیتی شعرن ہٕنٛز مثالہٕ دِنہٕ۔

تٔمۍ وۄن چھُہ زِ صِرف رسُول میرے یوت چھُ سہٕ کاشُر شاعر یمیس زٕنش

تس پرٛتھ صنعتُک شار اَتھہٕ آو۔

صنعژگری تہٕ ظٲہری پٲراو ہر گاہ کاشر شٲعری لۄکہٕ شٲعری ہنٛد سطحہٕ

نِشہٕ ہیوٚر تُلنہٕ خٲطرٕ سیٹھا لٲزِم اوس مگر رسُول میر چھُ خیال کِس نزاکتس

جذبن ہنٛدِس لطافتس تہٕ تجربن ہنٛدِس نورس تہٕ شِد تس منٛز تہٕ پانسہٕ نیران۔

تٔمۍ سٕندی یتھی شار چھ کاشر شٲعری ہنٛدی سرحد وار یاہ کُشادٕ کران تہٕ یِم رۄزن کاشرس

منٛز تہٕ سٕندِ فنی کمالکی شاہد رۄزِتھ زِندٕ تہٕ تابندٕ۔

زٲلی واٲنکن بال ییٚلہِ لاگہٕ شُمار

پَچھ لگنس گنٛزرنس لچھ تے ہزار

اَمہِ شایہ نو موکلن پایہ لولو

---

نامہٕ ہیتھ سوزے بادِ بہٲری

---

چانہٕ حسنُک چھُم جلوہ دردِل ہمچو مے کردہ در شیشہ منٛزل

تیُتھ سوز عشقُن بادِ صبا بوز رسوُلس ز
یُتھ مُشک روزہ ہم مێشرِ مێے ہرہم چانہٕ لولرے

---

زُنجیر داوُس کُمی چھێے گرمۍژ، نقش ہێوٚ برآب
کیا یاد روزان ساہِ لوٗکن وعدِ وفأیی

---

آخری شار چھُ قابلِ غور۔ اَتھ مَنزٕ چھِ کینہہ کتھ وننہٕ آمژٕ تہٕ کینہہ تراونہٕ آمژٕ
گوڈنِکِس مِصرعَس منز چھُ وننہٕ یِوان زِ معشوقَس نِشہِ وعدِ یاد تھاوُنٕچ برانتھ چھێے
داوُس ہانکل کرنی تہٕ آبَس نقش کرُن ہێوٚ نامُمکِن۔ اَلبتہٕ اَسِہ ہوٚن ساہِ لوٗکن کرٕ
چھێے وعدِ ووفأیی۔ اَتھ شارَس کرِ لوٚر پرٕی تون مِرزا غالبنہِ سٕندِ یہٕ اُردو شار تہٕ وُچھتو
زِ کُنہِ ساعتہٕ کتھہِ کُنی ہێکہِ کُنہِ پسماندٕ زبأنی ہِنٛدِ جینیَس کُنہِ ترقی یافتہٕ زبأنی ہِنٛدِس
جینیَس باز تأرِتھ۔ غالبنہِ رِس شعرَس مَنز چھێے وێژھنے تہٕ وَضاحتھ رٕوسل ییٚرنِس
شارَس مَنز چھُ اِنتِصار تہٕ سِتم ظریفانہٕ خَنٛدٕ (IRONY)۔ ع

ہم کو اُن سے وفا کی ہے اُمید
جو نہیں جانتے وفا کیا ہے

اُکِس حقیقی شأعرَس سٕندی پأٹھی چھُ رٕوسل ییٚر تخیّل (IMAGINATION) کین

تصویرَن تہٕ شکلاوان تہٕ تہٕنٛدِ ین بے شکل خولہٕ خطن، لفظن ہنٛز پرزنٛتھ بخشان۔ یژھن تصویرَن مَنٛز چھےٚ اکھ ڈرامٲیی کیفیت، یوسہٕ نہٕ پامال پرٛرکس MUNDANE ستھِرس پیٹھ واقعہ سپدان چھِ۔ بلکہِ صِرف تصوٗرکِس خلوتس مَنٛز یہ چھےٚ یِمَن تازٕ کارتہٕ سٲدرِوارتہِ بناوان تہٕ ابتذال تہٕ عامیانہٕ انٛدازٕ نشہِ نہٕ رچھان۔ REALITY

ع
دِرسہٕ گوم ہٲنکلہٕ ٹھس گوم بَرے
ژس گوم وٲلنجہٕ یار ما آم

---

مےٚ دور سینہٕ تےٚ تمیٚ دارِ نرے
دَنتےٚ ونٛیسو یے کونے آم

---

یِوان وُچھمک ژٕ دَرخواب یوٗسفنِ چمہٕ خمے
زُلیخا گیسہٕ بےتاب چاوےٚ جامِ جمے

---

بہٕ فرشِ ناز ہَم خواب وُچھُم بَرفرشِ کیمخاب
پیٚئیس مہتاب دَرآب گیس بیدار کوٗت گوم

یُتی مۆ شعرچ امیجری چھےٚ سیٹھاہے زور دار تہٕ زبردست ۔ اَتھ مَنٛز چھِ لاشعورُک ہاوُسن ہٕنٛد اَمارتہٕ تہٕ حالُژ ہِنٛز بَنٛلیۆہ تہٕ ۔ "مہتاب دُرآب" چھُ سہ اَکھ پیکرُس ساری ہِسے شارس محشرِ بداماں بناوان چھُ ۔ خبر مہجورُ سنٛد مصرعہ

تُوے آبہٕ مَنٛز زون اَلان ٹاٹھہٕ یارو

تہٕ ما آسہٕ اَمے کَلنجہٕ ہنٛد پوشس ۔ حالانکہ سُہ چھُ بییس معنیس مَنٛز استعمال سپُدمُت ۔ یِتھ شار چھ ہاوان زِ سُہ کیتہٕ کُنہِ ہنگہٕ ہِسے کایاپلٹ جدید شاعری مَنٛز ہٕوس پیکر عطا کرِتھ ۔ خبرہٕ ماگوسے عمل یتھ کُن شیکسپیئر اشارٕ کران چھُ ۔:

"........... GIVE TO AIRY NOTHINGNESS A LOCAL HABITATION AND A NAME — "

رُوسُل میرنین یِتھین شارن ہنٛد بیاکھ پاس (DIMENSION)

چھُ زِ سُہ چھُ حقیقتُک ہِنٛدِس مانُوس بُتھِس نِشہِ کُنہِ ساعتہٕ غار مطمین سپدان تہٕ پَنُن تخلیقی تجربہ باوُنہٕ خاطر تجریدی (ABSTRACTION) اسلوُبس کام ہیوان ۔ یِم تجریدی تجربہ چھہ یہ کتھ ہاوان زِ رُوسُل میرس پیٹھ ٹاسر تہٕ سطحی آسنک الزام کوتاہ یک طرفہ چھُ ۔ ع

بے کام و زبان سوز وَنے

بوز نَے بے گوش

چھے برگ و نوا عاشقن      بے برگ و نوائی

---

یَتھ لولہِ باغس زخمہِ دِل گُل      سرو چھُ میون آہ

---

زَخم سینس چھُم بے نِشان
تیر لایان چھُک بے گُمان

یُوتے یوت نہ بلکہ نار تہٕ چھے اکھ الگ کیفیت تہٕ ہیٔت تھاوان۔ ع

ہِی نار دوٗد مو تُلرے دِل

خیال تہٕ استعارچ یہ لطافت چھے اکہِ اعلا تخلیقی ذہنچ پرزنتھ۔ یہ چھنہ ٹاسریر بلکہ سنسبر تہٕ تمہِ علاوہ تہٕ کینہہ۔ حا'رتھ چھُ ٹی۔ ایِن۔ رینہ ہَس ہیوین نقادن چھُ باسان زِ "مہجور تہٕ روسُل میر چھنہٕ انسانی تقدیرکین بنیادی مسلن ستی متعلق زور آزماوان" حالانکہِ روسُل میر چھُ باضابطہٕ تصوف اَختہٕ فلسفہٕ کین زاوی لہن نوکتن پیٹھ سوچان تہٕ تمن پتہٕ نِس کلامس منشر السا وان۔ البتہٕ چھُ یہ پوز زِ ... چھنہٕ ژانہہ تہٕ شعرچ مستی تصوفہٕ کِس ذہس منشر دم پھُٹے دوان۔ گرصنہٕ ...

درگل چھُ پانے، بالکل بہانے

بلبل ته گلستانه وینسی یے
پانے چھ یوسف پانے زلیخا
پانس چھ عاشق پانه وینسی یے

---

تنه سور گژھتھ ذکرِ اناالحق — منصور بنتھ کو نه پرے دِل
زو تسلہِ رِندن چھے نه مرن زانهه — وَن زِندہ استھ کتھ مرے دِل

---

پانے چھ یوسف پانے زلیخا — پانے چھ شمع پروانه وینسی یے

---

تنہا چھنه در زلف گرفتار میونے دِل
در حلقہِ یو ہے سِلسِلہ دوہن عالمن آمے
در پردہ وزان سوز، عشقن بوز دما روز
از چنگِ دلارام صدا ــ زیر و بمن آمے

---

آدر وُتسلہ سیٹھا دِل تنگ — ساری رنگن وچھان بے رنگ [1]

---

[1]: صبغة الله ومن احسن صبغة " (ترجمہ) اللہ کا رنگ سب سے بہتر رنگ ہے۔ (القرآن)

وُچھ نہٖ جلوٕ تھ دٕرٕہنگامے تتہٕ یور نے آمے نٕتیے

پُتیم شعر پٕرتھ چھُ ازی کِس اَکِس جدید اُردو شاعرٕ سٕندِ یہ شار تُرتہٕ وُترِس مَنٛز گیس گیس کران۔ ع

میں ایسے جمگھٹے میں کھو گیا ہوں

جہاں میرے سوا کوئی نہیں ہے

مگر اَتھ کُتھ چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ رُوسُل مِیرَن ڈیوٗنٹھ حُسن مجازی شکلہِ مَنٛزِ خالِص مجازکی پمپوش پٕلو لاگتھ۔ توٚے چھُ تِہٕنٛد نمایاں آکو خیال پرستی تہٕ اکھِتے پُرزٕنِ دوٗر۔ یہِ اوس تٕہنٛد اندرٕنیم آلو تہٕ توٚے چھُ تِہٕنٛدِس کلامَس زن تہِتھے کُنی پٕرٛیدان یتھ کُنی گوٗلاب وُتھرِس خوٗشبوٗ چھُ کوٚلو کوٚلو نیران۔ تہٕنٛدی اُمی تجربَن تھرپَتہٕ مہجوٗر تہٕ ازی کین شاعرَن ہنٛدِ سہٕ غزل یُس زمینہٕ کُوشنیر، جذبَن ہنٛدِ مَنٛزرٕ نوٗنہٕ کرٕ جوشہٕ تہٕ عشقہٕ کہِ بوٗشہِ سِتی شرابوٗر چھُ۔ ع

چھُس کعبہٕ حُسنُک روے ابرو طاق چھُ برطاق

دٕر راہِ عشق سجدٕ رٕوا دوٚن بُمَن آمے

اَتھ لیہِ مَنٛز چھُ کُنہٕ شایہ بَڈٕ موضوعیتہٕ سان لاشُعوٗرِکین سورمہٕ ظُلماتَن[1] مَنٛز نیتھ نٔنین

---

[1] : رُوسُل مِیرَن مصرعٕ چھُ۔ ع سورمہٕ ظُلمات اُچھ آبِ حیات۔

اِنسانٕنی جبلتس تہٕ جذبن ہیوند آب حیات تہٕ لیوان زنتہٕ وزملہ پڑو بیوان چھےٚ۔
نٔشلن ہیتھ شاعرس منٛز چھُ فرایڈ ہٕسندِ دری یافت گرمتہٕ تمہٕ انسانی وُٹھک بے
شوٗنکھ اِظہار ہیتھ شہ (OEDIPUS COMPLEX) ناو چھُ کران۔ حالانکہ رٔسُل میرس
آسِہے نہٕ امہِ کتھہِ ہند کانٛہہ شک تہٕ شٔینکھ۔ اَتھی چھُ اُردوٗ پاٹھی ونان: "جادو
وہ جو سر چڑھ کر بولے"۔ ع

ہیہِ وَچھس روٗپہٕ ہٕسندی قٔبے        معرفت زٔن دوٗ تحمت نٔبے
روے ہاونہٕ تہٕ دِل پھیرِ ڈُبے        پہاو دوٗد موصوٗمن لگہِ لیو

اَتھ مقامس پیٹھ چھےٚ ماجِ تہٕ معشوق اَکھ اَکس ستی اَبساونہٕ لیوان۔ خبر ہیتھ کتھہِ
کُن اِشارٕ کران ما گژھہِ نہٕ غلط زِ یوٗنانی ڈرامٕہک کردار اوڈی پس تہٕ اوس پننہِ ماجہِ
عشق کران تہٕ نفسیاتیچ یہ اِصطلاح آیہ رسول میرنہٕ مکیہِ ہندس شاعرس نِش اتھہٕ۔
رٔسُل میرنہٕ تصورِ زنٛدگی ہنٛز کتھ کرنہٕ ورِ چھےٚ یہٕ کتھ ٹاکارٕ گژھان زِ سہ
اوس زنٛدگی ہنٛدِ بنیادی مسلن ستی سیٹھاہ وُلنہٕ آمت۔ تس اوس ییمہِ بےمعنی
کارخانٔچ دزتگ پاتھر ہے بنگہٕ تہٕ کران تہٕ وُداسی تہٕ۔ سہ اوس زِنٛدگی ہنٛز ناپایداری
تہٕ فنایی ہنٛد سوان شوعور تھاوان۔ یہ چھُ تسنز شاعری منٛز اکھ حزن آمیز زیرِ لہر
(UNDER CURRENT) پادٕ کران۔ تسنٛز خوش باشی تہٕ شادمان شوخی چھےٚ بےبسی ہنٛدِس

دِہ لِرِس مَنٛز اَکھ زانٛہٕ لانٛکھ بَناوُنٕک تَدبیر۔

یہِ حُزُن تہٕ اَلم TRAGEDY چھُ تٔہٕندِس کلامَس اَپیر تہٕ ٲسریہِ نِشہِ دوٗرٕ راوان تہٕ اَکھ عِرفان آمیز حُسن عطا کَران۔ یہِ چھُنہٕ سنیر راوُنٕک مالہ یا بَرہم گرٛزھنُک بلکہ سَنیر چھپاوِتھ اَکھ تجاہِل عارفانہٕ وَرتاوُنٕک انداز۔ شاید آسہِ ہے سوفوکلیزن یِتھی نٕے مُقامَن ہُند انداز کٔرِتھ لیوٗکھمُت :-

" SHOW ME THE MAN WHOSE HAPPINESS WAS ANYTHING MORE THAN ILLUSION FOLLOWED BY ILLUSION."

چانہِ ستی کشیر جَنّت تاثیر    سمسار تہٕ غم خانہٕ چھُک جان جانانہٕ

---

دوٚہہ لوٚگمے پَتھ سَنٛگرِ ہے    پوٚہہ گومے تاپستان
ناوِ ہاٚنٛز ماتزادِ شنٛگرہے    کاٗلی بَرہے گرٛزِھ گلِستان

---

مرگہِ واوَن ژھیتہٕ کوٚر کالُک ژوٗنگ
سُہ چھُ شوٗبان پیٹھ رَنٛگہِ زوٚرِ لولو

---

بٕنگہِ موتُن چھادِن کاکُل    سَنٛگ وٲنٛج کاژاه گیہِ
رٕنگہِ بُلبُل گرٛزھ اوٚبالی    بال مُرِییہِ نوترُش

تہٕ اَتھ سٲری ہے چھُ خیام، حافظ تہٕ غالب ہیوٗہن دانلے راز شاعرن ہندی

پاٹھی ییمہٕ آیہ اَتھٕ دِوان ۔ ع

چھُھ آخر کالِ مرن وَنتہٕ وینیؠ ژھے بالہٕ یارس

چیمو مس پیالہٕ نمو ژھالہٕ در گلزار امشب

روٗسل میرنہٕ اَمہٕ رُوٗدی یک نتیجہٕ چھُھ یہٕ نیران زِ سہ چھُ اجلنہٕ کرتل دارِ انسانی

حُسن تہٕ خاص طور زنانہٕ ہندِ جسمچ رنگین قلاے سُبحہٕ دِوان ۔ ہر گمہٕ ہے بوزو تہٕ

کاینات ہٕ چہ ٹریجڈی ہندِس عظیم پاٹھرس مقابلہٕ چھُ یہ فارسی شاعر ہشنر ہش کتھ ۔

ع زمنجیقِ فلک سنگِ فتنہ مے بارد

مَن ابلہانہٕ گریزم بہ آب گینہ حِصار

بہرکیف ۔۔ روٗسل میرن یہ پہلوٗ چھُ کاشر شاعری منز جسمانی یتک

سُر سُواد تہٕ لُطف پادِ کران یُس اَمہٕ برٛونہہ کمے پہن نوٗن اوس ۔ یہ کتھ چھنہٕ

ٹھی زِ بقولِ عبدالاحد آزاد" سہ چھُ ننگ و ناموسکی پردِ چاکھ کران"۔ اَمہٕ

قسمچ شاعری ہنرسو سیتھ تیز راوُمُت یقیناً مگر یہ اُس اَمہٕ برٛونہہ تہٕ سانین ملکہٕ

باتن، موسیقی تہٕ اُختہٕ شاعرن نِشہٕ نظرِ گژھان ۔ مثلن :

ژنہی پوتسہٕ رنگہٕ یارس دلیشیمے تن ژنوٗن نو دُنی زلس بوزِ عالم (موسیقی)

اَنتن بُہ لاگس تنہٕ تَن ـــــ لُکہٕ باتھ

نَرِ آلوس کرِ پان ساوَس ـــــ محمود گامی

روٗشس میرن بخش اَتھ کلاسیکی رَس تہٕ تہٕ پوٗختہٕ رگی۔ ع

کینہہ نے مَنگہٕ ہَس شونگہس لرے

وہ تھ ویٚسی یارس پرٛنگ وٕتھراو

---

کامہٕ دیو رٹہٕ ہَن نالی جامہٕ زَن گرٹہٕ سے نالی یے

---

حلقہٕ بند تلہٕ شوٗبان نارِ پستان

رِتی وُچھتھ گو عاشقن دِل پریشان

---

تمنا چھم مے بوسہٕ کنارے

---

رہ پہ لوٗرن برٕ ہَس برٕ ہے رہیہ تھرٕ چھس نارِ پستان

---

نیپہٕ نیپہٕ چھے کراہ سونُدر رہ پہ تَن

زاتھدان تیپہٕ والانے

وُٹھ چاَنی کوسم زَن ووٗزالیے      بوسن اَسہِ ون مالوسن

یمقین کینژن شارن منز چھُ تسندِ فنی نزاکتُک وِہہ تہٕ تمے نیران تہٕ امہٕ چہٕ

مفہوم چہٕ شیشہِ دارِ منز جذبُک رنگہٕ ونی رٹیہہ ہاوُنہٕ علاوٕ ادبی صنعتن ہندی بہار

تہٕ ہاوان ۔ ع

کھٹتھ سینس اَندر بو نالہٕ رٹتھ شامہٕ سوٗندر

جامہٕ زَن سروِ قدس پان وَلہٕ یو مدٕنو

گوڈنکس مصرعس منز چھُ نالہٕ رٹتھ سینس منز کھٹُن اکھ ظاہری تصویرٕ امیک

داخلی سیٹھہ رُچھ یہ زِ نالہٕ چھ سینس منز کھٹنہٕ یوان ۔ تہٕ توے چھُ سوٗ تتھ وُچھ

منزِلس منز جلے شیراں ۔ یتھہ گوڈنس منز تہٕ چھ کتھ ہندی اکہ کھو تہٕ زیادٕ پاس

تہٕ اکھ سیٹھہ دلچسپ شوخی :

ہا یارٕ موخت ہارٕ گنڈ ہتھ بٕہ ہٹے لو

متہ میانہِ ماہ روخسارٕ وُچھہتھ بٕہ گٹے لو

ماہ رو خسار یمیہِ لفظاہر راتھ کنیو تے بوزنہٕ مگر عاشقہ شندرو تلے ماہ روٗ خ وُچھنک

اصرار چھُ اکھ خاص پہلوٗ تھاوان ۔ یتھ زَن معشوق اَتھ منطقس منز یتہِ راتھ کنتھ

ہیہ تہٕ اَدٕ نیرن عاشقن ارمان ۔

رُوٗسُل میٖرٕن یِہ رَنگ چھُہ پَتہٕ مہجوٗر تہٕ آزاد تہٕ وَرتاوان۔ تہٕ اکثر چھُہ تِسٕندی لفظ تہٕ ترکیبہٕ تہٕ ووٚزم اَنان۔

رُوٗسُل میٖرٕن شعر چھُہ۔ ع

تن تنہٕ لاگہس اَنتَن سیتہٕ پن تہنہا وَنہس زارَے لو

آزاد چھُہ وَنان۔ ع

دوٚلہٕ وَنیٖسی مَنہٕ وِتھ اَنتَن یُہ لاگَس تنہٕ سیتین تَن

پھوٚلہٕ وُن گُل انارَے مےٚ نیوٚنم کامہٕ دیوٗن دل

رُوٗسُل میر چھُہ وَنان۔ ع

اَمہٕ کار گلہٕ نے بریمہٕ کونہٕ دِل مےٚ

آزاد چھُہ پِھران۔ ع

شُبان کیا چھُس گِلَن کارَے کران دِل بُلبُلن تارَے

رُوٗسُل میر چھُہ وَنان۔ ع

فولاد تراپِن پیٚوم مُشکِل چھانی جُدائی

آزاد چھُس بنیہٕ رَنگہٕ وَرتاوان۔ ع

فولاد ژُوچم، نار ژُولُم، خوٗنِ جگر چیٚوم

رٚسُل میر چھُ وَنان ع ــ بوزُم گُل پھولِن پتھے پیارے
مہجور چھُ پھران ع ــ پھٔلِ متی چھِ پتھے پیارِ گُل
رٚسُل میر چھُ وَنان ع

رٚسلِہ زِندان چھُسے نہٕ مُرن زانہہ
وَن زِندِ آسِتھ کِتھہٕ مَرِے دِل

مہجور چھُ اَتھی زمینس مَنٛز تیٚتھہٕ ہیٚو وَضاحتی بیان لیکھان ع

خوٗشِس تھاوُن مہجورِ دِل، وسواسِس تراو
خوٗش چھُ دُنیا خوٗش اگر تھاوون دِل!

رٚسُل میر ع زِ روٗخ چھِی تازِ پھٔلِ متی گُل وُچھتھ آوارِ گو بُلبُل
مہجور ع یہ قد، چوٗن زَن چھُ پوٚشے گُل پھٔلے بَرجستہٕ چھُس بِلکُل!

واقعہ چھُ یہ زِ رٚسُل میرس تہٕ مہجورَس چھُ کاشرِس مَنٛز تِتھے
ہش نِسبت یِژھ اُردوہَس مَنٛز غالبَس تہٕ اقبالَس چھُنے پانہٕ وٲنٛز۔ گوڈنیک چھُ
کلاسیک، دوٚیِم چھُ حال تہٕ استقبال۔ اکھ چھُ اجمال تہٕ بیاکھ چھُ تفصیل۔
اکھ چھُ استعارہ تہٕ بیاکھ چھُ تشبیہہ۔ میر تہٕ مہجورِ سٕندِس موازنَس مَنٛز عبدالاحد
آزادُن یہ قول زِ "رٚسُل میر نہٕ کلامُک لُطف ہیٚکن فقط خوانٛدِ لیکھی لوٗت تُلتھ"

(کشمیری زبان اور شاعری نمبر ۳) چھِ مہجوٗر تہٕ رٕسُل میرنہٕ درجہ بندی ہنٛدِس حدس تام صحی حالانکہ تٔمۍ سٕند اکثر کلامہٕ چھُ لوٗکن تہٕ ازبر تہٕ پسند۔ یمن دۄشوٕنی ہنٛد اکھ اکھ شار گرِ کتھ گینی۔

رٕسُل میر: چھس وہسر آو تھس کلہٕ والو ولیسہٕ کموٗ چھے
رمہٕ سانہٕ کھوتہٕ چھا سوندرے، بال مرآیو

مہجوٗر: ژرے کس ستین گیی سازش دۄیم چھا بیاکھ کانٛہہ منے ہش
ژمیلنے رشکہٕ پانس نش تھوٗو کھ کمہٕ مسوٗلے بوٗ مبرو

مہجوٗر تہٕ رٕسُل میرس متلق کتھ کرنہٕ وِزِ چھے دۄشوٕنی ہنٛز شاعری ہنٛد مقامی رنگ تہٕ برۄنہہ کُن یوان۔ ییتہٕ دۄشوے کٲشیرِ امہِ کین خوبصورتھ مقامن امہِ کین نظارن تہٕ گوشن ہنٛز گرہنٛد کرِتھ یمن لول بوزمُت چھُ۔ واقعہ چھُ زِ ہر گاہے یہٕ رنگ پتہٕ مہجوٗرن بییہٕ ہن رتھِ کھور۔ اکھ ذیت رٕسُل میرنے گوڈ کٲشرِ شاعری منز چھے امہِ برۄنہہ تہٕ امہِ مقامیتچہِ مثالہ برۄنہہ کُن یوان۔ مثلن حبیب صاٲبہ ہنٛد یہٕ مشہوٗر وژن۔ ع

شُدرے کھعنہٕ منز کدلا چھُمے صراط المستقیم تتھ پیوٗ ناو
سرِس منز باگ ہمیوٗشن چھُمے لوٗرمہ ژمہ چھس للہٕ وان

مگر رُوشَل میرن ذٔیت اَتھ واریاہ وُہراو تہٕ وُسعت۔[1] قۄدرتی طور چھُہ تِسندِس کلامس مَنٛز تِسندی اَنٛدی پٔکھی ماحولُک ناو۔ تِمہ وِزِ اوس نہٕ واتناوُن آسان۔ مگر ثیوت کٔرِتھ چھِنہٕ رُوشَل میرن پننہِ نَظرِ ہٕنٛدِس گِردابس[2] مَنٛز آولنٕکی بٔھی ساری کٔشیرٕ اَنٛی مٔشرتہٕ جایہ جایہ کٔشیرِ ہٕنٛدی نیب تہٕ نِشانہٕ میلِہ تِکِن ہٕنٛدی یٔھی ترٛاوی متی۔

اَچھ زِ لوسم مٔے اَچھِ دارے      اَچھِ دَلہِ گیچھ ڈٔبہٕ مَنٛز پٕراران

---

پادلوسم ناد ہودِ مَے وَنہٕ نَے      لالہِ گوم شالہٕ مٲر ڈُلیے لو

---

ژھارَن ترٛاَل تہٕ شاَری یے لولو

---

رام نگری ژھارتے رِنہٕ ویرناگ      بول کُکِلی لول ہے آم

---

سوہنہٕ لانٛکے چانہِ شانکے گیہِ عاشق آرِ کاتی!
بُھتہٕ مے نکھ، اَستہٕ وارے ناو ترٛاو منٛز ڈُلیے لو
شالہٕ مارے لالہٕ رفٕتے داغ دِل ہیتھ زاگہٕ نے
باغِ نِشاطُکی چانہِ وُشاَدی گُل تہٕ سوٗنٛبُل پھُلیے لو

---

[1] فارسیس مَنٛز چھُہ حافظن رُکناباد۔ شیراز۔ زندہ رود۔ چِگل بیتیرِ مُقامی ناو اَمی رَنٛگہٕ وَرتاوی متی۔
[2] ہونٛہِ مَنٛز چھے تنے تالابٕ آولنہٕ دِل لوٗ گمے      وَلنہٕ آنے گرداب، چاو مے جام جمے      (میرٕ)

نوگام بوزم پیغام چھنے ژدگام[1] چھک آسان
بوونی دِیَے ساگام ژُنجی کونگی ہادے تَے پان

---

سالس نمہ ہتھ تیل بَل نالی     سالس یکھنا یالی یے
شالہ مار ژراران لالہ سوالی

---

ویرناگے نیرہَے بہٗ آ گیئے     اَچھ ول کی پوش شیرے لاگیے

---

یاری لاگو ماری منئرے     راز بوز تَے ہنئرے
نیری ستئری مالہٗ وچھوے     پھیرِوَے تیل بلِ یے لو

مہجوران کوٗر یہِ رنگ پیٗنہ نِس گوڈنچہِ ہے غنر لس منشر شوٗروع۔ یُس زوٗمل بہٗ
زنگر وانہٕ کے قرمز بوٗٹ چھ۔ ع

وَنتہ ہَے وَنیسی بےوفائی شیوٗہ دِلدار چھا
نازنینَن، ماہ جبینَن، قتل و غارَت کار چھا

اَتھ منشر یمَن شایَن ہٕندنا وچھ، تِم چھ زوٗسل میٖرنے علاقہٕ چہ۔ باسان چھ زنہٕ

[1] ؛ یم چھ زیادٕ تر گام ییتہ بَٹہ روزان چھ تہِ اَکھ معنی خیزاِشارٕ۔

تَس تحتُ الشعورس مَنٛز اَمہِ وِزِ رٔوٗسٕل میٖرُن تخلیقی دُنیا ژھایہ گٔژھ اوس کران تہٕ علامتی طور یِمَن رمزَن مَنٛز آشکار سپدان۔ ع

چھُس وَدَن زالِتھ بَدَن ، روٗدوم مَدَن ژوٗل سر حَدَن

پرٛزنگ چھایا دِژنگ چھایا بژنگ چھا کٹہٕ ہار چھا

کٲشرِ یتھ یادِ کرتہٕ کرِس اَتھ تلاشَس مَنٛز چھُہ رٔوٗسٕل میٖرُن تیتھ کلامہ تہٕ نظرِ تَل اَنُن ضروٗری۔ یِمَن مَنٛز تِمی کٲشرِ تمدُن کیٛن ظٲہری تہٕ مٲری مَنٛدِ جلوَن کُن توجہ دِتھمُت چھُہ۔ ساینِ اکثر پرانین شاعرَن ہِنٛدِس کلامَس مَنٛز چھُہ یہ پہلو یا تہٕ غاَب یا بلکُل تقلیٖدی۔ رٔوٗسٕل میٖر اوس اَکھ حُسن پرست شخص تہٕ تَس اوس پارَوس تہٕ سنگارَس ستی سیٹھاہ خوے۔ تِمی یتھ کُنی پننی شعر مختلف شعری صنعژو ہِنٛدِ لو زیورو ستی آراستہ کرِمتی چھِہ۔ یِتھے کُنی چھِہ تِمی کٲشرِ زنانہٕ ہِنٛدِ ین گہنَن ہُنٛد تہٕ ذِکرِ کوٗرمُت۔ تُہُنٛد خیالی معشوق چھُہ شِشتہٕ تہٕ داہ یعنی سنسکرت شاعری ہِنٛدِ لو شُرہوٚ (سوله) [16] سِنگارو ستی ساز کرِتھ۔ تِمَس یِم زیور چھِہ تِم چھِہ کٲشرِ۔ یہ چھُہ رٔوٗسٕل میٖرُن خاص مادان تہٕ ہاوان زِ سہٕ اوس اعلا طبقہٕ کہٕ زِندگی ہُنر ہاوان۔ اَتھ مَنٛز چھِنہٕ رٔوٗسٕل میٖرس نہٕ تِمہ برونٛہہ کانٛہہ شریک تہٕ نہٕ تَس پَتہٕ کانٛہہ ثانی۔ مہجوٗرَن نیٖہ تَس نِشہٕ وار یا رنگ۔ مگر یہ رنگ آس نہٕ براہ۔ یِتھی شعر

زنتہٕ چھ کاشرِن گھنَن ہِشوٚند عجایب خانہٕ۔ اَز نہٕ چھُ سیمو مَنٛشرِ واریا زیوَر وَرتاوَس منٛشر تہٕ نہٕ چھ تِمَن ہِندی ناووٚیدی۔ زٕ دٕ سل میٚرن چھِنہٕ یِم گژنہٕ شُمار کَرنہٕ خاطرٕ اَزِ مِتہٕ بُلکہ چھِ تِمن ہِندی کینہہ ساروٕے کھوتہٕ برجستہ تہٕ زوردار شار اَتھ رَنگس منٛشر۔ ع

ہَرژِنیک باوٹ، کَنَنگ دوٚر، دِلک مَحرم، شِلک ژوٚر
ہَٹیک چھُم چشمِ بد دوٚر شہ موختہٕ ہار کوٚت گوم

---

زالی وانکَن تَل چھے بالی نالی کانٹھِ مال ہَٹہِ پھول بنگالی
ہَشگہٕ طومار سونہٕ ہِندی والی بول کَکِلی لول ہے آم

---

سونہٕ دوٚرِ میشانہٕ یاکَنہٕ پھلے
ہَٹیک موختہٕ ہار چھِہم ژِے

---

سور کنہٕ کے روٚدم دوٚر ژور وَنڈِ گے چشمَن نور
دوٚر کنہٕ گے ہَٹہٕ گے سون تے

---

ہا یارِ موختہٕ ہارہٕ گَنڈ تھوٚ بہٕ ہَٹے لو!
شِروانہٕ دار سونہٕ ہِنٛز بنگر گرِہِم چانہٕ لولرے

## للہٕ ناوتھ درٕ گوشس    دُرٕ دانہٕ مسأ روشس

یتھس کلامس منز چھُ کاشرن زیورن علاوٕ کأشرِ لباسک ذِکرِ تہٕ بییہ تمن جامن ہُنْد ذِکرِ یِمہٕ خوجہ یارٕ یس بایہِ آسہٕ ہن لاگان۔ یِم چھِ اُکِس نازنین معشوقس واریاہ رنگین پلوٗ تہٕ از چھنہٕ یِمَو منز کینہہ ناو تہِ اسہٕ ونی۔ ع

ڈٲلی کن زٲلی وٲنجہ، نٲلی پھیرن روا نار

---

کامہٕ دیوٗسس شوٗبان نٲلی    جامہٕ گُلکأرٕ، پھُلکأرٕ چھٲلی

زنگہٕ رزِس ناوسے تن    کوٗنگہِ تے کوٗستوٗرِ لولو

---

جامہٕ چھِی نٲلی قلم کأری یے لو

---

ڈٲلی کن، نٲلی کیمخاب    زٲلی مَس طاقین چھے زرٕ ی

وتھرن چھُے سِنجاب

---

یِرِدسے تھاو برقہٕ مترٕ او    مترٕ او دِل عاشقن

نوٗرِ روخ ہاو روٗر اُلراو    پیرٕ ڈ ترٕ او چھوکُلی یے

---

چاردان تے کأنٹھ مال تس کتِی چھم کنہٕ ڈٲلی یے

کنہٕ پھلی بنگٲلی چھال سالس اَنتنے بأڈلی یے

مُقامی رَنگ یادٕ کرنہٕ کس اَتھ جستجوہس منز چھِے رٕوسل میرٕ ژٕسوکاشرِ
تہٕ قابلِ غور ییٚس زٕ کاشرِن لکہٕ کتھن ہِندی کردار ورتاونَس منز کران چھُ،
اَوے کتھ تہٕ چھِے پننہٕ شایہ زِ پننہٕ وُسعت طلبی ہندِس جہارَس منز چھ
مُختلِف تہذیبن ہندِن کردارَن تہٕ ملہٕون کرِتھ اَکھ بوڑ فضا یادٕ کران۔ یہ چھُ
عشقہٕ چہ آفاقیتُک اکھ لازمی نتیجہٕ۔ ع

ناگرایٖنِ ہا ہی مالی! مجلوٗن خانٕنی لالی یے
سائس نمہٕ نتھ تیل بل نالی تِ بوز سونٛدر مالی یے

---

مجنوٗن، وامق بنٛیہ ناگِ رایے لاگتھ دراو دِل زاگتھ نیوٗن
لاژ تہٕ عذرا یہ بنٛیہ ہِی مالے ہا جگر گوش ییہ زلیے لو

رٕوسل میرس پیٹھ چھُ اَکھ بوڑ الزام زِ سہٕ چھُ فارسی زبٲنی زیادٕ آویزٕ تہٕ تس چھُ
فارسی لفظ ورتاونَس خواہ مخواہ لُطف یوان۔ آزاد چھُ اَتھ حدس تام گومت
زِ سہٕ چھُ وَنان زِ امہٕ کنی چھُ بندی واریاہ غزل لوکن ہِندِ فہمہٕ نِشہٕ دور۔ اَتھ
چھُنہٕ کانہہ شک زِ رٕوسل میرن آنی حافظ، خسرو، خیام، نظیری، صایب بٔتہِ
ہِنزٕ ترکیبہٕ تہٕ کاشرِ غزلک دامن کوژن بخناو۔ مگر سہٕ چھُ عام طور لوتین تہٕ مناسِب

لفظن ہنٛز ژارٕ ے کران یِم کأشرِس منزٕ ازٕس وِینَ ۔ یِم لفظ چھِہ میٹھی تہٕ موسیقی ریزٕ آسان ۔ ییٚلہِ کأشرِ اَن پَڑمت آسی تیٚلہِ ما آسِہن نہٕ تِمن ہیٚمتی غزل وَکھرِ ترأن ۔ مگر رُوسُل میراوِس تھد پایُک فنکار تہٕ تٔسنٛدی یِم غزل چھِہ ازتہٕ ساودر وار ۔ بیٚیہِ اوس یہِ کأشرِ زبأنی وُسعت دِنُک مأملہِ تہٕ تٔمہ اوس اَکِس باشعور کأشرِ سٕنٛدی پأٹھی پننی زبان بناونہٕ خأطرٕ فارسِ کیو خیالو منٛز یِمہ ژونہٕ ژاران تہٕ کأشرِس نالس جران ۔ مگر مأملُک بیاکھ پہلو تہٕ چھُہ ۔ تٔمہ گو زٕ شوز تہٕ شوزٕ کأشر زبان وَرتاوُنس منٛز تہٕ چھُہ مَردِ مأدان ۔ اَتھ جاے پٮ۪ٹھ چھےٚ کأشرِ زلوٚ زنتہٕ سیٚنٛدِ زلہٕ چھلتھ چھوکتھ کُنہِ وِرِ غبارٕ بغأر ۔ یِتھی شار چھِہ تیتیا دِلکش زِ تِموٚ منٛزٕ چھِہ واریاہ حِصہٕ زبأنہِن پٮ۪ٹھ کھٔتی ہتی تہٕ یادِ وٕڈٕ رِک حِصہٕ بنے ہتی ۔ یِم چھِہ مِثالہٕ پأٹھی وَرتاونہٕ یِوان ۔ یِتھین شارن منٛزٕ چھِہ رُوسُل میرنہِ باوٕژبَل تہٕ زورِ بیانکی کینٛہہ سار دٕ ے کھوتہٕ طاقت وَر نمونہٕ تہٕ نظرِ یِوان ۔ کمال یہِ یاسُن چھُہ زِ اَتھ منٛز چھُنہٕ کُنہِ شعوری شیر ژأرٕ ہٕنٛد دخل بلکہِ چھِہ یِم اَکہِ وجدأنی کیتھہِ ہٕنٛدی پأٹھی پھٕرکان تہٕ وَزان ۔ زَنتہٕ دیرناگس وِنتھ تھٔنہ پیوان چھِنے ۔ ع

چھےٚ یُوسفُن اِنہار　　　کَر لوزٕ زُلیخا

مُشر نیرِ دَر بازار　　　لَجہ پرَنٛدٕ ژٕ لو

گوڈٕ ہوو تھم دیدار اَدٕ کیاز کھوٹھتھ روے
ووٗنۍ کتہِ وُچھتھ دُبارٕ، وانہِ منے پھٹے لو

---

وُچھ منترس منتر رچھتھ دچھہِ موری یے

---

حورٕ چھے توشان تتھ دورٕ گرایے

---

ووٗدٕ ناگا جنس مدٕ بو وا جنس
زا جنس عشقنی نارے لو

---

روشہِ آنتھ ژوٗلم کوٗتے روشہِ ونس لارس بہٕ تتے
ہوش آستھ موت لاجامے تنہٕ یورنے آمے اُتیے

---

دولہِ وُچھتھ دِل خستہ گرنس لولہِ ہالکلہِ گل بستہٕ گرنس
تولہِ ڈوٗلم سورنے درامے تنہٕ یورنے آمے اُتیے

---

ینہٕ رچھ نم ولیہ سوندرٕ ہے! سوہٕ دادے سورِم ژران
تنہٕ زوٗن زن آ جنس درٕ ہے کائی برٕ ہے گرٕمہ گلستان

جوٗگی، سنیاسی، تپہٕ ریشی وَن تے، وَن تے لو
یَینہٕ مَدنس لوٗگ پرمس زدٕ کُری شم رہ پہٕ بدنس
تنہٕ وَدلس چھُم نہٕ زانہہ ژھین تے، وَن تے لو

---

ہارِنے تاپے گٔو جنس بو    ڈٲنی ڈٲنی شِنہٕ تانی زنتہٕ لولو
کیشاہ کرٕ ڈرایس خام    ویرِ ہُنڈ دوٗر ژام

---

لولہٕ چہٕ رگہٕ گوس دِگہٕ خوٗن جاری
کاشتہِ ما پوٗرپر کوٗر لوکہٕ چاری

میرنس کلامس ڈِژ مے ذرا تفصیلہٕ سان نظر۔ اوٚکنی زِ تس متعلق چھُ عام طور یہ تاثر زِ سُہ چھُ اوٚکی ہوٗنگ شاعر۔ یَس سراپا نِگاری ہُنڈ مُشر تھکن لایق چھُ سراپا نِگاری مَنز چھُ تس لُطف ہِوان تہٕ تمی چھُ اَتھ عنوانس مَنز کاشرِس اَدبس مَنز اکھ برجستہٕ باغ سجوومت۔ یہٕ اوس تس مِزازس نکھٕ، تہٕ یہٕ اوس اکھ شعری رِوایتُک پیوند تہٕ تہٕ برمتھ تمی نٮ۪ اشار فٲرسی تہٕ اُردٕ شاعرن

ہندوپہِ تھو مصرٕ ولِش۔ ع

کس ندیدہ سروے کہ آرد بارِ گل
باغ شگفتہ تیرا بساطِ نشاطِ دل (غالبؔ)

تہٕ لیوکھُن۔ ع

سروِ قدٕہے میو چھُے پستان
شمشاد سیمیں سروِ خرامان دیان چھی

شمشاد قامتھ گل بدن لب غو نچہٕ سُنبُل موے

یتھ لولہٕ باغس زخمِ دِل میثون سرو میثونے آہ
اَشہٕ وانہٕ ستی جویہ پھرہ ہم چانہٕ لولرے

ہرٕ شایری ہنٕز اکھ خوٗبی چھےٚ موضوٗعس ستی اکھ خاص وفاداری تہٕ بےٚ تکلفی تہٕ آسان۔ اَتھے چھُ اکھ نقاد وَنان زِ حارتھ (MYSTERY) تہٕ چھےٚ مانوٗس بے تکلفی (FAMILIAR INTIMACY) ہُنٕد اکھ وُیُوہہ آسان۔ رٕسُل میرس اُس معشوقس تہٕ حُسنس ستی یہے بے تکلفی تہٕ اَدے ہیوٚک تسٕند شار واریاہن شاین سراپا نِگاری ہند ستیھ پیٹھ تصوٗد وتھتہٕ یتھ تھرٕ رٕس پیٹھ وا تھ۔

ع

رۄنہٕ گوڑٕ کے یامتھ بۄزٕن ساز

بۄزی بۄزی آو شاہٕ ئیندراز

پوشہٕ مال چھم پوشہٕ تلی ڈایہٕ لولو

رنٛدٕ پوشہٕ مال گنٛڈٕ سنے ڈرایہٕ لولو

---

شمعن فونوٗس ژٕنٛم جالے     دما پوٗنپور مارس پان[۱]

یارس پتہٕ تھاہ نارس لاے     ہا جگر گوش ییہٕ نایے لو

---

وَنے کیاہ عشقہٕ پیچانو کنو بوز

چھنہٕ کینہہ پانہٕ مارِس کیاز گٹھی یے

---

دورگہٕ واوے ژھپتہٕ گو کالگ ژوٗنگ

شہ چھ شوٗبان پیٹھ رنٛگہٕ زورٕ لولو[۲]

---

۱ : اتھ سیتی وچھو مرزا صائب سُنٛد یہ شار ع :

سحر تہ پیرہن دیدم تراچوں شمع فانوسی گریباں مے درم، دیوانہ شمع تو خواہم شد

۲ : ایک شمع ہے دلیلِ سحر سو خموش ہے (غالب)

سُہ چھُ عشقس اکھ طرفہٕ انسٲنی جبریت کِس دٲیرس نباتٲتی زِندگی ہُند زانم پراوِتھ پھُٹراوان۔ ع

غوٗنچہٕ زَن نیرِ پھٕٹتھ پھیرِ گُل زَن پردہٕ ژٕٹتھ

تہٕ چانے خارٕ برٕ گژھتھ پھولہِ یو مَدہٕ لو

مگر اَخرس چھُ نیٚنہٕ تہٕ انسٲنی عشقہٕ چہٕ کیفیٲتی تھفہ رٕٹتھ قایِل سپدان تہٕ کیازِ

بُلبُل تہٕ پوٗنپُر چھُ بہر حال ذہانتھ کرٕ جوہرٕ نشہِ محروم۔ ع

رٕوسِلہٕ عشقُن عذاب زوان کُمی بُلبُل تہٕ پوٗنپیری

اوٗن کیاہ زانہِ مہتاب بے تاب کوٗرتھس سوٗندری

تٕسُند معشوق چھُنہٕ صِرف ظٲہری رَنگ تہٕ روٗپے تھاوان۔ تَس چھِنے ذہانتھ

تہٕ تمیٖنک منطقی ثمر خوش کلٲمی تہٕ۔ سُہ چھُ نےٚ نوش تہٕ تہٕ اَسہٕ وٕنہٕ ہوٚنجہٕ تہٕ۔ ع

مَسہٕ چھوٚرِیا شراب خوارا کوٗر تھس خراب تہٕ وارے

---

مے نوشِ شیرین جواب اَسہٕ وِنی ہا کو سَم تھری

وُٹھ چانی یاقوتِ ناب بے تاب کوٗرتھس سوٗندری

تہٕ توَے چھُ سُہ آنہ جان اَسیتھ تہٕ کنٕنرن "صاحب نظرن" کنیتھ راجنہٕ۔ ع

اے یارِ ظالم، آفتِ دل، غارتِ ایمان!

کینہہ راحتِ جان چھی ژٕ نے دہان جان دیان چھی

(آخرٕمی مصرٕ چھہٕ ذو معنی۔ یتہِ لفظ جان دوشونٕی شاین "جان" کِس مفہومس منز ورتاونہٕ چھہٕ تہٕ شوخی ہٕندِس طرزس منز یتہِ زٕہر گاہے تم راحتِ جان وَنان چھی۔ زہرے چھہ وَنان)۔ ع

چھے شبان دیوانِ حُسنس خطِ ریحاں اے صنم

(دیوانس منز آسن لوکتہٕ زاولِ شار۔ اَتھ پرٕن وول تہٕ آسہِ شار فہم تہٕ ذہین تہٕ خطِ ریحان پرٕ زٕ ناوَن وول مہذب حُسن پرست۔)

بہر کیف رٕسول میرنی سوغات چھے اَمہٕ علاوٕ واریاہ کینہہ۔ یتھ کُن ہیرارِ شارٕ آمٕتی چھہٕ کرنہٕ۔ مے چھہٕ زانتھ مانتھ کُنہ خاص دعواکِس سلسلس منز زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ رسول میرنی شارٕ دٕ پیچ کوشش کرمٕژ۔ یتھ نہٕ یہ باسہِ زٕ "مدعی سست گواہ چست"، مے چھے وومید زِ ووٕنی سپد رسول میرنہٕ دتہٕ (CONTRIBUTION) کین باقی پہلووَن کُن تہٕ توجہٕ۔ تَنٕد کلامہٕ اُکس جایہٕ جمع گژھنہٕ سٕتی سپدٕ یہ کام ووٕنی یقینن ژٕر آسان تہٕ

رسول میر چھہٕ ننہٕ فنی کامرانی لسہار اتھ، اَتھ نہٕ باشو عودٕ ہماشہ

بُنِتھ اُبھران ۔ یِم سانہِ شاعری ہُنٛد روٗخ تبدیل کوٚر ۔ ییٚمی سانہِ زبانۍ ہِنٛدی معنوی سرحد تِتھے کٔنٛو کُشادٕ کٔری یِتھٕ کٔنی کانٛہہ سوٗرما جغرافیایی حدٕ وسیع کران چھُ، یوسہٕ کام حکمران تلوارِ ہیوان چھُ ۔ تمدُنی فتح و نصرت تہٕ کِشوٗر کُشاۓیی، مَنٛز ہیٚتر تمی پننِس قلمس ۔ سہ اوزِ کأشرِ ہُنٛد محبوب فنکار ۔ بنِتھ تہنٛدِ دِلَن مَنٛز سنطوٗرٕ کی پاٹھی وُزان ۔ مگر کأشرِ تمدُنہٕ کِس اَکِس معمارٕ سٕنٛدِ تہٕ کأشرِ زبانۍ ہِنٛدِس اَکِس تعمیر کار سٕنٛدِ حیثیتہٕ تہٕ چھنہٕ تٔسنٛدی کارنامہٕ کم اَہم ۔

بہٕ چھُس موتی لال ساقی، بشیر اختر، میر غلام رسول نازکی، بشیر یاسر حکیم منظور، پروفیسر رحمان راہی تہٕ پروفیسر رشید نازکیٚن تہٕ شُکر گذار ۔ یِمو مَنٛز دِیُت کینٛژھو صاحبو منٛے مواد جمع کرنس مَنٛز مَدد تہٕ کینٛژھو کوٚر منٛے سیتی زٕ وُسلٕ میٚہنیٚن کینٛژن شارَن متعلق گفتگو، کرِتھ زحمت برداشت ۔ غلام رسول گٹاڑن اوس موہن رینہ سُنٛد نبووُمت شٔیٚبہہ زٕ ثعر تھووُمت ۔ سہ دِیُتن یٔیمہ کِتابہِ ہِنٛدِ خاطرٕ ۔ تٔسنٛد شُکریہ تہٕ چھُ لازِم ۔ محمد یوسف مسکینن تہٕ گرینہٕ نو روپہٕ اَکھو سیتی مُشکل حالاتَن مَنٛز کِتابت ۔ بہٕ چھُس تٔسنٛد مشکور ۔

یِتھ کِتابہِ مَنٛز یوسہٕ خامی آسہٕ سو چھےٚ میانہِ کوتاہی ہُنٛد نتیجہٕ ۔

---

رٔدٕسل میر اوس اکھ تیتھ نظر باز شاعر یُس کانٛہہ چیز قبوٗل کرنہٕ ورٕ

پننہٕ رلوٲیتُک عرفان اوس استعمال کران۔ یُس مَس آمہٕ چھاپہٕ منٛز نیرِ ہے

تھیٛ اوس وُڈھ لاگان تہٕ باقی اوس تراوِتھ تِرھان۔ اَتھ سِلسلس منٛز چھنے یہ کتھ

سیٹھا اہم تہٕ دلچسپ تہٕ زِ حافظ تہٕ باقی فارسی شاعرن ہِندِ نے خانہٕ نٹھو تہٕ نار لو

چینہٕ تہٕ چھنہٕ سہ تِمَن ہِنٛز لیہہ ستی اپرِ گرٛھان بلکہ چھ پوٗرٕ ایٚحتیاط سان ژٲر

کران۔ اَتھ سِلسلس منٛز چھ امرٕ دپرستی ہِنٛز سعہ رلوٲیتھ ملے مسترد کران یوسہٕ

تقریباً سارو نے فارسی تھنگیں پسند چھےٚ یِمَن منٛز غالبؔ تام شامِل چھ۔

خواجہ حافظؔ ہیٚنو "لِسانُ الغیب" تہٕ حافظِ قرآن تہٕ چھ وَنان۔ ع

پدرِ تجربہ توئی، آخر توئی اے دِل زِچہ روی

طمع مہر و وفا ازین پسراں مے داری

---

نقش بنداں خطا از خطِ سبز عارضت

سائیلنے گردِ عنبر، گردِ نسرین بستہ اند

رٔدسل میرٕنِس کلامَس منٛز چھ معشوق اولہِ پیٹھے انٛدس تانی زنانے روزان

یہ چھ ہاوان زِ کشیرِ منٛز اوس ـــــــ پردٕ تہٕ تیٚتھ سطحس پیٹھ زانہہ تُرکہٕ نیتہٕ زنانہٕ

گرٕ چھین دیوارن اندر تتھٕ کُنۍ روپوش سپدٕہے زِ عاشق ہیوٗرتھ لرٕکن پتہٕ۔ امیر خسرو دہلوی ہندِس کلامس منٛز تہٕ ہرگاہ امرد پرستی غالب رُجحان چھُنہٕ تمِیک وجہ تہٕ چھُ یوہے زِ تمیٚ تہٕ کورٕ نہٕ اَندی پکھٕ ٹھیک اثر قبوٗل تہٕ یِہٕہے اُس برانٛچ رلوا ییتھ تہٕ۔ یہٕ کتھ چھےٚ ہاوان زِ رُسل میر اوس نہٕ فقط صنعت گرے یوت سہٕ اوس اکھ طبع زاد تہٕ خلاق رجحان ساز تہٕ۔

حافظ سندِ یمہٕ شارٕ بر عکس اوس سہٕ کاسب تہٕ تہٕ طبع رواں تھاوَن وول سوخن ور تہٕ۔ ع

آں را کہ خواندی اُستاد گر بنگری بہ تحقیق
صنعت گریست اما طبعِ رواں نہ دارد

---

رُسل میر پرن وِزِ باسیوو مےٚ جایہٕ جایہٕ وِزِ وِزِ تسندِس کلامس منٛز چھِ لفظ کتی وہی تہٕ روح تھاوان۔ تم چھِ معنیک گنجینہٕ تہٕ تہٕ تمن منٛز چھِ محاکات تہٕ مشکے رٹھان۔ توتام چھُنہٕ تسندِ کامک رس پٔنن صحی لُطف تہٕ ذایقہٕ دِوان یوتام نہٕ یمن محاکاتن۔ اسطورن، استعارن تہٕ تلمیحن ہیچھ نظر آسہِ۔ تلمیحن ہندیہٕ انبار چھِ تسندِ زانکاری ہندی سرحد تہٕ ہاوان تہٕ رنگ رنگٲرنگی تہٕ۔

یمن منز چھ کینہہ استعارٕ تہٕ اسطور تہھی تہٕ یم اسہ صرف تِشندی سے یوت کلامس منز نظر گژھان چھ۔ اوے زون مےٚ مناسب زِ انٛدس پیٹھہ گژھ اکھ فرہنگ تہٕ درج کرنہٕ یِن۔ یہ فرہنگ ہیکہِ ہے امہٕ کھوتہٕ تفصیلی تہٕ اسِتھ مگر یہ چھس سوٗ کام پننہِ کھوتہٕ زیادٕ زیادٕ خبردار دوستن پشران۔ یہ فرہنگ چھ رٛوشل میرن ذیٚہنی تہٕ تہذیبی فضاگاشرادنس منز تہٕ کم کاسہٕ مدن کران کاشرس ادبس منزتہٕ چھ سیٹھہ ہیوٚ فرہنگ دِیٚن اکہِ نوٚہ رلوایتک دُسلاب کرانہٕ مےٚ چھےٚ فرحتھ زیتھ کلیاتس منز چھ رٛوشل میرن سوٗاد واریاہس حدس تام صحی کرنہٕ آمت۔ یم لفظ سرسری پاٹھی منساونہٕ اسی لوان۔ تمن ہندی اصل آکار تہٕ نوٚی معنی گےٚ رُدشن۔ یوہ سہٕ میرشناسی منز سیٹھاہ لکارتہٕ مدد گار ثابتھ سپدِ چھیکرس چھس یہ تمن دوستن ہند شکریہ اداکران یموٚ مےٚ یہ کلیات چھاپہٕ چھ کھرنہٕ کھارنس منز مدد دیت تہٕ کینژن نوٚکتن ہنز وضاحت کرنس منز سود۔

---

یتیمہ کتابہِ منز چھ یاتن ہند متن (TEXT) واریاہن چھاپی نوٚ سخن تہٕ دوٚن قلمی نوٚ سخن ہندِ اکھہ رٔلہٕ سیتی ترتیب دِنہٕ آمت۔ کلام رٛوشل میرکی قلمی

نوٚسخہٕ چھےٚ کمےٚ پہَن دٕسی یاب - بہرحال یِم زٕ نوٚ نسخہٕ منٛے اَتھہِ آیہِ ـ تِموٚ سیتی سِیدٕ

رَوٚسُل میرنۍ وارِیاہ مارٕ مٔنٛدۍ شار دُرست ییم زَن چھاپی نوٚ سخن منٛز غلط چھپان

آسی رُودۍ متی - مِثلَن یہِ شار نیٚیہِ توان - ع

اَچھ دوٚلوٚسم منٛے اَچھِ دارے اَچھِ دَل گَچھِہ ڈٔبہٕ منٛز یٲران

وُچھان آس بر کیٛو دارے آرے آرے ظٲلموٚ!

حالانکہ اَمیُک ترتیٖم مِصرعہٕ چھُ ییٚمِہ اَنٛدازٕ چھپان رُوٗدمُت - ع

وُچھان لوٗسس برٕ خوٚردارے

افسوٗس چُھ ساری باتھ چِھنہٕ یِمَن نوٚ سخن منٛز - لِہٰذا چھِ ییٚمِہ کِتابہٕ ہِنٛدِس

کلامہٕ منٛز کیٚنہہ غلطی مُمکِن - یہِ اوس نہٕ مُمکِن زِ بہٕ ڈالہٕ ہا پننِس اَنٛدازَس پیٹھ

رَوٚسُل میرُن قلم - آتھس چھےٚ زِ ییٚنہِ وٲلِس وَقتَس منٛز یا تہٕ ییٚن نوٚی قلمی

نوٚسخہٕ اَتھی یا سیدِ بیٚہتر زالکٲری تعاوُن والین لِشہِ رَہبری حٲصِل -

سرینگر

۸ مارچ سنہ ۱۹۸۴ء

محمد یوسف ٹینگ

# راش

★ سَرُٛ وَندَے اے سَروِچمان

★ لالَس وَنتے چھُس سوال

★ جب آیا تو نے گھبرایا ہمارے من اِلا جانو

★ روش سَے روش ہا پوشہِ مآلی یے لو

★ بے تاب کوٚر تھَس

★ مَتہِ روز دَما روزِ درہم چانہِ لولرے

★ ہٲرِ یے تھاوکھ ناکَن تہِ لولو

★ ژٕ تہِ نو یہِ دۄرِ پر چون زَرَے

★ دُردانہٕ آسِتھ بے خبر مِرجان دَپان چھِی

★ بُلبُل چھو دِلبر مجمرے دِل

★ یارِ ییتہٕ بمَن بمَن

★ دۄرِ دۄرے پیٚری ٚے تراد لوٚنہِ لوٚتی یے لُتی یے

★ مۆت گوم یار فرزانہٕ ویٚنسی ییٚ

★ زُلفِ زنجیر یارٕس وٕنس ئہٕ زار کوٚت گوم

★ ہا یارٕ موٚختے ہارٕ گنڈتو ئہٕ ہٹے لو

★ بال مَرٕ یَے مَے روش

★ کاٗلی بَرٕ ہے گٔژھِ گلستان

★ عاشق ژٕلی یے وَن

★ تِی بوز سوٚنٛدٔر مٲلی یے

★ بہار آو

★ تسَ ئہٕ پٲری یے لولو

★ ژُھکھ جان جانانہٕ

★ دامہٕ عشقُن شراب تہٕ واے

★ کاردوٚہ گُن دٔژٕ دان

★ بٲلی گراوَن تھاوکھ ناکَن تےٚ وَنتےَ لو

★ طِفلِ اشکَم راغمت گہوارۂ جُنبان

★ مارٕ متیٚنو وے

★ آرِے آہے ظاٗلمو

★ کوٚزاٗلی اُسی لولہٕ ناٗری

★ جانانہٕ وٚندٕ سے جان

★ بیداد ژٕلوٚے

★ بچانہٕ جانکُ چھُم قسم

★ بوزٕ کرٕ کھس مُژ دیوانے

★ دِل چھُے سنگِ خارا

★ یِنہٕ آدن یار ڈیشامے

★ بول کٔرٕلی لول آم لولو

★ ہاٗنژلہٕ کوتاژالہٕ بوٗ

★ آفتِ جان شوٗبان عجب

★ ہوشہِ ڈٔلے یوٚمدٕ نو

★ یُتھ ماہر دیٚن چھُسنہٕ وچھان حُسن

★ کوٚنے آم

★ دَم چھُے غنیمتھ دَم بہٕ دَم

★ بوزٕ لُتی یے لول جون آم

★ ہُوٚرِ تھوو تھٔم ارمانہٕ مدٕنو

★ اَفسانہٕ کٔرِتھ ژٕولےٚ

★ دِگر دۄہہ گوم پٕراران

★ بٔ کَس وَنہٕ بأولی یے

★ کموٚ شُری باشہٕ

★ تھوو تھٔم پَشہٕ پَشہٕ مے

★ ژٕ پرتو یا فتاح

★ ژھکھ سوٚن جِگر گوٚش

★ چاوِ مے جامہٕ جمے

★ کوٚنگی ہاوتے پان

★ عشقہٕ بمبۄری تٔنبلووٕنس

★ دِلا رام لِگارو

★ ظالِم عجب سِتمگر

★ از آم دِلبر الحمدُاللہ

★ جانانہٕ خوش روٗ سُبحان اللہ

★ جانانہٕ وَندیو سَر

★ وَنتہٕ لُتی یے تَس میانی نار

★ رُوٗدُم کتھ سَناشایے

★ مسالاے تیر مِشر گانے تہٕ لولو

★ لالہٕ رویس پیالہٕ کُم بُری یے لو

★ میٚنحرابہٕ بُمَن نگیو

★ موکر وَعدٕ خلافی

★ جانانہٕ یتہٕ مو

★ شانہٕ کٔرِتھ زُلف خَمن آے

★ یہٕ بٲلی زولہٕ لَنسے

★ دِل ہنے نیوٗتھم زُدرہٕ

★ وہ کے کوستوٗری یے

★ گرٹھ تہٕ ویسی یے اَنتَن اَستہٕ لو

★ مےٚ چھُ موٗرے للہ وُن نار

★ سانہٕ آنگنی ژاو گوپٲلی

★ شَرمےٚ دِلہٕ گے دژاوَنے

★ ہاگہ لاب تھُری یے لو

★ سٕنّے بالہٕ پُھمے چمہٕ خمے

★ رٕنٛدٕ پوشہٕ مال گِنٛدٕ نے ڈرایہٕ لولو

★ نار لَلہٕ وُن تھووٕنَم مۄرِ لولو

★ کٔرِنَم گژایے کوّت گوم

★ سُے گوم ترٛاوِتھ بال باوٕکس تَے

★ گَتہٕ مَے مار سونہٕ کنہٕ دۄراٰنی

★ ہا گولاب تھٔرِ یے لو

★ وفات نامہٕ

★ قَنٛدِ پارسی

# غَزَل تہٕ وٕژَن

رٕسوٗلَن تازٕ کِتاب
یہٕ وُزنے چانہِ غمے
اَنہِ کُس تابِ جواب
چاوٕمے جامہٕ جمے

# أے سَروِچمان

سَرٕ وٚندَے اے سروِچمان
طرفِ چمَن چمَن ودٕلو
خال چھے منٛز ہٲرِنجہِ بمَن
رُمہٕ رُمہٕ چھی ہَرنہٕ رمَن
زُنگیاہ ہیتھ تیرِ دکمان
مارِ کمَن کمَن ودٕلو
چھے تأریف پرچم چلیپا
جیمہٕ کج لام یا دامِ بلا
کارٕ ییتِ مارٕ وِز مارِ پیچان
زُلفِ خمَن خمَن ودٕلو

خالِ مشکیں، رُخِ یاسمیں
یاسمن موے خوشبوے نسرین
سینہِ سیمیں ڈیشتھ نہٖ سمان
روے سَمَن سَمَن ووٗلو
چانٔی وُٹھ دُرفِشاں کانِ مرجان
شکرستان، حُسنکی نمکدان
جانِ شیرین یاقوتِ رُمّان،
لالِ یَمَن یَمَن ووٗلو
چانہِ حُسنک چھُم جَلوٕ دَردِل
ہیچھوٗ سے کَرِتھ دَرشیشہٕ منزل
سوز ہمان جوشس است ہمان
چھُمنہٕ ہَمَن ہَمَن ووٗلو
تیِر لایان چھُکھ بے کمان
زخم سینس چھم بے نِشان

ماڑی مِتی عاشق بے گمان

چانٛی غمن غمن ووٚلو

کامہ کیٛو چھم چانٛی لولہ کامن[1]

جامہ ژٹتھ رٹے دامن

شامہ لٹے دِ دے بمان[2]

یارِ بمن بمن ووٚلو

ونتہ روٚسلس کِتھ ساٚ مشے

ہرنہ چھس برنہ آمتی لشے

سورمہ چشمن دِل ساٚنی برمان

ماٚنزِ نمن نمن ووٚلو

---

لہ۔ کامہ کیٛو چانٛی چھم منہ کامن (ان۔ٹ)

سہ۔ یہ مِصرعہ چھُ سارِنے نو سخن منظرِ امی آیہ۔

# سالَس اَنتنے باٗلی یے

لالَس وَنتے چھُس سوال سالَس اَنتنے باٗلی یے
مَدٕ چھس اَز چھُم کمال اَدٕنے روزٕہم کاٗلی یے
وَدٕنا رادٕہم جمال سالَس اَنتنَے باٗلی یے
چاردان تَے کاٗنٹھٕ مال تَس کِتی چھم کنَن واٗلی یے
کَنٕہ پھُلو بنگاٗلی چھال سالَس اَنتنَے باٗلی یے
خوٗب روے ماہِ مِثال اَبرو چھِس ہلاٗلی یے
روبرو ڈیشُن محال سالَس اَنتنَے باٗلی یے
اُلفَس کوٗرنَم دال زُلفَن کیاہ چھِس زاٗلی یے
اُلفتہٕ وٚولنم نال سالَس اَنتنَے باٗلی یے
ڈیشِتھ تُمی سُند خال داغ ہیتھ زوٗن گیہٕ خاٗلی یے

سوٗرِس حُسنُک خیال	سالَس اَنتنے باگی یے
مَس کھاسی مالا مال	بُری نَس کمی کلہ واگی یے
چشمہِ چھس رشکِ غزال	سالَس اَنتنے باگی یے
مؤہہ تیر اُچھر وال	جگرس گُرِنَم اگی یے
وَنہِ ہَس بوزِنا حال	سالَس اَنتنے باگی یے
روشن چھُس میوٗن حال	روشَن کُوِ چھُم باگی یے
پوشَن کَرہِ سے مال	سالَس اَنتنے باگی یے
کامہِ دِو رٹہِ ہَن نال	جامہِ زان گرٹھ سے ناگی یے[1]
پامَن لاجنس بال	سالَس اَنتنے باگی یے
نیران چھُس نہ مَلال	پھیران چھُم باگی باگی یے

رسوٗل چھُس دِوان نال[2]
سالَس اَنتنے باگی یے

---

[1] یہ بنٛد چھُ اُکہِ تازہ نُسخہِ منٛترہِ تہٕ گوڈنکس ایڈیشنس ہُریہ۔
[2] نال۔ نالہ۔ قافیہ بندی ہنٛز مجبوری ہُنٛد نتیجہ۔

# جب آیا تم نے ...

جب آیا تُم نے گھبرایا ہمارے مَن الاجانو
دیا دِل تو پرائے ساتھ رُلائی تَن الاجانو
وُچھتھ چانْی، مانز رنگی مِتی نَم گُلن خوں گو بہ رُخِ شبنم
زِکا کُل گُل زخم در زخم بلا اندر بلا جانو
زِ روخ چھی تازِ پھلی متی گُل وُچھتھ آوارِ گو بُلبُل
زُلف چھی کارِ یتی سُنبُل پریشاں از صبا جانو
وڈنی سال چھال چھے ململ، کنن والی زالی وانگن تل
گیم بالِہ نالی جاوی ہانکل یہ کرتھس مبتلا جانو

کَتھَن چانٛہِن چھُہ دِل لۆبان اَتھَن چھَے مٲنٛز کیاہ شوٗبان
گُلیتھ گوٗمت، وٗلِتھ چھُے پان روٗپہٕ دستَن طِلا جانو
بلوٗرِین ساق، تن سیمیں، سمن سینہ، سرین نسرین
جبیں چھُے آیینہٕ آئین عجَب تازہ جِلا جانو
رسوٗلؔ اَز حُسنِ تو اے ماہ سَپُن دیوانہٕ کیاہ چھُس راہ
وُچھے تمہٕ مُظہرِ اللہ، یہِ وُنِنے کَم صلاح جانو

# روشہ مے روشہ

روشہ مے روشہ ہا پوشہِ مالیے لو

بوشہ حسنک[1] روزی نہ کالیے لو

زلفِ کاکلُ زنجیر چھی کِنہ زال

الِف سیدُم قد چون ڈیشتھ دال

سرو شمشاد ہمتِ عالیے لو

بوشہ حسنک روزی نہ کالیے لو

زلفِ مشکین چھے آپنس آہ[2]

یتھ قرآنس پیٹھ کنہِ بسم اللہ

یہ چھُ لیکھمُت پانہ ذوالجلالیے لو

بوشہ حسنک روزی نہ کالیے لو

---

۱: بوشہ حسنس ..... (نسخہ ط)۔ ۲: چھایہ کاکلُ کنہِ آپنس آہ۔ (نسخہ ط)

عشقہ پیچان چھے اَرغوانَن منز
کاڑ زُون زَن دوہ شہمارَن منز
نَقشِ چینس^۱ زُنّار ناگلیے لو
بوش حُسنک روزی نہٕ کاگلیے لو
مَدِ آہو چھا کِنہٕ چھے اَبرو
خودِ آہو چشمہٕ زَن چھے جادو
پَدمانی بَدوالجماگلیے لو
بوش حُسنک روزی نہٕ کاگلیے لو
قَندہٕ کھوتہٕ کیا میٹھی چھی وُٹھ چانی
لعلِ یمن یاقوتِ رُمانی
اَکھ مزدار بنیہٕ وونڈگلیے لو
بوش حُسنک روزی نہٕ کاگلیے لو
رِژ تیرَن چھے المائسک پھل
نچیرَن سے شُرہ وائلنجہٕ تل

---

۱۔ نقشِ چین۔ معشوقہٕ سندس وَچھس متلق وَنان۔ حافظن چھُ یہ بار بار وَرتوومُت۔

کُمی وِپَرن یم تیر ژاٹھی یے لو

بوش حُسنک روزی نہٕ کاٹھی یے لو

زاٹھی مَستس تَل کَنہٕ واٹھی یے لو

سونہٕ دوُرَن چھے موخطہٕ جاٹھی یے لو

پوختہٕ کارَن کُمی سُنباٹھی یے لو

بوش حُسنک روزی نہٕ کاٹھی یے لو

حُسنہٕ باغچ مَستوُر چھکھ مَسوَل

نتہٕ سونچ ما چھکھ یٔنبرزَل

مَسہٕ چھوِرِکھ کُمی کلہٕ واٹھی یے لو

بوش حُسنک روزی نہٕ کاٹھی یے لو

ہنیدی نیٖچوا سردار ماچینس[1]

روٗٹ گلالَن سے داغ مَنزسینس

---

[1] ؛ ماچین = مہاچین : پرانی کاشرِ اسی تبتس لوکٹ چین تہٕ اَصل چینس مہاچین وَنان ۔

خال ڈیشِتھ زوٗن گیہِ غاُلی یے لو

بوٗشس حُسنُک روزی نہٕ کاُلی یے لو

سینہٕ دوٗدمُت رسوٗل ہاوے کَس

چھُے نہٕ اِنصاف ایوان گژھٕ میٲنی وَس[1]

عُشقہٕ نارن کاٗتیشاہ زاُلی یے لو[2]

بوٗشس حُسنُک سوری کاُلی یے لو

---

[1]: چھُسنہٕ آرام ژذر تسنہٕ واَنج تہٕ دَس (تازہ نُسخہ)

[2]: عشقہٕ نارن عاشق زاُلی یے لو (ان۔ ٹ)

# بے تاب کوٗر تھَس

سیوٗد روز تھوٗد تُل نِقاب — بے تاب کوٗر تھَس سوندری
یا زوٗن نتہٕ آفتاب — یا حوٗر نتہٕ ماچھک پٔری
حُسنَس مے تھاوِ حجاب — بے تاب کوٗر تھَس سوندری
روخ چانٔی برگِ گولاب — سورٕہیچ پوشہٕ گوندری
سوری کاٗلی آب و تاب — بے تاب کوٗر تھَس سوندری
زُلفَن چھُے پیچ و تاب — دِل مے نیوٗتھم سوندری
گرِتھَم عشقنٕ طناب — بے تاب کوٗر تھَس سوندری
چوٗوتھَس عشقُن شراب — کھاٗسی چشمہٕ چھِے بٔری بٔری
خَستہٕ دِل مست و خراب[1] — بے تاب کوٗر تھَس سوندری
ینہِبر زٔلہٕ ڈٔلیو نٔھمت خاب — تَنبلاٗو کٔمی تام بوٗشبری!
تَنہٕ چھُس سُے اِضطراب — بے تاب کوٗر تھَس سوندری

---

[1]: خَستہٕ دِل مست شراب۔ (ن۔ٹ)

وٲلِکَن، نٲلِ کیمخاب! زٲلِمَس ٹاکٲنِ چھےٚ زَری
وٕتھرُن چھےٚ سنجاب بےتاب کوٗرٕتھَس سونٛدری
وایےٚ چنگ و رَباب بوزٕ تےٚ عشقنٕے تُلری
روزی نہٕ یتھ آب و تاب بےتاب کوٗرٕتھَس سونٛدری
مےٚ نوش شیرین جواب اَسوٕنی ہا کوسم تھُری
ڈُلھ چاٹنی یاقوتِ ناب بےتاب کوٗرٕتھَس سونٛدری
جِگرَس کُرہ تھم کباب زولتھَن اُنٛدری اُنٛدری
نارَس زِھنتھم نہٕ آب بےتاب کوٗرٕتھَس سونٛدری
روٗسلہِ عشقُن عذاب زون گٲمی بُلبُل تہٕ پوشِنیری[1]
اوٗن کیاہ زانہِ مہتاب[2] بےتاب کوٗرٕتھَس سونٛدری

---

[1] : ژول بُلبُل تہٕ پوشِپری (ن۔ ٹ)

[2] : اوٗن کیاہ زانہ آفتاب (چھاپی نسخہ)

# چانہِ لولرے

مَتہِ روز دَما روزِ دَرہم چانہِ لولرے
شرٕ دہ نہِ دار سونہِ ہشنز بنگرِ گرہم چانہِ لولرے

بو حال وَنے بوز کَنے یارٕ مَسا روش
میتے اَچھ پوشُن مالہِ کَرہم چانہِ لولرے

ذاتَس مِتے وُنم زار ساعتَس عاریی نا
راتَس مِتے ترٕ ہتہ سیپارٕ پَرہم چانہِ لولرے

لَب تشنہِ چھَس دَر باغِ بہتھ سَروٕ دَوانو
مے جوئیہ اَشکنہِ آبہِ بَرہم چانہِ لولرے

ہیکہِ ہیے نہ اُچھروال موہُن کال ژالُن پیوم
یوَد بالہِ سینس کان ترہم چانہِ لولرے

بَدنام گُرتھَس سونہِ تے پتریَنہِ گیلان چھَم
اِدٕ وُچھتہِ کشراہ پامہِ زَرہم چانہِ لولرے

تیُتھ سوز عُشقُن باد صبا بوز رسولَس
یُتھ مُشک[1] روزہم گُل مِتے ہَرہم چانہِ لولرے

---

[1] یُتھ مُشک روزہ ہم گُل مِتے ہرہم چانہ لولرے، یُتھ مُشک روزہ ہم میتہ مِتے ہرہم چانہ لولرے۔

# ہٲری یے تھاوکھناکَن تہٕ لولو

ہٲری یے تھاوکھ ناکَن تہٕ لولو
زار میٲنی طوطس وَن تہٕ لولو

مدٕنس وَنتسے اَنتسے عار
وَدٕنس چھُم نہٕ زانہہ ژھین تہٕ لولو

باگٕلی یے وَنتسے کٲلی راوہم
ڈٲلی کَن زٲلی چھال سون تہٕ لولو

بادام چشمہٕ یَنہٕ مژراوِن
تَنہٕ چھُم مُژراوَن تہٕ لولو

زُلف چھِس جیم تے میم دہان
سیماب خوے سیم تَن تہٕ لولو

سَنہٕ مے کوزنَم کامہٕ دِوَن
سونہٕ چھُم پامہٕ دِدَن تہٕ لولو

ہیہ کوٗرٕم کوٗنگہٕ پوشکٕ زنٛگ
یوٚسمنَ گیٚم سوسَن تہٕ لولو
ہاہرنے تاپےَ گاجٕنَس بو
دانٛی دانٛی رِشٕنہٕ مانٛی زان تہٕ لولو
عالَم گیلِ تہٕ کیاہ چُھ پرٕوا
میلِہ یوٚد سودا دوان تہٕ لولو
برٕسےَ وہن ژنی یا سہن ستی
کرٕسےَ تاوٕنہٕ بنَ تہٕ لولو
عُشقنے آورینہٕ مَنٛز چُھ پوٚنپُر
ناہ پان وارِ زالَن تہٕ لولو
ڈوٗرٕ تےَ ویرناگہٕ ہیمسےَ زاگ
روٗسُل میر تتی چُھ آسَن تہٕ لولو

# بال مرأیو

بُہ تہٕ نو یہ دۄر پر چھِن زرَے بال مرأیو

کیاہ کَرٕ تھوٕ تھَم زرٕ زرَے بال مرأیو

دِل خستہٕ گُر تھَس نَس کیاہ چھے رہ پہ سنٛز شمشیر

کَم شیر مأرِتھ خنجرَے بال مرأیو

دِلبرٕ اَژھتو میانِہ برَے ، دیلوٕ برَے دہِن

ژینے روس گُل زن گیسہٕ برَے بال مرأیو

شُہمار زُلفَو نال وٕولہَم رُود اَفسانے

وہ نی وَنتہٕ کَم افسوٗن پرَے بال مرأیو

عَنبرٕ ناوِتھ پان پأران[1] چھَس بہٕ یُنبرزَل

بوٗنبورٕ[2] میانے گھمبرَے بال مرأیو

---

[1] عَنبر ناوِتھ پان ، پأران .... [2] غزلہٕ کِس آخرس پیٹھ وُچھِو

تھرِ چھم مےٚ ہراں آیہ ہراں حُسنہٕ تھرے گُل

دِل چھُمنہٕ ہوان مھرِ تھرے، بال مرٲیو

شرمندٕ کرتھس آفتابٕ قندٕ ہارِچ زون

کچہِ چانہٕ گجسو لجہ سہ درے، بال مرٲیو

چھُم خفہ لارے پتہٕ لایے بروٚنٹھٕ نالس تھپھ

دامانہٕ رٹے محشرے، بال مرٲیو

شمشاد قامت آم ہلان بار عشقُن ہیتھ

خم گوم پشتس لوٚچرے[٢]، بال مرٲیو

یتھ لولہٕ باغس زخم دِل گُل، سروٚ میوٚ نے آہ

اُش وانہٕ سیتی جویہ پھرے، بال مرٲیو

حبیہٕ ولیسہٕ رٲوتھس اَسہٕ روستے[٣] ولیسہٕ کموٚ چھے

تمہ سانہٕ کھوتہٕ چھا سوندرے، بال مرٲیو

---

[١] : تھرِ چھم نہٕ ہراں آیہ ہراں مئے حُسنہٕ تھرے گُل ۔ (ن۔س)

[٢] : خم گوم پُشتس بوٚہرے ....

[٣] : حبیہٕ وہسرٲوتھس اَسہٕ ترٲوِتھ ۔ (ن۔س)

نَنہٕ کتھ وَنہٕ نَم اَنہٕ گٹہٕ اَمی لال فروشن
کَنہٕ مَنٛز نیراَن[1] جوہرے، بال مَرایو[2]

زیب ائہٕ دٕرایس بوزٕ نیباہ چون نِگارو
ژیٚنے پتہٕ دٕرایس کرٕانہٕ گرے، بال مَرایو

ہارٕنجہٕ بُمے چانہٕ لایان رُمہٕ رُمے تیر[3]
دٕانٛجہٕ کرِتھم پنٛجرے، بال مَرایو

بو شَرمہٕ گُجس شَرمے گو موکرمے زونم ہیے
اَز کوٗر مے کرٕمے لون سَرے، بال مَرایو

رٕوسلہٕ گولتھس ہولہٕ جیسے قولہٕ مسآ ڈَل
بو لولہٕ مسے[4] کھآسی برے، بال مَرایو

---

[1] : ژھارُن جوٗہرے ۔ (نُسخہ ٹ)
[2] : ع نَنہٕ کتھ وَنہٕ نَم اَنہٕ گٹے لعل شِناسَن کَنہٕ مَنٛز ژھارون جوٗہرے بال مَرایو (ن۔س)
[3] : ہارٕنجہٕ بُمے چانہٕ لایان رَسہٕ رَسے تیر (ن۔ٹ)
[4] : بو لولہٕ مَسہٕ کی ...... (ن۔س)

## دُردانہٕ اٰسِتھ بےخَبَر...

دُردانہٕ اٰسِتھ بےخَبَر مِرجان دَپان چھی
خورشید روٗیس رٕکھ نظر پدمان دَپان چھی[1]

قَد چوٗن ڈیشِتھ وِپر بڑمان تیر گرٛژھان خمَ
شمشاد سیمیں سَروِ خرامان دَپان چھی

یِم زُلف زَن چھی مارِ متیو مار بگردَن
شُہمار اٰسِتھ کاکُل پیچان دَپان چھی

یِم قُبہٕ سینکی ڈیشِہ وُنے دُبہٕ پھران دِل
انار شیریں کونہٕ دِپستان دپان چھی[2]

---

[1] : خورشید رُخا! کیٛح نظر پدمان دَپان چھی ۔ (ن۔ ٹ)

[2] : نارنج سیمیں کونہٕ دوٗپستان دَپان چھی ۔ (ن۔ س)

وُٹھ چانٛنۍ وۄزٕلۍ لعلِ یمن نتہٕ بدخشان
یِم پانٛنۍ پانَس رتہٕ رٔنگہٕ متی پان دَپان چھی

شوٗبانٕ[1] روٗخ چھُے قندہارٕچ زوٗن زن تابان
خوٗبانِ عالم ماہِ مہربان دَپان چھی

مِژ تیرِ ناوک بُمہٕ چھَے شمشیرِ ایرانٛنی
مستانہٕ چشمَن تُرکِ تُرکستان دَپان چھی

اے یارِ ظالِم! آفتِ دِل، غارتِ ایمان
کینٛہہٕ راحتِ جان چھی ژٕ تیٚ دَپاں جان دَپان چھی

رٕوشِلہِ یوٚدوَے غوٗنچہِ لبن ہیٚتھ ژٕ چھُکھ بدنام
خوٗش روز عاشق کرٕ ژےٚ نافرمان دَپان چھی

---

[1] : شوٗبان روٗخ زٕئۍ .....

# بُلبُل چھُو دِلبر مجمرے دِل

بُلبُل چھُو دِلبر مجمرَے دِل
گُل زان تھرے کو نہ ہرَے دِل

خوش کردہ بُتے خاص سجدہ
در کعبہ جان کافرے دِل

تنہِ سوٗر گژھتھ ذِکرِ انا الحق
منصوٗر بنِتھ کو نہ پرَے دِل

بوٗمبوٗرِ لدَے ڈالہِ ییٚمبرزل
زنبوٗرِ کوٗر تھم بانبرَے دِل

کمزور چھُس تہ چھُیے نہ ذرا عار
زر چھُم کاتیاہ داٗدی زرَے دِل

نے زارِ[1] نشہِ یارہ کرِتھس دوٗر

ہی نارِ دوٗد مو توٗلرٕ ے دِل

بزم دِتھ ژٕ وٕ لھم سرو ِشمشاد

خمِ زُلفہٕ کوٗرتھم بانبرے دِل[2]

ژینٕ دولہٕ وُچھتم، ہولہٕ گول مینٕ

بے قولہٕ چھانے لولرٕ ے دِل

گل زالہٕ وُچھتس کیاہ سندارٕ ے

دل دِتھ مینٕ نیوٗتھم سوندرٕ ے دِل

زوٗشکہٕ رِندن چھے نہٕ مرُن زانہہ

وَن زندٕ آسِتھ[3] کِتھ مرٕ ے دِل

---

[1]: نے زار۔ سو جائے یتہٕ نے شکر بوان آسہ، توٗرے چھ تُلر ہند ذِکر تہٕ

[2]: خمِ زُلف وِوٗلتھم والہٕ برٕ ے دِل۔ (ن۔ ط)

[3]: وَن زِندٕ مرِتھ کِتھ مرٕ ے دِل۔ (ن۔ ط)

# مارٕ مَتہِ ماہ پارٕ

مارٕ مَتہِ ماہ پارٕ یارٕ ییتہٕ بَمَن بَمَن
بوزتَم زارٕ پارٕ یارٕ ییتہٕ بَمَن بَمَن
نَخشٕم کیاہ چھُے خُمارٕ چشمِ بادمَن دَمَن
وُچھتہٕ گُرتھَس بو مارٕ یارٕ ییتہٕ بَمَن بَمَن
کیاہ چھُہ پھوّلمُت بہارٕ ہیپیر دَر چَمَن چَمَن
ہا سَروِ خوش رفتارٕ یارٕ ییتہٕ بَمَن بَمَن
چھُے ژٕنّے کَرتَج دارٕ تائیف بُمَن بَمَن
بال ہو تَتھ سَردارٕ یارٕ ییتہٕ بَمَن بَمَن
زُلف چاُنی زَن شہمارٕ مارَن کَمَن کَمَن
مَٹہِ کھَسنَے ژیّبے مارٕ یارٕ ییتہٕ بَمَن بَمَن
بوے چون مُشکِ تتارٕ موے یا سَمَن سَمَن
روے چون گُل اَنارٕ یارٕ ییتہٕ بَمَن بَمَن

چھے نہ اِنصاف تہٕ عار سینہٕ پٕھے سَمَن سَمَن

کینہٕ ترٲوِتھ غُبار یارٕ رِیتہٕ بَمَن بَمَن

دٔند چاۆنی موہ ختے ہار وُٹھ لعلِ یَمَن یَمَن

ٲتھ شُفَق بِیَیہ ستار یارٕ رِیتہٕ بَمَن بَمَن

ماٗنز کیاہ چھے بکار لاگہٕ کھَے نَمَن نَمَن[1]

خونِ عاشق ژٕ ہار یارٕ رِیتہٕ بَمَن بَمَن

زاجتھس عشقنہٕ نار جوش چھُمنہٕ ہَمَن ہَمَن

ہوش نیوٗتھم قرار یارٕ رِیتہٕ بَمَن بَمَن

ماری بُلبُل ہزار[2] چاۆنی زیرو بَمَن بَمَن

وَنتہٕ رَوسلہِ زارٕ پار یارٕ رِیتہٕ بَمَن بَمَن

---

لہ : یہ مِصرٕ چھُ چھپیے متِس نُسخس مَنز ینیمہٕ آیہ ع
ماٗنز کیاہ چھے نیگارٕ لاگہٕ ہے نَمَن نَمَن ۔
مِیانہِ خیالہٕ چھُ نسخہٕ (ٹ) اَتھ جایہ زیادٕ صَحی صوٗرتھ دِوان ۔
٢ہ : بُلبُل ہزار داستان ۔ بیاکھ معنی ۔ ساسہٕ بُدی بُلبُل ۔

# دۄرِ دۄرے پرٕی فے ترٛاو

دورِ دورے پرٕی فے ترٛاو لوتہٕ لوتیے لُتیِیے
مۄرِ مۄرے کھورسا تھاٲتی اٗتیِیے لُتیِیے
چھِک زٕ دۄرن اٗلراوان پرٕی ترٛاوان چھِو گٲیے
نورِ روٗخ چون دۄرِ دِوان حۄرٕ پیتیے اٗتیِیے
دَر کمندِ مارِ زُلفت عاشقن گئے مارِ دِل [1]
مارِ ناوِتھ مارِ زُلفو مارِ مُتیِیے لُتیِیے
وُچھتہٕ کٲتیاہ زالہٕ لگۍ متیٖ زٕ سے وُشاقی آرٕ کاٗتی
کارِ پیٚتی زَن چھی زٕ کاکُل کارٕ پیتیے اُتیِیے

---

[1] : یہ چھِنے نسخہ (ط) منٛز مصرع صوٗرت۔ چھِپے ہِتس نسخس منٛز چھُ یہ یتھٕ کنی:
دَر کمندِ تارِ زُلفت عاشقن گئے بستہٕ دِل
مگر رسول میرنہٕ تکرارِ لفظی ہندِ مارِ متہٕ کنہٕ چھُنہٕ یہ صحیح۔

ہی تہٕ مسوَل بنیہٕ پیٛغمبرَ زٕل برٕ گئے زٕنے کُن وُچھان

چشمہٕ سیاہ، روُخ وۄزٕلی، جامہٕ چھُتیٕ یے اُتی یے

عشقہٕ تَب سوَن برگِ لالُس یام ہاوِتھ ماتٕمٕ نَم

آروَل چھے للہٕ ناوان نارٕ تُتی یے اُتی یے

سینہٕ چھے آینہٕ اَہِس دست و پا گُلدستہٕ زَن

زَنتہٕ چھاوان ہار شراوُن ہِیہٕ پھُتی یے اُتی یے[1]

بالٕ ناوَن دِی ژٕ آلو کلٕہٕ پاوَن آلوَے

وائے پوٚت ژھاین بٕہ کرٕ ہے، نالٕہٕ متی یے اُتی یے

سیٚنٛدرٕ ڈیکہٕ چون زٕندرٕ گہَس تازٕ تھاوان بندرے

چھٕنٛدرٕ اوی متی ہنٛدرٕ اوی زٕنٛدرٕ ہُتی یے اُتی یے[2]

روزِ محشر معرکٕ مَنٛزٕ ڈُنی دِوان آسے رسُولؐ

وائے پوٚت ژھاین بٕہ کرٕ ہے، نالٕہٕ متی یے اُتی یے

---

[1]: نُسخہٕ ا ط ۱ منٛزٕ چھِنے مِصرعٕ تٕھ صورتس یِہ ع رانہٕ، چھاوان ہار شراوُن ہِیہٕ پھُتی یے اُتی یے۔

[2]: نُسخہٕ ا ط ۱۔ بیاکھ پاٹھ چھُس۔ سیٚنٛدرٕ ڈیکہٕ چانہٕ زٕندرٕ گہَس تازٕ تھاوان سوٚنٛدرے۔

# موٚت گوم یار...

موٚت گوم یار فرزانہٕ وٕنِسی یے
کوٚت گوم تی کَرِتھ زانہٕ وٕنِسی یے

وَن ہارِ پَنٕجہِ دِتھ اَتھ گو شہباز
کَتھ لَنجہِ چھُس آشیانہٕ وٕنِسی یے

دِرِ زوٗن لابعٔنس تُمی یِیلہِ لوگنَم
پَردِہن سیٖتی یارانہٕ وٕنِسی یے

نازِچہ ہأرِنجہِ نوٗزُک گوٚن[1] تَس
نوٗزُک چھُس نِشانہٕ وٕنِسی یے

کش گوم کُرِتھ دُنجر بُمہٕ ہٕنے
کَشِش گوم مَرِتھ یانہٕ دٕنِسی یے

عَشقہٕ مَتی لَشہِ نارِ زاجنَس پَشہِ نا
مٕے وُنیوم اَشہِ دامانہٕ وٕنِسی یے

---

[1] : تیر - چلا - تیونت - ایکہ بأتکس مِصرع چھُ ع
بُمہٕ کَمان ہیٚے سِنزٕوَن گوٚن یوٗرے آو رینٹرل میون

چھُم مارکَن یتھ تارکَن مَنٛثر

شوٗبان ماہِ تابانہٕ ولِسیٚ یے

تِتھ شمہَس یتھ پرَوانہٕ کاٗتیاہ[1]

تسَ میٚون کانٛہہ تہٕ پروانہٕ ولِسیٚ یے

اَسہِ کُن یِی تنَ ہی تنَ نادَس

کوٗستوٗرِ تہٕ زعفرانہٕ ولِسیٚ یے

درگُل چھُ پانٛنے بُلبُل بہانٛنے[2]

بُلبُل تہٕ گُلستانہٕ ولِسیٚ یے

رسُوٗل سوزِ دِل[3] وَنہِ ہَس بوزِنا

یتھ برٛونٛٹھ روزِ افسانہٕ ولِسیٚ یے

لاگِتھ ناگرایے بُچھنَس ہیِیہ[4] مال

شِہمار زُلفِ پیچانہٕ ولِسیٚ یے

پانٛنے چھُ یوٗسف پانٛنے زُلیخا

پانَس چھُ عاشق پانہٕ ولِسیٚ یے

---

[1] : تسِ گُل روٗیَس پروانہٕ کاٗتیاہ (نسخہ ۔س) ۔ [2] : دَرگُل چھُ پانٛنے بالکل بہانٛنے (نسخہ ۔س)
[3] : رسوٗل سوزِ دِل دِیِتھ تسَ بوزِنا ۔ [4] : ییم زٕ شار چھِنہٕ چھاپی کلامس منٛثر ۔ ییم چھِ فقط نُسخہ س ، تسَ منٛثر
[5] : ع ہم کہاں ہوتے اگر حُسن نہ ہوتا خود بیں ۔ (غالبؔ)

# ....کوٚت گوم

زُلفِ زٔنجیر یارٕس وٕنس بوٗ زار کوٚت گوم
ژٕ وٕۓ دیوانہٕ کٔرنس پٔری روٗخسار کوٚت گوم

ریٖیَم کر سَروِ قامت گیٖیَم بَرپا قیامَتھ
اُمہٕ نہٕ استِقامَت ژھُ خوش رفتار کوٚت گوم

چھوکہٕ لٔد ہیکہٕ نہٕ ژٲلِتھ، ہیکا ژٕ پان گٲلِتھ
دٕرنہٕ کٔس دٕنہٕ وٲلِتھ مےٚ زٲلِتھ نار کوٚت گوم

پھٔلِتھ زوٗکس وٕنے حال، گٔلِتھ لأنِس نٔنان حال
ڈٔلِتھ وعدس وٕلان نال ژٔلِتھ شہمار کوٚت گوم

گُلَن چھس ژھایہٕ سوٗنبُل، گُلَن ہمسایہٕ بُلبُل
کتھن دُیتم تغافُل کٔرتھ اِقرار کوٚت گوم

ہرٛژنٛگ باوُٹ کنٛگ دوٗر، دِلک محرم شِلک ژوٗر
ہٹنٛگ چھُم چشمِ بد دوٗر سُہ موختہٕ ہار کوٚت گوم

نِگارس چشمِ کافر، اتھس کیتھہ ہیتھہ سُہ خنٛجر
ستمگرٕ غمزٕ لشکرٕ سپہ سالار کوٚت گوم[1]

نظرتس سحرِ بابل، نتہٕ ما زہرِ قٲتِل
گرِتھہ سِی پارٕ یکدِل سُہ جودوٗگار کوٚت گوم

وونہ کس دِل دودٕے میوٗن تلے ولیسی چارٕ گرِی توم
لٕلہٕ وُن لولہٕ چھو کتھہ پیوٗم چھوکن بُلغار کوٚت گوم

بہٕ خوابِ نازٕ ہمخواب وُچھُم بر فرشِ کمخاب
پٔتیس مہتاب درآب، گیس بیدار کوٚت گوم

وٕنِن زیبا نِگارس وٕنِن کیاہ گےٚ مےٚ یارس
وٕنِن منٛز پان مارس گرس بہ مار کوٚت گوم

بہٕ دِدٕن پادن وندس سرٕ مدٕن پایس پٔتیم کر
وٕدٕن چھس تے بیم کر دِیم دیدار کوٚت گوم

---

[1]: HIS EYES WERE LIKE A KINGS COMMAND. WHEN ARE THE SWORDS ARE DRAWN. (HILLARY BLACK)

رۄسوٗلَن نوشؔ[1] کیاہ وۄن سوخَن درگوش تھوٗون
دَنٛدَس نا لوٗٹھ یاوُن سہ ڈُے لو کچار کوٚت گوم

---

نوم شار چھہ نُسخو مَنٛزٕ نوٗہ اَتھہِ آمتی :—

میٛہ ڈُے معشوق دوٗرم کرِہ نَم گرٛاے کوٚت گوم
مُٹھس میانٛی ماے کوٚت گوم کرِہ نَم گرٛاے کوٚت گوم
میٛہ ژھانجوم ہَنہٕ ہنٛنے میٛہ گو بریان تَنے
تَمِس کُس میون وَنے گیٛس بدنام کوٚت گوم
وَلو معشوقہٕ میانے، میٛہ کوٚرمو چانہٕ چانے
ژٕ یہٕ یتھ ڈرٛایس بہٕ کرٛانے پییم متے ہائے کوٚت گوم
ہتے وِلیسی دِل دودے میون تلَے اَتھ چارٕ کرِ تِ توم
لَلہٕ وَن نارٕ چھو کھہ پیوم چھوکُن بُلغار کوٚت گوم

---

[1] : توشؔ (نُسخہ۔ٹ)

# ہا یارِ موخت ہارِ ....

ہا یارِ موخت ہارِ گنڈِتھو بہ ہٹے لو
متہِ میانہِ ماہ روخسارِ وُچھہ ہتھ بہ گٹے لو

گوڈِ ہو وُتھم دیدارِ ادِ کیاز کھوٹتھ روے
ووِ ذی نے وُچھتھ دوبارِ وارِنج منے چھٹے لو[1]

چھے یوسفن انہارِ کر بوز زلیخا
مژ نیبرِ دربارِ لچھ پردِ ژٹے لو

مسوٗل بہ دزسو تارِ کس ونہ گولابو
ہیہِ میل گل انارِ بتیہِ اکہِ لٹے لو

چھے چشمہِ پُرخمارِ بنگالی جودو گار
آہو تمی امارِ، دن کونہ رٹے لو[2]

---

[1]: ووِ ذی کتہِ وُچھتھ دوبارِ وارِنج منے پھٹے لو۔ (چھاپی نسخہ)
[2]: کیاہ چشمہ چھے بیمارِ بنگالی جودوگار۔ (نسخہ۔ ت)

بُمہٕ چانہٕ کَرتَجِہ دارٕ ہٕ ژٕ تیر مَسا ژٕنا ے [*]

یَس سینہٕ گَژھی پارٕ وَن کیٛاہ سہ کھٔٹے لو

خوشبوے سیاہ مارٕ ڈیشِتھ زٕ کاکُل چانٕہ

عاشق چھِ گژھان مارٕ، چھُے مارِ مَٹے لو

یَس راوِ دِلآرام تَس نہٕ چھُے زانٛہہ آرام

ہَر لَحظِہ صبح و شام تَتہِ کوٚہ نَٹے لو

اَکھ طور مانوٗے وارٕ سَردار ڈیٖتھ گو [1]

بے نوٗر زونے نارٕ دوٗد اَکِہ ژٕمھٹے لو

ماشوقہٕ ہا گُلزارٕ زٕوٚسَل چھُ بُلبُل چون

کَن تھاو وَنے زارٕ گُرتھ قَفَس ہٕ ہٕٹے لو [2]

---

[*] : بُمہٕ چانہٕ کمانداری ..... (ن۔ط)

[1] : یہِ مِصرٕ چھُ امی آیہٕ قلمی نُسخن مَنٛز رتہٕ۔

[2] : بیاکھ شعر چھُ اَتھی آمُت ع

عاشق چھُ سُے دِلدارٕ یٔتھی جورٕ دِلبر تُل گام ژٕ زانہٕ دِلدارٕ تیتھ کوٚہ نَٹے لو۔

# مَے روش

تھرِ زَن پوش ہَرے کاڈلی    باڈلی مَریَے مَے روش
بَنگہِ موتُن چاوِن کاڈلی    سَنگ وُٹھنج کاشراہ گَے
رَنگہِ بُلبُل گژھِ وُباڈلی    باڈلی مَریَے مَے روش
حُسنہِ چانے مَدِ گیپاڈلی    چھُسنہِ ڈیشان پَدماڈنی
تَیہِ عشقنے سنیاسی زاڈلی    باڈلی مَریَے مَے روش
بُمہِ کمان چھےَ کَزاڈلی    دولہِ آم چاڈنی مژہہ تیر
لولہِ جگرس کُری ہَم اُلی    باڈلی مَریَے مَے روش
ہَٹہِ کانٹھہِ مال چھےَ بنگاڈلی    گُلِ آفتاب کنہ پھوَل
ولہِ ڈِشوبان چھےَ ساڈلی جاڈلی    باڈلی مَریَے مَے روش
نیرِ شامَن ماہ مِثاڈلی    دَردِہ گامَن پھیرتَے
پُرپُرَے تھاو خودرِہ ساڈلی    باڈلی مَریَے مَے روش
عشقہِ نادَن عاشق زاڈلی    شیخ صَنعاں ہیُنزے پَتھ

یونہٕ پورنےٚ تہٕ زُنّار ناٗلی — باٗلی مَرِیےٚ مےٚ نوش
اَلہٕ نابَد سوزٕ ہےٚ ڈاٗلی — ماٗل کَتھ چھُے سوندریے
چَشدٕ بَریےٚ بادم کھاٗلی — باٗلی مَرِیےٚ مےٚ نوش
مَسہٕ چھوٕ رکھ کُمی کَلہٕ واٗلی — مُشکہٕ یئنبر زٕلیے
چاٗنی عشقَن بوٗمبوٗر گاٗلی — باٗلی مَرِیےٚ مےٚ نوش
زُلفہٕ سِیاہ چھُے زٕنباٗلی — چشمہٕ سِیاہ جادو
کوٗسَم پوٗشس، وُٹھ وِوٕزاٗلی[1] — باٗلی مَرِیےٚ مےٚ نوش
ناٗگ رٲنِہ ہےٚ ہِی ماٗلی — باغ وَسوَے گِنڈٕ نے
باغہٕ اَنٛدرے چھاواچھ پوٗشس — باٗلی مَرِیےٚ مےٚ نوش[2]
مٔرِ نیٚنٛدرے مَنٛزٕ ہے کاٗلی — پئیٚرِ آتَش گونڈ نَم
مینٛزرِ رسوٗل میر اَزٕ ما کاٗلی[3] — باٗلی مَرِیےٚ مےٚ نوش

---

۱ : بَرگِ کوٗسَم وُٹھ وِوٕزاٗلی ....... (نُسخہ ٹ)

۲ : یہٕ چھُنہٕ نُسخہ (ٹ) مَنٛزٕ تہٕ نہ تاز ایڈیشنس مَنٛز۔ البتہٕ چھُ اَکِس پرانِہ موسیقی ہِنٛزِ بیاضہٕ مَنٛز۔

۳ : مینٛزرِ رسوٗل میرا اَزٕ کاٗلی (ن۔ ٹ)۔ رسوٗل میرنہ خاص اسلوبہٕ کِنۍ گَژھہِ یہ مَتہٕ پاٹھی صحی آسُن۔

# کاٗلی برٕہے گرٕژھ گلِستان

بال مرٕہے بال مرٕہے — کاٗلی برٕہے گرٕژھ گلِستان
ییہ نا دِلبر مارٕس برٕہے — پیالہِ برٕہس چھُم ارمان
برٕ اژٕنے عشہ ٕرن کیتھ برٕہے — کاٗلی برٕہے گرٕژھ گلِستان
زرٕ زاٗجنس کوتاہ زرٕہے — لولہِ جگرٕس گوم برٕیان
عارو اِنصاف رٕوٕدس نہ زرٕہے — کاٗلی برٕہے گرٕژھ گلِستان
روٕپہٕ ٹوٗرن بوٗرمس ہرٕہے — ہیہ تھٕر چھُس نارِ پستان[1]
وُٹھ یاقوٗت، دٕند گوہرٕ ہے — کاٗلی برٕہے گرٕژھ گلِستان
عشقہٕ ژوٗرس دوٗر ڈے گرٕہے — موٗرِ نار مے چھُم شٕری پان
اوٗرہٕ منٛز تس گوٗرِ گوٗرِ کرٕہے — کاٗلی برٕہے گرٕژھ گلِستان[2]

---

[1]: ہیپہ گوٗندی چھُس نارِ پستان ..... (نُسخہٕ۔ س)
[2]: عشقہٕ ژوٗرس دوٗر ہے گرٕہے موٗرِ نار ہیتھ چھُم شٕری پان
اورِ منٛز تس گوٗرِ گوٗرِ گرٕہے کاٗلی برٕہے گرٕژھ گلِستان (ن۔س)
عشہ: برٕہ اژٕنے ون کتہ زرٕہے ... روپہ ٹوٗرن بوٗرمت ہرٕہ ے

یَنہٖ رٕچھنَم دِلس سوٗندرٕ ہَے، سونہٕ دادے سورِم ترٛان
تَنہٖ زوٗن زان لاُجنس دٕرٕ ہَے کاُلی بَرٕ ہَے گَرٛژھ گُلستان
حال بوزتو، نستہٖ خنجر ہَے بال کُرٕنس بو خستہٖ جان
گوم وٲلنجہٖ زاُلی پُنجرٕ ہے کاُلی بَرٕ ہَے گَرژھ گُلستان
خشمہٖ اُتی پے چشمہٖ کافر ہَے خال تمی سُند نامسلمان
زُلفِ سیاہ مُشکِ اَدفرٕ ہَے کاُلی بَرٕ ہَے گَرژھ گُلستان
خَندٕ تمی سُند قندِ شکر ہے دٕردمَندن ہُند درمان
ژٕو نٕرٕ شوبنس بَندٕ چاکر ہے کاُلی بَرٕ ہَے گَرژھ گُلستان
دوہ گوٚ وے پیٹھ سنگرٕ ہے پوہ گوٚ وے تاپستان
نادٕ ہاُنٕرٕ ما ترٛاوِ لشکر ہے کاُلی بَرٕ ہَے گَرژھ گُلستان
یَنہٖ روٗسَل گولنس شرٕ ہَے تَنہٖ ژھاُرن چھنہٖ اسان
تَتہٖ رٕٹنے روزِ محشر ہَے کاُلی بَرٕ ہَے گَرژھ گُلستان [1]

---

[1] : یتہٖ روٗسِلی گاُجنس شرٕ ہے وَتہٖ ژھاُرن چھنہٖ آسان
تَتہٖ رٕٹن روزِ محشر ہے کاُلی بَرٕ ہے گرژھ گُلستان (نُسخہ۔ ٹ)

# عاشق ژٕلۍ یے وَن

دِل دِتھ نیٚوتھَم دِل ہاٗژٕلۍ یے — بوٗزِتھ عاشق ژٕلۍ یے وَن
قَد چون گوٗرمُت کُمی کاٗڈلۍ یے — ڈیشِتھ دَرنار ہیوٚ نار وَن
شاہ تیٖر خَم گیٔ تہٕ شمشادٕ ہلۍ یے — بوٗزِتھ عاشَق ژٕلۍ یے وَن
تراوان کیاہ چھکھ پری چھوکلۍ یے — تھاوان لادن آزادَن
وعدٕن چانین پَزِ نَے سُلۍ یے — بوٗزِتھ عاشق ژٕلۍ یے وَن
پھیرِتھ وُچھتھَم بُرقے تُلۍ یے — نیٖرِتھ دِل گوم لیوٗری اَنتَن
وَن تنبلیوٗمُت کر سنبٕلۍ یے — بوٗزِتھ عاشَق ژٕلۍ یے وَن
اَنبوٗر کاکُل چھی رَنبٕلۍ یے — زَنبوٗرِ پستان[1] کافوٗر تَن
بوٗمبوٗر گاٚلِتھ ییٚنبرزلۍ یے — بوٗزِتھ عاشَق ژٕلۍ یے وَن
مستوٗر، مشہوٗر چھکھ مَسوٗلۍ یے — مَخموٗر تاریف چھیے چشمَن
مَغروٗر وُچھان اَز ہوشہٕ ڈٕلۍ یے — بوٗزِتھ عاشق ژٕلۍ یے وَن

---

لہ : یَمبہٕ ٹیوٗنڈ - لیس دوہ دلس لوٗ مہرِس ہیوٚ تہٕ سُم آسان چھُ - یہ چھُ شاعری مَنز اکھ لامِثال تشبیہ -

وُٹھ چاٲنی کوٚسم زَن ووٚزِلی یے     بوٚسن اَسہٕ وٕنی ما[1] لوٚسن
کوٚہ سَنہٕ میلَن لالَن ٹُلی یے     بوٚزِتھ عاشق ژٕلی یے وَن
بغدادی کوتٕری، کوٚستورٕ گٔژی یے     کتھَن چانٮ۪ن کَن تھاوَن
گُل روے ڈٲشِتھ بُلبُل گٔژی یے     بوٚزِتھ عاشق ژٕلی یے وَن
زُلفَن مَنٛزٕ باگ چھی دوٚرِ پھٔلی یے     ہمسایہ سوٚنبُل ٲسٕنی پوشَن
اَکی ہسے شاخَس کَم گُل پھٔلی یے     بوٚزِتھ عاشق ژٕلی یے وَن
کَم جوگی، سنیاسی، زاہد ژٕلی یے     رُٹی چاٲنی زُلفَن تہٕ بیٚیہ خالَن
ژالَن ما اَسی ژالَن ژٕلی یے     بوٚزِتھ عاشق ژٕلی یے وَن[2]
عشقے نارٕ تیٚح ہیٚے وُزٕلی یے     زاجِتھ تہٕ گاجِتھ میٚے ہَن ہَن
کیاہ جوش چھُے عشقَن منقُلی یے     بوٚزِتھ عاشق ژٕلی یے وَن
روٚسُل مُشتاق چھُے اَزٕلی یے     دزان تہٕ وزان سَنطوٗر زَن
سینکی سوراخ تَس نَے بَلی یے     بوٚزِتھ عاشق ژٕلی یے وَن

---

۱ : بوٚسن اَسہٕ دن ...... (چھاپی نُسخہ)
۲ : از دامِ زلف و دانۂ خالِ تو در جہاں یک مرغِ دل نماند، نگشتہ شکار دل (حافظ)

# ڑِتی بوز سوٗنٛدر مالٕی یے

سمسارٕ کُم کُم گوٗنٛدر گالی

ڑِتی بوز سوٗنٛدر مالٕی یے

تابان روٗخ چھُون ماہ مِثالی    لوٗبان دِل ساٗنی بالٕی یے

شوٗبان وُڑنے تل چھی چھالی

ڑِتی بوز سوٗنٛدر مالٕی یے

ذردے گاہ چھ ہے خورد ساٗلی[۱]    پردے تھوٗد تُل بالٕی یے

اطلس وردن شوٗبی نالی

ڑِتی بوز سوٗنٛدر مالٕی یے۔

سوٗنبُل مستس مے ژٹھ زالی    تنبلن دِل ساٗنی بالٕی یے

روٗشُل کاکُل کُمی سنبالی

ڑِتی بوز سوٗنٛدر مالٕی یے

ہارٕ بُجہ بُمہٕ چانہٕ کیشاہ کزالی    مُہہٕ تیرِ مے لاے بالٕی یے

---

[۱] : خوردٕ ساٗلی - لوچ - لاٗد - کم واٗنسہ۔

وٲلِنہٕ مَنٛز باگ گٔرِتھ ٲلی
تی بوز سوٚنٛدَر مٲلی یے

ٲلہٕ تے نابَد بادم کھٲلی بیٚیہٕ کیٚتھ چھےٚ مٲل بٲلی یے
یِکھنا بییل[1] تے لدٕ ہٕے ڈٲلی
رِتی بوز سوٚنٛدَر مٲلی یے

ناگی رایِنہٕ ہا ہِی مٲلی موٚجنوٗن خانہٕ لٲلی یے
سُنیاٚسی لاگے بو گوپٲلی
رِتی بوز سوٚنٛدر مٲلی یے

سٲلس نِمِتھ تیل بَل نٲلی[2] مٲلس یِکھنا بٲلی یے
شالہٕ مٲر پرٛاران لالہٕ سوٲلی
رِتی بوز سوٚنٛدَر مٲلی یے

رسوٗل حال بو گرٕہے حٲلی کَن ژٕرے تھاوتم بٲلی یے
پادن ترٛاوَے روشن قٲلی[3] رِتی بوز سوٚنٛدَر مٲلی یے۔

---

۱؎ : بییل یُن ـــــــ رام گرٕ ژھُن ...... آمادِ سیٚدُن
۲؎ : سٲلس نِمِتھ تَلپا تٲلی .... (نُسخہٕ ۔ س)
۳؎ : قٲلی ۔ قٲلین ۔ آرمینیاہ مُلکُک اکھ شہر ۔ دَہان اُتی بنیوو گوڈنیُک قٲلین ترٛپہٕ چھُ اَبیکُ آدن رُوپ ۔

# بہار آو...

بہار آوٗ روشہِ تے ژے روشن لُتی یے
چھ روشن دوٗر گوشن پوشہِ پھُتی یے
چھُ آدن[1]، از عدم پھوٚلی مِتی چھ بادم
یہ دم نے روزِ قدم ترٛاو اُتی یے[2]
وُنُن کیاہ گۓ وُنُن بوٗنبرس ییٚمبرزل
پژان اُردو علی صنا اُتی یے[3]
جمالکی جامہٕ وُچھمے کامہٕ کِس نالی[4]
بُتس پتہٕ کونہٕ نیرے مُتی مُتی یے
چھُ وۄلمُت ارغوانس سوٚنبلو نال
زُلف زن بالہٕ یارس کارِ پُتی یے

---

[1] : اکِس چھاپی نُسخس منٛز چھُ : چھُ آدم از عدم پھُلی مِتی چھ بادم۔ [2] :.... قدم ترٛاو سوٗتی یے
[3] : مطلب ۔ اُردو ۔ علی ضالیتی ( دہ لہٕ پوشش کُی دوبارہ )
[4] : مُبارک مایہ وُجنس کاکمن بال ( ن۔ س ) بہارکی جامہٕ وُچھمے کامکِس نالی

صَبا باگُل وَنان تفسیر آیہٕ

کرُن ہیوت بُلبلوٗ[1] تقریر ژٕتی یے

وۄنےٚ کیاہ عشقہٕ پیچانوٚ کنوٚ بوز

ژھۄنےٚ کینہہ پانہٕ مارِس کیازِ کھتی یے

شَکَر خَندٕ گولابَن کوٗرشہ خارٕ

زِندٕ دَر نار مَسوَل ژٲرہٕ شُتی یے[2]

ژھُ شرٲوُن، ہیہٕ چھاون نارِ اَنہار

سو یاوَن مُشر ژھےٚ پٲرِتھ جامہٕ چھٕتی یے

ہونےٚ مَنشر خال لالَس پیالہٕ دَردَس

ژھوے ہتی ڈیشنےٚ خمارٕ ہٕتی یے[3]

ژھُ گُلشَن یار، بُلبُل چھس بہٕ رَسوٗل[4]

دَرس نا زار، موٗرِس مارٕ ہتی یے۔

---

۱ ؛ بُلبُلن۔ (ن۔س)

۲ ؛ شُتی یے ؛ شُتی بُنِتھ۔ گَتہٕ رٕنِتھ بُنِتھ۔ سو زنان یوسہٕ ۂرشَس ستی ژٕنیتایہٕ پیٹھ پان زالان اُس......

۳ ؛ ژھوہیمتی ڈیشنےٚ خمارٕ ہٕتی یے (ن۔س)۔ ۴ ؛ .....بُلبُل چھس رسول میر (ن۔ط)

# تس ئہ پأری یے لولو

مَس دِتھ وٕسرأونَس ئہ اُمی یأری
وٚسی یے تَس ئہ پأری پأری یے لولو
خُمارِ چٔشموٚ ئہ مارِ گٔرنَس    بُچھنَس زُلفِ شہمأری یے لولو
چشمَن غمزٕ، تھوٚد تُلہِ نا بَلہِ ناۓ[1]
یٔنبر زَلہِ چھَم بیمأری یے لولو
کٔش کوٚرنَم بنیہِ ہأرِ نٕجہ کشٕمے    وألنِجہِ چھَم تیر لأری یے لولو
کیاہ گوس کینہٕ میوٚن مُہہ تیر لأینَم
روزِس سینہٕ دأری دأری یے لولو
کیاہ غنچہٕ بَر لَب قَند کھوتہٕ شیرین    دُجنَس اَمہٕ خَندہٕ کأری یے لولو
وَدِنا گأجنَس مدہٕ ئہ وأجنَس
زأجنَس عشقنہٕ نأری یے لولو

---

[1] : چشم تو جادوست یا آہوست یا صیادِ خلق
یادو بادامِ سیاہ یا نرگسِ شہلاست ایں (جامی)

وَنتس زارٕ پارٕ، تھاوِنا ساکَن    انتَن تہٕ لاگوٚ یارٕ ‌ٲرِ یے لولو

لاشک زانُن وُنہٕ پرٛوَن عاشق

تنہا وَنہٕ ہَس زارٕ یے لولو

تَنہٕ تَن لاگھَس اَنتَن سیم تَن    گرٛزِ نم آمہٕ تاوٕ کاٹرِ یے لولو

شٕزاون ہیے مینے یاوَن پھُلیے!

ماشوقہٕ کیٚنہہٕ نوسارِ یے لولو

وُلرے برٛزم تلرے ببہٕ مینے    زٕھاران تزال تہٕ شارِ یے[1] لولو

چاکھ دِتھ پھاکَس[2] وُنی بوٚدِمہٕ سے

پَتہٕ پَتہٕ لارِ ‌ٲس لاٹرِ یے لولو

رٛوسلِ عشقنہٕ کھوچہٕ نِتہٕ پان

سَرٕ کَرتہٕ یِیتہٕ مَعیارِ یے لولو[3]

---

۱ : شار ــــــ کھرِ وشار - تزالَس مُتصِل شٕمالَس مَنٛز علاقہ -

۲ : پرگنہٕ پھاگ : یتھ منٛز نِشاط، شالہٕ مار- تیل بَل بیترِ یوان چھِ

۳ : معیار- کسوٹی- کہوٗٹ

# چھکھ جان جانانہٕ

دۄرِ ہاوتَم ژٕ نوٗرانہٕ　　چھکھ جان جانانہٕ
قَد چھُے سَروِ رَوانہٕ　　چھکھ جان جانانہٕ
گُل روٗئے ڈلیشان　　بُلبُل کرٕیشان
دِل سأنی گَئے دیوانہٕ　　چھکھ جان جانانہٕ
اُچھ چانہِ کافرَ　　کاکُل مُعنبَر
خال چھُے نا مُسلمانہٕ　　چھکھ جان جانانہٕ
چھُے زُلف تَے خال　　عاشقن کُیتھ زال
اُلفَت آفتِ جانہٕ[1]　　چھکھ جان جانانہٕ
ماہ رۄخس خال چھُے　　لالَس داغ چھُے
سینس مَنٛز بالہٕ پانہٕ　　چھکھ جان جانانہٕ
کیٛاہ حالِ دِل خواہ　　یا دِتھ چھُ شاہ
چینٛس مَنٛز دۄکانہٕ　　چھکھ جان جانانہٕ
کَتھہ چانہِ شکر　　بوٗئے مُشکِ اَدفرَ

---

[1] : اُلفت آفتِ خانہ　　(دانکھ نُسخہٕ)

ڈَنٛد موٗختہٕ وُچھ مرجانہٕ — چھکھ جان جانانہٕ
پھُٹے دَہَن غوٗنچہٕ — ہوٗنٛجہٕ مَنٛزٕ سۄن چاہ
زَن سامُنؔ زِنٛدانہٕ — چھکھ جان جانانہٕ
کَنَن چھی بالہٕ بأٖلی — بَنیہٕ چھی کَنہٕ وأٖلی
نأٖلی چھےٚ مالہٕ شاہانہٕ — چھکھ جان جانانہٕ
دأٖیرٕ مَتٕس تَل — دۄر بَنیہٕ کَنہٕ پھۄل
شۄبان ماہِ تابانہٕ — چھکھ جان جانانہٕ
اَمہِ کارِ رِگہِ سنے — بَرٕ مہِ کوٗنہٕ دل ییے
پِلہٕ کور بے سامانہٕ — چھکھ جان جانانہٕ
مےٚ روز ژھلیے — وُولتھس مالیے۔
جاے چأٖنی مَنٛزٕ مآدانہٕ — چھکھ جان جانانہٕ
سینہٕ چھوٗن پُرٕ نوٗر — پستان کافوٗر۔
رِلہٕ وان نار پستانہٕ — چھکھ جان جانانہٕ
نَیہٕ نَیہٕ چھےٚ گرَن — سوٗنٛدرَن روٗپہ تَن
زاہدَن تیرٕ والانہٕ — چھکھ جان جانانہٕ
ہأٖدِتھ مأٖنزِ نَم — کھینیادِتھ کیتی غم

---

لہ : سام پہلوان : اکھ روایتی ایرانی ہیرو۔ دٔہان ... چاہس مَنٛزٕ بنٛد کرنہٕ آمت۔

پاؤتھ کَم پہلوانہٕ  چھکھ جان جانانہٕ
آفتابِ بُلغار  مہتاب قندہار
ژینٕ دلیشتہٕ منڈ چھانہٕ  چھکھ جان جانانہٕ
خوشبوئے، خوش موے  خوش خوے، خوش روے
خوش گوے خوش ترانہٕ  چھکھ جان جانانہٕ
چانہٕ سیتی کشمیر  جنتھ تأثیر
سمسار نَتہٕ غم خانہٕ  چھکھ جان جانانہٕ
ناو چون بائلی !  موختتے مائلی !
مشہور در تاشوانہٕ  چُھکھ جان جانانہٕ
ایمہٕ چی جائنی  طائفچ رآنی۔
بانوے پرستانہٕ  چھکھ جان جانانہٕ
زینت عالمَ  ڈلین دوان بزم
لۄلین چھ کمیدانہٕ  چھکھ جان جانانہٕ
روٗستل عاشق!  ژینٕ پتھ بلاشک
روز تس میٖہربانہٕ  چھکھ جان جانانہٕ

صدا : لولہٕ

# دامہٕ عشقُن شرابہٕ واے

کامہٕ دِلہٕ یارٕ منّے ڈیُتھم! دامہٕ عشقُن شراب تہٕ واے
رُہ یہٕ پیٹھ یام ژھکھ موے تُلن تام ژیچھی ماریکبلہ وَلَن
تاب دِلَن نہٕ آب گُلَن سۆنبُلَن پیچ و تاب تہٕ واے
خال برٕ رُخ نازٕ ترٕووٕ مُت نازکے نوٗنہٕ ستی نوٗن ذرامُت[1]
یا سپدمُت زنگیاہ ژھُے شہرِ حُسنک نواب تہٕ واے
چشمہٕ ڈیشتھ چانہٕ مس چیتھ مانین[2] کوٗر ترکہٕ صوٗرتھ
ترکہٕ بدخوٗ، مرگ آہو نرگسہٕ نیم خاب تہٕ واے
کتھہٕ پاٹھین تمہٕ کمان ماہ رُخسارس پیٹھ شوٗبان
یتھ شوٗبان قوسِ قُزَح آسہٕ برٕ آفتاب تہٕ واے
دِل نیُوتھم زٕ ژٹتھم سینہٕ شُلہٕ مانیٕ وَن کیاہ گوٚے کینہٕ
گنہٕ دینہٕ بے گوناہ ژھُے نہٕ کانہہ تہٕ مارُن ثواب تہٕ واے

---

[1] نازک نوان ۔ حُسنِ ملیحُک خاصیہ تہٕ صفت ۔
[2] مانی ۔ ایرانُک مصوّر ۔ مانی و بہزاد چھہ تیم ایرانک مشہوٗر عالمی نقش گر ۔

غمزٕ تیٖرن جِگر دارٕ — روٗ پہٕ شمشیرٕ کوٚرتھس مارٕ

ہولہٕ گٔییم عشقٕنہٕ نارٕ — لولہٕ وَندس کباب تہٕ وارے

چھےٚ پہٕ شۆزاوٗن ہی میثون یادٔن — یارٕ ییتم تہٕ وُ چھےٚ چھاڈُن

چھُس بہٕ رِیوان، گوٚڈٕ ہم نہٕ راوٕن — سُے متےٚ چھُم اِضطراب تہٕ وارے

پرٕوٕ ژٕھٹھ پتےٚ لارے — دردٕ پنہٕ نےٚ ترٕپےٚ یارٕ پرٕارے

متوٗ ژٕلتم شہسوارے — یوٗت کیٛاہ انقلاب تہٕ وارے

لاٗلہٕ تنہٕ یارٕ راحتھ متےٚ یی — وَن کیاہ چارٕہ دِل بستگی

مسہٕ چھوٚرِیاہ، شراب خواراہ — کوٚ کرِتھس خراب تہٕ وارے

سر بہٕ وَندے سر افرازٕ — بوز میانے ہا سروِ نازٕ

سوزٕ چانے روٗسلی وُنی

تازٕ عشقنی کتاب تہٕ وارے

# کارِ ووگُن دٕورِ دان

تارِ دِل کتین کَران — کارِ ووگُن دٕورِ دان
چھس کَنن سَتھ دٕورِ ببھلی — شولہِ ماران مویہِ تلُی
سونہِ دٕوَرن اُلران — کارِ ووگُن دٕورِ دان
کنیا سَناکُمی تَم ساجری[1] — زُلفُ تمی سندی والہِ برٕی
ہانگکَن ہانکَل کَران — کارِ ووگُن دٕورِ دان
چشمہِ آہُو سورمہٕ وار — ہَرنہِ ڈیشِتھ بے قرار
اَز نَظَر شیرَن رَٹان — کارِ ووگُن دٕورِ دان
موکَشَس ہیٹھ میلہِ چھیوٗر — پوشہِ لَنجہِ پیٹھ زَن قُمیوٗر

---

۱۔ کُس نُسخَن منز چھِ یہِ بَیتہِ آمِتۍ: کیا سَناگرٕ کُمی جوڑِ

نتہ بوٗمبوٗر چھے ولوٗر ترٛلان    کارِ ووگُن دوٗرِ دان
گُمہٕ شبنم گُل لرفِس    زَن چھہ عرق دانہٕ تس
زوٗنہٕ پیٹھٕ تارکھ پکان    کارِ ووگُن دوٗرِ دان
ڈٲکہٕ تے نس اے صنم    چھِ شوٗبان لوح و قلم
عاشقن قسمت لیکھان    کارِ ووگُن دوٗرِ دان

نیرٛو زوٗسل میرِ نوٗن
یار پنُن پرٛزِنن!
دادی دِلہٕ کی کر بیان
کارِ ووگُن دوٗرِ دان

# بٲلۍ گۍڑاوَن تھاوِکھناکَن تےٚ

بٲلۍ گۍڑاوَن تھاوِکھناکَن تےٚ، وَنتےٚ لو
کٲلۍ یاوُن پچھےٚ راوَن تےٚ، وَنتےٚ لو

لولہٕ بُرۍ تھےٚ چھُم ہَن ہَن     قولہٕ سور چھُم شُلہٕ موہَن
لولہٕ واٲلنج گیہٕ مےٚ آہَن تےٚ، وَنتےٚ لو

کنگہٕ زالان چھُم عشقہٕ نار     رنگہٕ روخسار چھُس گُلہٕ اُنار
زُلفہٕ زُنّار، قدہٕ نار وَن تےٚ، وَنتےٚ لو

یَنہٕ ہَدنس لوٗگ پرمَس     زد کٔرۍ نَم روپہٕ بدنس
تَنہٕ وَدنس چھُم نہٕ زانہہ ژھین تےٚ وَنتےٚ لو

زورہٕ عشقنہٕ زندےٚ موٗدۍ[1]     شورہٕ حُسنکہٕ کھٹتھ روٗدۍ
جوگۍ، سنیاسۍ تہٕ ریشۍ وَن تےٚ، وَنتےٚ لو

نازنین بُمہٕ ہارنجہٕ تَس     نارِ پستان نارنجہٕ تَس
ہو نجہٕ اَسہٕ وُنہٕ رنجہٕ ناوَن تےٚ وَنتےٚ لو

---

[1] : اکِس تَسنس منز..... زندےٚ موٗدۍ

چشمِ نیم خاب چھس بے بیم  میم دہان کاکُل جیم

خوے سیماب، روے سیم تن تے، وَنتے لو

کامہِ دِوس شوٗبان نالی  جامہِ گُلکارٕ، پھُلکارٕ چھالی!

زالی وانکن تل والی کن تے، وَنتے لو

لالہِ مجلوٗنہٕ سُند تمنا  گیلہِ عالم تہٕ کیاہ چھُہ پروا

بالی سودا میلہِ یوٗد دوٚن تے، وَنتے لو

سوٗر کوٗرنم، روٗدُم دوٗر  ژوٗر وٗنہٕ گے چشمن نوٗر

دوٗر کنہٕ کُے، ہٹہِ گے، سوٗن تے، وَنتے لو

ڈوٗر یار میوٗن یپیتی آسان  نوٗرِ پوٗ گُل پُرستان!

یام تامتھ گوم رام بن تے، وَنتے لو

ٹکہِ ڈیکس تس ازٕ دوٗر  زن چھُہ نوٗرن علیٰ نوٗر

آفتابس بیٹھ زوٗن زن تے، وَنتے لو

گاڈ روٗسل میر سنا  کھاسی مسہٕ کے بر سنا

رسہٕ کرٕ سے رسہٕ کی پن تے، وَنتے لو

# طِفلِ اشکم راغمت گہوارہ

طِفلِ اشکم راغمت گہوارہ جُنباں اے صَنَم
دَر کِنارَم میرَوَد بیتاب وغلطاں اے صَنَم
کامکُن گل روخ تمنا چون ہیُو غوںچہ دَہَن
نارَون بالا سَمن بَر، نارِ پستاں اے صَنَم
زُلف تَے روخ چون ڈلیشہ دوُد تہٕ بُلبُل زار زار
پارِ گُل، بَرباد گو سوُنبُل پریشان اے صَنَم
چِھی وُچھَن، کھوورِ دِچھنی، مارَے متین کاتِن تُجھَی
یارِ ظالِم، مارِنی دوُ مارِ پیچاں اے صَنَم
جان و دِل قوربان، سَر تَس آلوَے ییمی ژَرَے دِیتے
نَستہٕ خنجر، بُمہٕ وَنجر، تیرِ مژگان اے صَنَم
سَرزَندے از پاے رنگینت گُلِ عُمرِ اَبَد [1]

---

[1]: پہٕ چُھہ نُسخہٕ (ط) مَنثر ــ چھاپی نُسخَن منثر چُھہ یہ : سَرزند از پاے زِ اَنگشتِ گُل عمرِ اَبَد۔

گرٕ بہ خاکم بگٕذری گاہے خراماں اے صنم

پایہ بٔڈوٕ بیتہٕ پائیس، بٔ تہٕ پیمہٕ ہیٚے پاہن

سرٕ بہٕ وٕندَرے دست میٚوٕ نیے، چٲنٛ داماں اے صنم

کاکلِ پرٕ چیٖس پریشاں بر رُخِ سیمینِ تو

کیاہ شوٗبان دلیوانِ حُسنس خطِ ریحان اے صنم

چھےَ زُری طاقینٛ سیاہ مستس نتہٕ در شب پری

کالہٕ اوٗبرس پیٹھ شوٗبان، زَن ماہِ تاباں اے صنم

کَش گٕڈتھ ابرو کمانن کھَش کٔرتھ زاگتھ گمن

چُھکھ نتہٕ لاگتھ نمن خوٗنِ شہیداں اے صنم

اے جانِ شیرینِ چانٛی وٕٹھ، یاقوتِ دِل فرہادرا

وَے رشکِ یاقوتِ یمن لالِ بدخشاں اے صنم

وٕنی دِوان ژٕھاران وَتہٕ چھےٚ ژٕیے پتے لاران رسول

عاشق مشہوٗر درعالم سخنداں اے صنم

---

ے: مطبوع ترز رُوئے توصورت نویست ہیچ طغرانویسِ ابروٗے مشکیں مثالِ تو۔ (حافظ)

# مارِ مَتیٖو وے

شُہمٲرۍ زُلفو مارِ کُرٕتھس مارِ مَتیٖو وے
بیمارِ چشمو وُچھتہٕ پُرخُمارِ مَتیٖو وے

قَد سروِ قصب پوش روٗخ چھےٚ ماہِ مُنوّر
خوش خندہٕ خوش گفتارِ خوش رفتارِ مَتیٖو وے

جانانہٕ ذوالفِقار[1] بُموَ دِل منےٚ کَتُرتھم
جِگرس منےٚ کوٚرتھم پارِ جِگر پارِ مَتیٖو وے

سیوٚد وُچھتہٕ منےٚ کُن وارِ بہٕ آوارِ گیس بال[2]
وَدنس منےٚ نو چھُم وار مَدن وارِ مَتیٖو وے

کمزور بُلبُل نو بو ندے خارِ کوٚرتھمے
گلزارِ وَنےٚ زار دِل آزارِ مَتیٖو وے

---

[1] : ذوالفقار : حضرت علی رضؓ سُند تلوارِ ہشد ناو۔ [2] : ...... گیس وُنی

یاوَنتہٕ کیٛاہ چھےٚ بوشِ یاوَن ژٕوٕر مَستہٕ رۄش

شُری پانٕہٕ کیٛاہ چھُم چھارٕ ہالوکچارٕ مَتیٛوٕوے

مَسوَل بہٕ ژَٹےٚ کامہٕ دِوٕنی جامہٕ گوٕلالوٕ

ہیہِ تَن منےٚ دٕزموٕ نارٕ گُل انارٕ مَتیٛوٕوے

اٰیینہٕ چھُہ حَیران زِ جادوٕوے نِگاہَت

ژٕ ینےٚ نِشہِ صمد اَسلارٕ بہٕ کوٚت لارٕ مَتیٛوٕوے

ژٕندرٕ بَدن چھس بَنٛدرن پرٛاران مےٚ واتیم یار

کوٚہ لوٚگتھم اَغیار ژٕ ینےٚ عَیارٕ مَتیٛوٕوے

مَسہِ چھِوٕ مَستہٕ لاے ہَستہٕ زورٕ موٚہنی کان

بوٚستینہٕ سپر دارٕ کَمانٕدارٕ مَتیٛوٕوے

رٔوسُت کوٚرتھس مارٕ وَندےٚ مارٕ مَتیٛوٕ جان

اَمارٕ[2] چھانےٚ پان بوٚ دوٚ مارٕ مَتیٛوٕوے

---

[1] : معیارہٕ (مہ یارہٕ) مَتیٛوٕوے

[2] : اَمارٕ چانےٚ بوٚ دوٚ نہٕ بوٚ مارٕ مَتیٛوٕوے (دُن سطر)

# آرے آرے ظالمو

زُلفچہ تارِ مَنشر دل گوم تارے      آرے آرے[1] ظالمو
دِل آم وَلنے زُلفچہِ تارے      گُل زَن زالہِ لجُسو بو
تمنا چون چھیم بوسہِ کنارے      آرے آرے ظالمو
خوتَن اوش چھس ہاران دارے      موتُن مَس یِیتہِ چاوَن کالی[2]
طوطُن دود چھُیم جودَ رو نہارے      آرے آرے ظالمو
اُچھ دولوسم مےٚ اچھِ دارے      اَچھد دِل گچھِ ڈَبہِ مَنشر پِرارلان
وُچھان لوسس بَرکیو دارے      آرے آرے ظالمو
آدن بلبجے ہاوَعدِ سارے      نادَن آلو رِتہِ سائے

---

[1] : آرے۔ آرے (ادہ - ادہ) ۔ حافظن تہِ چھُ اَتھی مَعنیس مَنشر وَرتو وُمت ۔ مگر یتھ وَرتَس مَنشر ہیکہِ یہِ عارے عارسے تہِ بنتھ ۔

[2] : موتُن مَس پیالہِ چاوَن کالی۔      (ن - س)

لادَن مے چھَم ماہ رۄخسارے　　آرے آرے ظالموَ

پرٛزناِ شمعَ رزِپان کھارے　　دَزِناَ چون ہیۆنرِ چھُس رۄشے[1]

نظراہ کرٔتھَس اَمہِ تھزِ کارے　　آرے آرے ظالموَ

بۄزم گُل پھولِن ئتِہ مے پیارے　　پھولِناَ دِل میُون ژلِنَم غمَ

ییہ نامہِ ہَن ژرٔارِ سوارے　　آرے آرے ظالموَ

چھاوَن ہا پوش پھلی[2] مشیانہ وارے　　یاوَن ژوٗرے یارو وے

ہوش کر روشہِ پکھ اوش ماما رے　　آرے آرے ظالموَ

کُمَن ہنٛرے کرِ تجہِ وارے　　کمانہِ ہِندی پاٹھی منٛزٕ چھُس خمَ

تتھ کونہ رۄشُس گردن وارے

آرے آرے ظالموَ

---

[1] : دَزِناَ ہو نجہِ منٛزٕ چھُس ارمان ۔ (نُسخہ س)

[2] : پھاودَن ہار پوش پھلی مشیانہِ وارے ۔

# کوٗزالی آسی لولہٕ ناری

وَلِسی یے کوٗ زالی آسی لولہٕ ناری    وَلِسی یے مَتہٕ چھی باری یے لولو
تنگ چشمہٕ رنگ چوٗن گُلِ اناری    عاشقن سوٗ سے بیماری یے لولو
سنگدِلہٕ ذِمہٕ چھے بیمار داری    وَلِسی یے مَتہٕ چھی باری یے لولو
مارہٕ مَتہٕ مارہٕ مُتی چھاٹی کِتی ماری    نارہٕ دَدی یُرھ گلو خاری یے لولو
خار گیہٕ آرہٕ وَل ہیٔرِن بےقراری    وَلِسی یے مَتہٕ چھی باری یے لولو
خنجر وانکن کُمی زالی پاری    وَنجر بمہٕ چھے کاری یے لولو
سینہٕ کِس پنجرس چھےوَن ہاری    وَلِسی یے مَتہٕ چھی باری یے لولو
بے دِلن کِتھین کرِتھ دِلداری    سوٗ سے چھے برخوردار یے لولو
کمزورن[1] ستی کیاہ زور داری    وَلِسی یے مَتہٕ چھی باری یے لولو
عاشقن لالان پتہٕ آری آری    مارِتھ نتہٕ پرآری پرآری یے لولو
ژھار تھے ناری کِنہٕ وَتہٕ ناری    وَلِسی یے مَتہٕ چھی باری یے لولو
نامہٕ ہیتھ سوزے بادِ بہاری    ہیہٕ گوم آمہٕ تاد ہاری یے لولو
کامگ مَدہٕ ودل چھانی اماری    وَلِسی یے مَتہٕ چھی باری یے لولو

---

[1] :- کم دِلن ؟

نامدار بال چھے ہلم دآری — جامہ نالی چھی قلم کآری یے لولو
موہہ تیرن منے منہ ہچھلہا دآری — ولیسی یے مَٹہِ چھی بآری یے لولو
وُنہِ چھم کانہ پھل[لہ] جگرس لآری — تن منے گیہ اوگآری یے لولو
وَدنا سوزیس واتہِ نیتھ زخمکآری — ولیسی یے مَٹہِ چھی بآری یے لولو
دُشمن وَنتے کیاہ چھے کآری — ییٚشرہ کیاہ مردم آزآری یے لولو
بوماہ گرنس چانی خُمآری — ولیسی یے مَٹہِ چھی بآری یے لولو
سُنہری نیر تے مَنٛز گل زآری — بُلبُل مآری انتظآری یے لولو
دلوانہ گےٚ کانُسکھ ژٕ بیمآری — ولیسی یے مَٹہِ چھی بآری یے لولو
تُہنہ شمشیرِ عاشقو سر دآری — اَدِ پرٛاوکھ سر دآری یے لولو
کس نہ تھاوی جگرس داغ سمسآری — ولیسی یے مَٹہِ چھی بآری یے لولو
ہیٚنزِ ہنز شخس گیہ گرِفتآری — نون دراو منٛز بازآری یے لولو
عشقس ٹھر چھا پرہیز گآری — ولیسی یے مَٹہِ چھی بآری یے لولو
لالہِ ہندی دوکھ تہ دادی مَنٛتی سنٛدآری — مآل اوسنس دوسدآری یے لولو
لولہِ چہ زگہِ گوس دگہِ رتھ جآری — ولیسی یے مَٹہِ چھی بآری یے لولو
کانسہِ مالو رہ کوز لوکچآری — ژٕڈی زینہِ غوصہ ماہ پآری یے لولو
روُسلَ میرس ژٕڈی زینہِ بآری — ولیسی یے مَٹہِ چھی بآری یے لولو

---

لہ : کانہ پھل ۔ تیر ۔ تیر پیٹی ۔ [illegible] آسہ) ۔

# جانانہٕ وَندَے جان

جانانہٕ وَندَے جان جِگر پارٕ دِلبرو
دِلخواہ دِلآرامہٕ ہے ہٕے دِلدار دِلبرو
شمشاد قامَت غونچہٕ دَہان روٗخ زٕرےٚ چھےٚ گلفام
خوش روے، خوش گُفتارٕ خوش رفتارٕ دِلبرو
پٕراران دِگرٕ گوم جِگر گوشہٕ مسآے روش
یَکبار یِکھنا روشہٕ وونی دۄبارٕ دِلبرو
مژٕ تیر چھی زٕرے چشمہٕ آہوٗ بُمہٕ کماندار
آہوٗ شکارا تُرکِ کماندار دِلبرو
شہمار زُلفو نال وۄلہم بالہٕ کیاہ چھُم حال
با دامِ چشمو وُچھتہٕ آدم خارٕ[1] دِلبرو

---

[1] خوار

دَر سحرِ رَمز کَم زِ سامری چھکھ نہ ہَم لاگِتھ
ناز آفرین از غمزٕ جودوٗگار دِلبرو

چھے گِرد جبین گِرد گرِتھ حالہ اَکی دور
زَن زوٗنہِ لوٗگمُت ہالہٕ ماہ روٗخسارٕ دِلبرو

آں خالِ سیاہ توٗ برخسارِ گُل گوٗں رَنگ
اِسپَند ڈٲلِتھ پان زالان نارٕ دِلبرو

دُٹھ چٲنی ووٗزٕلی لعلہ کھوتہٕ قَند زَن شیرین
فَرہاد بوٗزِتھ مارٕ گو بےچارٕ دِلبرو

اے حوٗر صوٗرتھ چانہٕ بَرتَل پیوٗم رِضوان یاد
جَنّٰتٍ تَجرِی تَحتَھَا الاَنہَارُ دِلبرو

گھوارٕ جُنبانِ توٗ دَرخابِ عَدَم بیدار
گاہ وارٕ آسس یارٕ گاہ آوارٕ دِلبرو

روٗشِل وَنے سوز کَنے بوز شاہ روز
مِہر پارٕ کوٗرتھم لولہ دَندَس پارٕ دِلبرو

# چانہِ چھُم جانُک قَسَم

یارٕ لوگُتھ سَنگدِل  چانہِ چھُم جانُک قَسَم
مارٕ کوٚرتھَس تَشنٕہ دِل  غونٛچہِ دَہانُک قَسَم
یارٕ دوٗدٕے کرِلویٹھ پیوم  بار عشقُن مے گوٚ بٔیوم
اٰلفہِ قدٕسے دال گوم  سَروِ رَوانُک قَسَم
سوٚرمٕہ نازُک چھُے اُچھَن  سوٚرمٕہ رٕوٗدُم نٕہ وُچھَن
خَشمٕہ ہیٚتیٚو چھکھ بُچھَن  چشمِ مَستانُک قَسَم
چشمِ بادام یا چھُہ بَرم  رَشکِ آہوٗئے حَرَم
نَرگِس باغِ اِرم  چانہِ عِرفانُک قَسَم
اُلفیٚچ لاٰیتھ کمَنٛد  زالہِ لوگُتھ چین وٚ ہنٛد
زٕھلہِ دِل کوٚرتھم مَنٛے بَنٛد[1]  زُلفِ پیچانُک[†] قَسَم

---

[1] : زٕھلہِ دِل نیٚوتھم مَنٛے بَنٛد۔ (ن۔ط)

زُلفِ سۆنبُل پێنٛچھ گُلَن　　لاگۍ مَتی زال بُلبُلَن
عاشقَن دِل تَنٛبرلَن　　سۆنبلِستانٕک قَسَم

آشنٲیی اَے صَنَم　　بےٚ وَفٲیی دَمبَدَم
دوٚن جُدٲیی چھے سِتَم　　تازِ یارانٕک قَسَم

ناد لایے گُلبرو　　سادٕ کٔرِتھس گُلِ برو
وَعدٕ ڈاو لۆہَم دِلبرو　　عہدو پیمانٕک قَسَم

تیر عشقُن دَر جِگر　　ہێتھ بٕ گیٖسو دَربدَر
کَر مِتے نیرِہم وو نی نبَر[1]　　تیرِ بارانٕک قَسَم

بُمہٕ کمان مِژہٕ تیر　　ہاوِتھ کٔرِتھس اُسیر
مارِ گٔے بَرناو پیر　　تیرِ کمانٕک قَسَم

بے قرٲری یِس دِلَس　　آہ مِعنے زانِہ تَس[2]
نَتہٕ روٗسُل میرہاوِکَس
موے میانٕک قَسَم

---

١؎ : زٕ تہٕ نو نیرہم نبَر۔ (ن۔ ط)　٢؎ ...... آہ معنی زانِہ بَس۔ (ن۔ ط)

# بیداد ژلوٚمے

بیداد کران مأرنس بیداد ژلوٚمے
مظلوٗم چھس، ویٚنسی بوزِنا فریاد ژلوٚمے

بے جان کرٕنس، جان وَندس، جان چھُم ازجان
میٚنی جان چھُم برلب تہٕ دِتس ناد ژلوٚمے

از دید نحوچ بجے اَنم سروِ قدس کِتھ
منٛز باگ کٕرِتھ باغہٕ منٛز شمشاد ژلوٚمے

آل خسروِ شیرین دہان شکرٕتھ کٕرِتھ موم
چھُس خستہٕ برسر تیشہٕ دِتھ فرہاد ژلوٚمے

ناحق وُرق عشقُک پوٚرم تتھ عشقہٕ کِتابے
روٚدُم نہٕ سبق یاد سُے اُستاد ژلوٚمے

نچیر کرٕنس زُلفچی زنجیرہٕ گونڈٕنم دِل!
پابستہ چھُس چوٚ سروِ قد، آزاد ژلوٚمے

برمایہٕ روٚدُم ژھایہٕ تَس کمہٕ جایہٕ کٕرِتھ آد
وٕنیٚجہٕ بیارِ تا اچھہٕ وَل وُچھم، شاہ باد ژلوٚمے

علہ - یہ لفظ آدٕ ٹھیک پٕرِ (قلمی نسخہ)

# روزٕ دَما ہا جانانےَ

روزٕ دَما ہا جانانےَ
بوزٕ گُرتھس مُشرٕ دیوانےَ

سورمہٕ چشمو کورتھم جودُے ژالہِ کوتاہ چھُم یارٕ دودُے
ڈالہِ نیوان سَروِ رَوانےَ
بوزٕ گُرتھس مُشرٕ دیوانےَ

بُمہٕ کمان چھےٚ تیرِ مژگان۔ نَستہٕ خنجرٕ چھےٚ آفتِ جان
وُٹھ یاقوُت دَند دُردانےَ
بوزٕ گُرتھس مُشرٕ دیوانےَ

تیرٕ لایتھم اُچھرٕ والےَ لولہٕ جگرس گام پرکالےَ
وُچھتہٕ انصاف ما چھےٚ دانےَ
بوزٕ گُرتھس مُشرٕ دیوانےَ

گل بٕر لاجنس موہنی زالےَ دِل متےٚ وٚلتھم زُلفہٕ خالےَ
ہوش نیٚوتھم ہا خوش ترانےَ
بوزٕ گُرتھس مُشرٕ دیوانےَ

مارِ زُلفَن چاّنُ کارِ ہُتی پے    تارِ کُری متی چھِ وَن کارِ ہُتی پے
مارِ ظاؔلِم تھاوِ اَفسانے۔
بوز کُر تھَس مُشر دیوانے

اَسہِ وِنے بوولہسرآوتھَس!    کھَسہِ وِنی زوَن لوسنآوتھَس
خَنٛدِ مو کَر غوٗنچہِ دہانے
بوز کُر تھَس مُشر دیوانے

نُنٛدِ بانے گُنٛدُم گوَنے[۱]    اَتھہِ ژُنگِ متی چھی سانہِ خوٗنے
فِتنہِ برپا مانٛزِ بہانے
بوز کُر تھَس مُشر دیوانے

وُنی بہٕ دِمے پُرِستانن    سُنی تہِ دوگنی بیّیہِ اَستانن
وَنہِ یکھنا جان جہانے
بوز کُر تھَس مُشر دیوانے

وَنتہِ رسوٗل کیا کرِ اظہار    حال پرژھوم از چشمِ بیمار
تورِ دوّپہم زانکھ ژپانے
بوز کُر تھَس مُشر دیوانے

---

[۱]: گندم۔گوں۔گنشوم

# .... دِل چھُے سَنگِ خارا

سِتمگر کیا ژےٚ لوگُتھ نازنین ظالِم نِگارا
حلبِ آیینہٕ آسی سینہٕ دِل چھُے سَنگِ خارا
نَتہٕ ما یارِ چھوٚلمُت روٗے چھُے قُمری رَتہٕ ما
نَتہٕ ما سَرو نازَس تازٕہ پھوٚلمُت گُلِ انارا
زُلف بروٗے چھُ تَس پِتھٕ لاٰل نکھہٕ اَس مجنوٗنَس
نَتہٕ زَن زوٗنہِ گردنِ نالہِ گوٗمُت شہمارا
پریشان سوٗنبُل مُشکین تُو از خَندہٕ بُلبُل
جگر خوٗن گر شَوَد وَن کیا خطا مُشکِ خطارا

تیرے مہ رُخ اوپر بر سیاہی تارے چمکدیں

نظر حیران ہے اُس سے اُٹھ جاوے پیارا

ژِ چھکھ نا ژُور شِلک نوٗرِ دلک چشم بد دوٗر

ژِ چھکھ نا یارِ کنگ دوٗر ہٹیک موخته ہالا

زٲلی کم عشقہٕ نارن کاٗلی شیخن یام ڈٲوِ نیھٹے

وٲلی کن زٲلی وأنکہٕ ناٗلی پھٕسِرن رنگ انارا

شمع ڈٲشتھ دماہ پروانہٕ دوٚد پروانہٕ تمی کوٗر

سیٚپن تس نوٗر نارس یار ڈٲیُوٹھ آشکارا

روٗسوٗلن دِلفریبا گو کنن زیبا نِگارا

ونن لازِم انن ژٔے نوٗن آسی پرور دِگارا۔

---

لہ : اُستادن ہندِس غزلس منز چھِ کاشر پھیرنک معنی خیز ذکر۔

# یَنہٕ آدن یار ڈیشامے

یَنہٕ آدنہٕ یار ڈیشامے        تَنہٕ یورنے آم لُتییے
گُلبدن کیا سَروِ قامتھ        عاشقن کرِتھ بَرپا قیامتھ
زُلفِ چھس تا بدامن والمے[له]        تَنہٕ یورنے آمے لُتییے
صبحِ نوروز روے ییٚلہ ہوُون        شَبِ قدر موے ییٚلہٕ ترووُن
رازِ روشن کوٚرنم شامے        تَنہٕ یورنے آمے لُتییے
پستہٕ دہان یا غونچہ یا میم        اَلِف قد زُلفِ چھس دال یا جیم
والہٕ واشے لوٚگ خاص عامے        تَنہٕ یورنے آمے لُتییے
لالہٕ رویس وۄتھان نارچی ریٚہہ        بُمہٕ کمانہٕ چھس نازچی زیٚہہ
جگرس تیر مژگان ژامے        تَنہٕ یورنے آمے لُتییے
چشمہٕ بیمار ژیٚنبر زرے        عاشقن دِل نِوان ژھلے
ہَرنہٕ ڈیشتھ بے آرامے        تَنہٕ یورنے آمے لُتییے
مُغز بادام دَند وُٹھ نبات        سو رمہٕ ظُلمات اُچھ آبِ حیات

---

له : وام آسن ۔ ییلہٕ آسن ۔ واش گژھتھ آسن

اَسہ وِنہٕ ہوٚنجہٕ خوش کلاےَ — تَنہٕ یورنَے آمےَ ٹُتیےٚ
مُشکِ تمیٚ سُند چھےٚ رَشک پوشنَ — دورٕ کٔنَن چھےٚ حوٕرٕ توشنَ
شُری پلنَے دِل منٚے لَجاےَ — تَنہٕ یورنَے آمےَ ٹُتیےٚ
سَروِ قَد عشقہٕ دادے خَم گوم — دوٚنی نہ آمےَ گوٕ ماتم پیٚوم
چھُمنہٕ مولوٚم کس گیٚجاےَ — تَنہٕ یورنَے آمےَ ٹُتیےٚ
روشہٕ آنتھ ژوٚلم کوٚتیےٚ — روشہٕ وٚولنس ٹہ لارٕ توٚتیےٚ
ہوش آستھ موٚت لاجاےَ — تَنہٕ یورنَے آمےَ ٹُتیےٚ
دولہٕ وُچھتھ دِلخستہٕ گُرنس — لولہٕ زنجیرِ گل بَستہٕ گُرنس
تولہٕ ڈوٚلم سورنَے دِراےَ — تَنہٕ یورنَے آمےَ ٹُتیےٚ
مٲری مُندِس کیاہ سورِ سامان — ماٗرٕ تمیٚ آمارٕ ٹہ پان۔
رام نَے گوم دِلاراےَ — تَنہٕ یورنَے آمےَ ٹُتیےٚ
کامہٕ کٔس جامہٕ نافرمانی — چھےٚ بَصورتھ یوٗسفِ ثانی
نُندہٕ بون کیاہ گتہٕ مارانَے — تَنہٕ یورنَے آمےَ ٹُتیےٚ
آدرٕ وُسُل سیٹھا دِلَ تنگ — سٲری رَنگن ژھاران بےرَنگ
وُچھنہٕ خَلوتھ دَر ہنگاےَ — تَنہٕ یورنَے آمےَ ٹُتیےٚ

# لول آم لولو....

دولہٕ دولہٕ پیٛری چھکھ ترٛاوان چھوکلی
بول کگُلی لول آم لولو

کارِ تھُزکیٛا چھکھ سروِ بالا دَنٛد چھی بأُلی لولوے لالا
پانہٕ رأضی چھُے حق تعالےٰ
بول کگُلی لول آم لولو

ہَرٕنٕ چشمَن سو رمہٕ چھُےاَزلی رُمہٕ زأوِجہِ بُمہٕ چھےَ کرٕزلی
مَنٕزدار کیٛشا وُٹھ چھی وفٕزلی
بول کگُلی لول آم لولو

نارٕدَن قَد سینہٕ چوٗن لُبستان بُمہٕ ہارٕنٛجہِ نارٕنٛجہِ پستان
وِلہٕ وَنہےَ گِلہٕ تہٕ دَستان
بول کگُلی لول آم لولو

زُلفہٕ تُلی روے گٹہِ مَنٛزآفتاب چھأُلی شبنمَ نأُلی چھُےکیمخاب
سیم تنَ تےَ خوے چوٗن سیماب
بول کگُلی لول آم لولو

عشقہ مُژ مشکہ ینبرزلیے        چانہ امارِ بوٗنبوٗر گگیے
زُلفِ سوٗنبُل چھی ہلہ ہلیے
بول گگلی لول آم لولو

زالی وانکن تل چھیے بالیے        نالی کانٹھ مال ہٹہ بنگالیے
ہنگہ طوٗمار سونہ شُند والیے
بول گگلی لول آم لولو

یاری لاگو نیر آر منزریے        زار بوزتے ہا ماری منزریے
ڈنگ ژھانڈتھ پہاڑ منزریے[1]
بول گگلی لول آم لولو۔

دِل نیتھ مے جانس مے زاگ        شامہ سوندری یامن مے لاگ
رام نگری ژھارِ تھے ویرناگ
بول گگلی لول آم لولو

دورِ روس کیا ونہ عقلی        چانی تاریف بوزِم نقلی
ژورِ مے روز ہا حورِ شکلی
بول گگلی لول آم لولو

---

[1] : ..... ٹنزریے

# ہانٛزلہٕ کوتاہ ژالہٕ بو

ہوٗرِ چھم کاڑھ تہٕ دوٗر ہاژلہٕ
ہانٛزلہٕ کوتاہ ژالہٕ بو،

سوندرے چھم نوٗ ہٕندرسے زولہٕ ژیتے روٗس ہٕندریوم دِل مانے
عنبری چشمہٕ چھے یثبرزلہٕ
ہانٛزلہٕ کوتاہ ژالہٕ بو

مدنو پدمانہٕ[1] مو دِم ڈلہٕ مدٕ چھس ازتے ادِنو وار
آدن بابچے وعدِ نو ڈلہٕ
ہانٛزلہٕ کوتاہ ژالہٕ بو

صاف تنہٕ بافتہٕ بنگاٗلی ولہٕ وتھرے سینہٕ کِس بنگاٗلس[2]
بنٛگہٕ لد گرتھس رنٛگہٕ بلبلہٕ
ہانٛزلہٕ کوتاہ ژلہٕ بو

ہانٛزِ بمہٕ نے لدِتھم چلہٕ ژھونٛجہٕ ہیتھ لویتھ موہہٕ تیرے

---

[1] : پدمانہ - پدمنی - [2] : بنگاٗلس - بنگال - نرہ ہندِس ہیٖرمس پوٗرس ہیتھ بنادنہٕ آمت ناور- ودگن پور- ازتہٕ چھ پراٛنین مکانن گنہٕ گنہٕ بوزنہٕ یوان -

وُٲلنجِہ کَرِتھم کھَنٛجہِ قاٗئلہِ!
ہانٛزٕلہِ کوتاہ ژالہِ بو

کوٗستوٗر نافہِ تہِ کوفوٗر مَلہِ کافَر خویو دِل جولو
نافَرمانے ہا ناقلہِ
ہانٛزٕلہِ کوتاہ ژالہِ بو

سونہِ دوٗرہِ میانے یا کُنہِ ہچِلہِ ہٕٹہِ کُے موختہِ ہار ژھُھم ژرے
ہٕٹہِ بو کُرتھس کِتھہِ سمبلہِ
ہانٛزٕلہِ کوتاہ ژالہِ بو

اُلفتہِ وُجنس زُلفِ سوٗنبلہِ خال چھُے ہچھل تہِ کاکُل زال
گِل والہِ ولسے لاٗجتھس ژھلہِ
ہانٛزٕلہِ کوتاہ ژالہِ بو

زُلفِ زُنّار چھُم سِلسِلہِ[1] بےشک کافِر عشقُم مَن
دیوانہِ کُرتھس ہا پاک سِشلہِ
ہانٛزٕلہِ کوتاہ ژالہِ بو

کَن تھاو رٕوسَل وَنہِ ہے گِلہِ آیینہِ رولیو ادے نو عار
نوٗزُک بَدنے سنگین دلہِ ہانٛزٕلہِ کوتاہ ژالہِ بو

---

[1] : سِلسِلہِ ۔ ہٲنکل ۔ مگر پیری مُریدی تہِ تصوفکی سِلسِلہِ تہِ چھ ۔

# آفتِ جان

مارٕ موت ماہِ تابانِ بشب[1]     آفتِ جان شوٗبانٕ عجب
رٕشکِ ایرانٕ آشوبِ توٗران     رہزٕن دِل غارتھ گرِ جان
شوٗرِ[2] عجم مشہوٗرِ عرب     آفتِ جان شوٗبان عجب
ترکِ بالا قدِ خوشخرامے     سَرٕدِ قامتھ قیامتھ قیامے
حوٗر لقا پٔری لقب     آفتِ جان شوٗبان عجب
ماہ روٗیس آینہٕ حٲران     زُلفِ سوٗنبُل ڈلیتھ پریشان
دُزدِ دیں تے کافِرِ حرب[3]     آفتِ جان شوٗبان عجب
موٗژِ راوان ئیٚنبرزلَن     مُشرٕ راوان صاحبِ دِلَن

---

[1]: ........ ماہِ تابانِ رجب (نسخۂ س)
[2]: نورِ عجم (ب - ط) [3]: کافرِ عرب (ن - س)

بوٗمبوٗرٕ بچھن، وٕچھن غضب
آفتِ جان شوٗبان عجب

سیب زنخ نارٕنجہٕ سیم آب
حُسنکہٕ کوثرک نتہٕ حُباب

گٕمہٕ گوٗلاب دَرچاہِ غبغب
آفتِ جان شوٗبان عجب

یَنہٕ موت ڈٕیوٗٹھم پوٗت ژھلیے
سوٕنہٕ دوٗرن ماران گرایے

تَنہٕ چھُم گوٗمت سَنہٕ یارَب
آفتِ جان شوٗبان عجب

بُتھِ پیٹھ یام زُلف اَتھہٕ تراوان
زالہٕ وٗلان یتھ کُن تھاوان

کالہٕ اوٗبرس تَل ماہِ نخشب
آفتِ جان شوٗبان عجب!

نوٗر دِلک چھے مخموٗرن!
زوٗرشِلک چھے مستوٗرن

دوٗرکنگ چھُہ حوٗرن مَطلب
آفتِ جان شوٗبان عجب

نَستہٕ خنجر وٕنجر بُمہٕ
خستہٕ کَران چھُم زٕمہٕ زٕمہٕ

مَسہٕ چھُو، روشہٕ وٗن غارِ سبب
آفتِ جان، شوٗبان عجب

# ....ہوشہٕ ڈلاٛیو مدٕنو

ژٕ لوان روشہِ چھکھہٕ نتہٕ ہوشہِ ڈلاٛیو مدٕنو
بہٕ رلوان ہرنہٕ چشمن سو رمہ چھلاٛیو مدٕنو

ژینبر زٕل چشمہٕ چھے ہلہِ روز سیوٚد وچھہٕ مہ دولہِ مےٚ کُن
بہٕ چانے لولہٕ چھس بیمار بلاٛیو مدٕنو

عشقہٕ نے وادہٕ ہیوٚتنم نار پانس خاک مےٚ گوٚ[1]
اَشہِ کے آبہٕ نابد زن بہٕ گلاٛیو مدٕنو

مےٚ نیوٚتھم ژوٚرِ دِل مستوٚر کوٚرتھم حوٗرِ قصوٗر
بدٕنس سوٗر ملےَ دوٗر ژلاٛیو مدٕنو

غوٗنچہ زن نیرہٕ پھٹِتھ پھیرہٕ، گُل زن پرٕدٕ ژٹِتھ
بہٕ چانے خارٕ برٕ گژِھتھ پھولاٛیو مدٕنو[2]

---

ل : اَکھ چھُ گیوٚن واٚلی یتھہٕ آیہ پران: عشقہٕ نہٕ دادِ ہیوٚتنم نارٕ پانس سوٗر مےٚ گوٚ ۔
ل ۲ : بہٕ چانے خارٕ گژِھتھ دوبارٕ پھولاٛیو مدٕنو ۔

کھٹتھ سینس اندر بٔ نالہٕ رٹتھ شامہٕ سوندر

جامہٕ زن سروِ قدس پان ولاٰیو مدٕنو

یتم شہبازٕ پھیرتھ بازِ دِلک راز ونے

جِگرُک ماز دِمے نازٕ تلاٰیو مدٕنو

بَردرِ پنجہٕ مژگان دُنیتھم تیرِ غمزٕ

بٔ گرتھس رنجہٕ زن ہارِ پنجہٕ تلاٰیو مدٕنو[1]

مے کوٗرتھم نوٹہٕ موختس طوطہٕ کِیا باشہٕ کرد

دوٗہہ اکہٕ موتہٕ نے ونہار گلاٰیو مدٕنو

دمایہ کھنا ژمیونے سیم تنے جیم زلفن

عطرِ چنبیل تے پھلیل ملاٰیو مدٕنو

رسولن پیالہٕ چشمن خونِ جگر کوٗرنہٕ شراب

کباب دِل بٔ ژینے گنیت کرایہٕ تلاٰیو مدٕنو

---

[1] : اتھ نرگس چھے یہے صوٗرت نیکمت۔

# یتھ ماہ رویَن چھُسنہٕ وُچھان

یُتھ ماہ رویَن چھُسنہٕ وُچھان حُسنِ عطائی
چھی خال سِیاہ زال زُلف مُشکِ خطائی

شاہین قضا پنجہِ مژگان تو دِل بُردد
زِ عشوہ دِگر جان و جِگر اشوہ رُبائی

یک روز و شب اسے مہر و مہہ بر بُرج دو چشم
گُفتی کہ بیایم تو بہ گوئی دُنیائی

آسینہٕ ہیُو کافور ہے آیینہ برابر
آیینہ چھے حاران ڈیشِتھ سینہٕ صفائی

کَس زانہٕ دُنتھ دود بنتھ گوم شُسنتھ جود
دِل آم ژھینتھ پیوم چھنتھ گُل زِ ہوائی

چُھم ہال دِلس لال وُچھَن کمہِ بہانے
وُدجنوان لاگتھ کوتہٕ کرکَس خسانہٕ گرائی

فریاد بوزم ناد لایئے داد ہے بیداد
پولاو ژاپن پیوم مشکل چانی جدایی

زنجیر واوس کمی چھے کرمژ نقش ہیو برآب
کیاہ یاد روزان سادِ لوکن وعدِ وفایی

بے کام وزبان سوز ونے بوزنے بے گوش
چھے برگ[۱] و نوا عاشقن بے برگ و نوایی

دِل نِتھ منے جانس زوگتھم تے لوگتھم صیاد
دِل دِتھ لاجتھس[۲] زالہِ گل گیہِ باز رہایی

دُردانہ پنن ناو چھے لب غونچہِ لقب تھاو
جانانہ شوبی گل روخس پیٹھ کام روایی

کس ہاوِ نقیرس تہ طبیبس بو دِلِ زار
نے جوروجفا کینہہ لگیم نے چارِ دوایی

صد بار عِلاج تبِ عشقت چھُ روسولس
بیمار چشمو اکھ نظر داروے شفایی

---

۱: برگ ۔ سو رنے ہشر یِتھر یوسہ سو ریاہِ کران چھُ ۔ نواء ۔ آواز ۔ یِتہِ چھُ موسیقی ہُند اصِطلاح تہ کاشُر موسیقی ہُند تہ قسم ... و ... ہتھس ۔

# .... کوٗنے آم

زٕدلہٕ چھُم نہٕ کٔرتَم لولہٕ پیکرٔ ے — وٕدلہٕ وٕہٕ نٕیسَے وَنتَس کوٗنے آم

لولہٕ نارٕ زٕولنَم سینہٕ سوٗندٕ ے — دٕرلوٕ لأجنس کیٔشاہ بٔرچاو

یَس زٔرِ وٲلنِج شٕہ تہٕ مازٔ ے — وٕدلہٕ وٕہٕ نٕیسَے وَنتَس کوٗنے آم

عشقہٕ تیٖر لوٗینَم بے خبٔرٕ یے — گمہٕ رٔشکہٕ وَنتَس یِم تیٖر تٔراو

مُرناشہ یَس تیٖرِ مژگان تٔر ے — وٕدلہٕ وٕہٕ نٕیسَے وَنتَس کوٗنے آم

ہتہٕ گوٗزٕ یارِ میٖون چھُم کٔتھہٕ گرٔ ے — ہاوٕتَس نامہٕ تہٕ باوٕتَس ناو

سُتھ چھُم وٕدنہٕ سے دِلہٕ خط پرٔ ے — وٕدلہٕ وٕہٕ نٕیسَے وَنتَس کوٗنے آم

مَس دِتھ کٕرنَس کوٕ باشٔبرٔ ے — جلسہٕ دِلبسر آونَس کَس کٔرہٕ گژراو

ضایہٕ گوم گرِتھ ہا پوشہٕ تھرٔ ے — وٕدلہٕ وٕہٕ نٕیسَے وَنتَس کوٗنے آم

زٕالٕ ڈٕیہ بیہہِ رٔ ے کینہٕ ژنگٕ لرٔ ے — وٕوتھہٕ وٕہٕ نٕیسَے یارٔس پیٔرنگ وَتھراو

کینٛہہ نے مَنٛگہِ سے شوٗنگہِ سے لرٕ ے ووٚلہٕ وٕہٕنسی وَنتَس کوٚنے آم

ذوقہِ ناو ترٛاوِم شوقہِ اولرے[۱] واتھ مَنٛشرِ پٔیوم ہَرٛدُک واو

یامتھ دوہ گوم پَتھ سَنگرے ووٚلہٕ وٕہٕنسی وَنتَس کوٚنے آم

موٚجنوٗن موٗت گو کیا سنا کرے سَرٕ مَنٛشرِ گٔیہِ تَس اپرٕوٕنی ناو

مال چھُس لالہٕ رٕتی قرآن پرٕ ے ووٚلہٕ وٕہٕنسی وَنتَس کوٚنے آم

چھوکھ یارٕ ی لوٗنیم لولہٕ تبرٕ ے موکھ ہُو ونَم نَتہٕ گوم آمہٕ تاو

دوکھ چھُم للٕرٕوان لاوِ برٕ ے ووٚلہٕ وٕہٕنسی وَنتَس کوٚنے آم

ٹھُس گوم ہانٛکلہِ ذرٕ سہٕ گوم برٕ ے ژَس گوم واٗلنجہِ یار ہا آم

تُمی دور سینہ تَے منٔے دارِ نرٕ ے[۲] ووٚلہٕ وٕہٕنسی وَنتَس کوٚنے آم

رٕوٗشُس تَس یارٕ ہِشنرِ لولرٕ ے

وَطَن ترٛاوِتھ وَتَن ڈٕراو!

سٔنہٕ[۳] چھُس جِگرَس کَیاہ سَنہٕ کرے

ووٚلہٕ وٕہٕنسی وَنتَس کوٚنے آم

---

۱ : اولرے ۔ وولرس مَنٛشر ۲ : منٔے دور سینہٕ تے تمی دارِ نرے

۳ : سَنہٕ ۔ دود ۔ آزار ۔

# دَم چھے غنیمتھ دم بَدم

دَم چھے غنیمَتھ دم بَدم ‌‌ ‌ ‌ کَن تھاو روٗخ ہاو اے صنم
زُلفِ تور رشکِ مُشکِ چین ‌ ‌ ‌ چنبر چلیسپا چین بچین
کیا پیچ خَم سَم بہ خَم ‌ ‌ ‌ کَن تھاو روٗخ ہاو اے صنم
وُچھی توان لیو کھ کمیٔ اوستاد ‌ ‌ ‌ ابرو دونوں چشماں دو صاد
لوحِ جبیں بینی قلم ‌ ‌ ‌ کَن تھاو روٗخ ہاو اے صنم
عُشقن نَشہِ چھکھ نہٕ نَشن ‌ ‌ ‌ در دورِ چشمت مے کشن
مَدِ نظر چھکھ جامِ جَم ‌ ‌ ‌ کَن تھاو روٗخ ہاو اے صنم
آہوے ماچینؔ[1] زانہِ کو ‌ ‌ ‌ ہرن تَمنّا چوان ہیو
پھیرن وُچھن ٹھہرن تہ رمؔ[2] ‌ ‌ ‌ کَن تھاو روٗخ ہاو اے صنم

---

۱ : ماچین - مہاچین - ملکِ چین - تبتس آسی لوکھ ماچین وَنان -
۲ : رَم گرُان - ژلن - کنہر بکھ کھینی - خرام تھیٖہ امی منبر دراصت - یہ چھُہ کرکھ ہندس یکنس سیتی ورتاوی

مُطرِب تہٕ ساقی جام دِیے     سنطوٗر و سارنگ چنگ وٕنی
ژیٚنۍ کیتھ چھُہ سوز تےٚ زیر و بم     کَن تھاو روٗخ ہاو اے صنم

کاکُل زال تےٚ دانہٕ خال     زُنگی چھُہ چینس کوٗٹہٕ والؔ[1]
کیا سودمہٕ چشمہٕ مانزِ نم     کَن تھاو روٗخ ہاو اے صنم

اَتھ حُسنہٕ گنجس اکھ نظر     گرِ ہیے تہٕ تیوٗت اوسم نہٕ زر
ییم زُلفِ شہمار مارِ نم     کَن تھاو روٗخ ہاو اے صنم

موٗسیقار زَن وَنہِ زار     شہنار سارنگ بٔییہِ بہار
نوروز چارگاہ صُبحدمؔ[2]     کَن تھاو روٗخ ہاو اے صنم

دیوانہٕ ژیٚنۍ یتھ گو رٔوسوٗل     مستانہٕ کرتن سیٚ قوٗبوٗل
جانانہٕ پانُک چھےٚ قسم
کَن تھاو روٗخ ہاو اے صنم

---

[1]: کوٗٹہٕ وال ۔ قِلعُک راچھ دَر ۔ کوٗٹ گوٗ کاشرِ پاٹھی قِلعہٕ ۔
[2]: ییم چھِہ صوٗفیانہٕ مقامَن ہِندی ناو ۔

# بوز اُتیہ یے لول چون آم

کیتۍ عاشق گئے آرِ کاٹتی، بوز اُتیہ یے لول چون آم
سرو قدس مہ پچھُے پِستان گژھ آستان اَدِ کر کڑاو
چھی گوشہِ بگہ کنہہ ناشیاٗتی[1] بوز اُتیہ یے لول چون آم
وادِ کنہہ نے چھی موخت زالی[2] بالی کنہہ نے کھنہ پاراو گھراو
نالی جامہ مہرو ماتی[3] بوز اُتیہ یے لول چون آم
پوختہ عاشق کونہ چھی نازن خام بازن لوگ آمہِ تاو
لگِ پامن چانہِ اوشاتی بوز اُتیہ یے لول چون آم
زالی وانکن چھے جاوی ہانکل دِل چھُہ شانکل ودلہِ موکلاو
آج میری ہِل جا راتی بوز اُتیہ یے لول چون آم
ہیچھ روزتے ہا اَچھِ داری گچھ کُٹھین منشر پاراو
کُنیاہ یچھ راہ دیتنے ذاتی بوز اُتیہ یے لول چون آم
ہانہِ زوُسل کیا ونہِ ناحق کینہہ لاشک بوزنیہ آو
چانی عاشق اسہِ نِشس واتی بوز اُتیہ یے لول چون آم

---

1. گوشہِ بگہ۔ گوشہِ بگہِ تنگ۔ یم پوٹھی تہ گداز آسان چھہ۔ 2: اُزی کرِ سونا چاندی ہندی پاٹھی اکھ پژون گُرہ [illegible] کیمخاب چیٹہِ ہند آسان اوس۔ مہرو ماہ۔ 3: ہشِک (دکر) جھند اکھ روپ۔ نمکانہ۔ گرہ۔

# حوٗرِ تھوو تھَم ارمانہٕ مدنو

حوٗرِ تھوو تھَم ارمانہٕ مدنو  موٗرِ نار چھُم شُری پانہٕ مدنو
مَس دِتھ مُشتھ لی چھا دوستوٗر  مستوٗر چھَس مستانہٕ مدنو
آیینہٕ کھوتہٕ چھُم ہیٚیہٕ تَن صاف  اِنصاف روٗدے نہٕ دانہٕ مدنو
شیٖشنیٚ تہٕ دَہ سامانہٕ پیٚرتھ آیہٕ سے  دَست میٚون چوٗن دامانہٕ مدنو
تاشوٗقہٕ چانے کرانے بہٕ دراٰیس  ماشوٗقہٕ مہربانہٕ مدنو
بو مبرنہٕ ویرے خوانِ دِل ہاران  یِنبرزَل چھے حارانہٕ مدنو
عشقُن جیل اَسی لاٰل مجنوٗنس  لاٰلِ پَتھ گو دیوانہٕ مدنو
دِل تے شِل نتھ جانَس زوٗگتھَم  لوگتھَم سخت بے گانہٕ مدنو

رسوٗل جان پان وَندِ کونہٕ اَنْدِنا
دوہ تہٕ داد نیک داستانہٕ مدنو

# اَفسانہٕ کٔرِتھ ژٕلمے

دَرعشِق خود جانانے، اَفسانہٕ کٔرِتھ ژٕلمے
دَرکعبہٕ و بُت خانے، بےگانہٕ کٔرِتھ ژٕلمے

شمشاد خرامانے، تھٲوِتھ چھُم اَرمانے
تھپھ لایس عاشقانے، خفقانہٕ کٔرِتھ ژٕلمے

یَس پِتہٕ چھِس دیوانے، شمع زَن ریوانے
کس وَنہٕ تَس پَروانے، پَروانہٕ کٔرِتھ ژٕلمے

مِژر تیر بمہٕ کمانے کس آسہِ یِتھ سامانے
ماران چھُ بےگمانے، نِشانہٕ کٔرِتھ ژٕلمے

تمہٕ کوٚر زُلفن شانے، سُنبُل چھُ پریشانے
سردار پرستانے، یارانہٕ کٔرِتھ ژٕلمے

تم دٔنٛدِ پھلٕ دٕردانے ترزِ کانٛسہِ چھس ڈیشلنے
وُٹھ لعلِ بدخشانے، رخشانہٕ کرِتھ ژوٗلمے

از خالِ سیاہ دلنے وز زلفِ پریشانے
ہم دام چھس ہم دلنے، زولانہٕ کرِتھ ژوٗلمے

چشمانِ او ترکانے، غارت گرِ ایمانے
عرفانک مے خانے، مستانہٕ کرِتھ ژوٗلمے

دستانہٕ کم دستانے، وٗنی آم نہٕ مستانے
ژانیوٗم در بوستانے، بستانہٕ کرِتھ ژوٗلمے

ماشوقہٕ آتش خانے، عاشق چھے نِشانے[1]
کوٗزانہٕ اَکی آنے، طوٗفانہٕ کرِتھ ژوٗلمے

رسوٗل چھے رِندانے بربے کسی خنٛدانے
تی کس بو وٗنتھ زانے یکسانہ[2] کرِتھ ژوٗلمے

---

[1] اَکِس نُسخس منٛز چھُ ع، معشوق آتش خانے۔ عاشق چھُ بے نِشانے

[2] : ابرِ رحمت تھا کہ تھی عشق کی بجلی یارب جل گیا مزرعِ ہستی تو اُگا دانۂ دل (اقبال)

# دِگرٕ دوہ گوم پراران ...

دِگرٕ دوہ گوم پراران خدایے ہا جِگر گوش یِیہِ نایے لو
شمہن فونوٗس ژٕٹنم جایے دَما پُوشپوٗر مارہ ہس پان
یارس یَتہِ تھاہ نارس لایے ہا جِگر گوش یِیہِ نایے لو
پَلے کَتہِ بوزس چھُم تھدِ پایے یِیہِ تا پایَن وٗندِ ہَس سَر
پنییہِ ناپایس کیاہ چھُم پایے ہا جِگر گوش یِیہِ نایے لو
کیاہ سَتاکمہِ سونہِ دوٗپنس دایے سَنہِ گوم سونہِ دوٗر یَینہِ دوٗر ثوم[1]
سَنہِ وُنہِ[2] سوزس ژٕدہ نرتے دلیے ہا جِگر گوش یِیہِ نایے لو
کھُٹی تھے عاشق وَن روزلیے ڈُٹی تھے دامن ژٕٹی تھے کوہ
ژٕٹی تھے پَردِ تم کھُٹی تھے ڈلیے ہا جِگر گوش یِیہِ نایے لو

---

[1] : سَنہِ گوم یَینہِ دوٗر گوم (نسخہ۔س)
[2] : وُنہِ وُنہِ سوزس ژٕدہ نرتے دایے ۔ (نسخہ۔س)

مجنوٗن، وامق بێیہ ناگی رایے　　لاگِتھ دراو دِل زاگِتھ نیوٗن
لاٗلِ تہٕ ہی مالِ بێیہ عذرایے　　ہا جِگر گوٗش یِیہِ نایے لو
وا جنس مدتہٕ جنس ملیے　　زا جنس عشقنہٕ نارے ستی
ہیے ہیے ہیہ تھر کرنس ضلیے　　ہا جِگر گوٗش یِیہِ نلیے لو
نوٗرچہٕ پچہٕ پیٹھ نوٗزک آیے　　ڈیکہٕ تے کاکُل شوٗبان چھی[1]
زنگی چینس رٹہٕ نے آیے　　ہا جِگر گوٗش یِیہِ نایے لو
زُلفن تل چھس کنہٕ بھلی رھایے　　رزہٕ نہٕ بھلی سوٗنبُل برجس منشر[2]
حوٗرِ چھے توشان تتھ دوٗر گرلیے　　ہا جِگر گوٗش یِیہِ نایے لو
از غمزہٕ ناز کیا غمزہ دایے　　وز رمزہٕ کم زور دِل ہاران
بادام چشمے جادوٗ ادایے　　ہا جِگر گوٗش یِیہِ نایے لو
موٗت میوٗن کوٗت گوم لوٗت پھیرِ تایے　　ہیمہِ ناسوے وتھ چھم تمنا!
سمہِ تاس ستی بتہِ کنہٕ شایے　　ہا جِگر گوٗش یِیہِ نایے لو
شمشاد قامتھ بالا بلایے　　اُلفتہٕ لویتھ زُلفک زال
روٗسل تتھ منشر چھ اکھ مبتلایے　　ہا جِگر گوٗش یِیہِ نلیے لو

---

[1] وانکہِ تل کاکُل شوٗبان چھسے۔ (ان۔س)　　[2] زن لولہٕ سوٗنبل برجس منشر۔ (ان۔ٹ)

# یہ کَس وَنہٕ باٗلِیے

باٗلِیے روٗٹھ سے یار

ہٕ کَس وَنہٕ باٗلِیے لولو

بَرہٕ گَرٕژھ گُل تہٕ سَرٕ گَرٕژھ بُلبُل جِگرَس چھُم خار لولو

ہٕ کَس وَنہٕ باٗلِیے لولو

وُچھوٗنی بادم ہَرٕدِنی کوسَم بُچھہِ وِنی چھس شُمار

ہٕ کَس وَنہٕ باٗلِیے لولو

ہٕیہ تھر ضایہ ہٕ گَرنَس ہے ہے ریٖہ نا گُلِ اناّر

ہٕ کَس وَنہٕ باٗلِیے لولو

مَدہَن گَرِ نَم زَدِ مٕتے بَدنَس وَدنَس چھُم نہٕ وار

ہٕ کَس وَنہٕ باٗلِیے لولو

عشقنہٕ زرٕ بۂ نا جنس زرٕ کوٗت اَکھ ذرٕ چھس نہٕ عار
بۂ کَس وَنہٕ بۆالِیے لولو

ہٕٹہٕ بۂ گرُنس لَٹہٕ اکہٕ ییہٕ نا ہٕٹہٕ کُے چھُم موخنہٕ ہار
بۂ کَس وَنہٕ بۆالِیے لولو

لاٗل تے مجنوٗن یوٗسف زُلیخا پانہٕ واٗنی آسی یار یار
بۂ کَس وَنہٕ بۆالِیے لولو

عاشق تہٕ ماشوق بانٔے نوٗن ذٕراو لاٗگتھ زیبا زِنگار
بۂ کَس وَنہٕ بۆالِیے لولو

رۄزِتھ رۆسٕل سوزس کَن تھاو بۄزِتھ وَن زار زار
بۂ کَس وَنہٕ بۆالِیے لولو

 

# کمُوشُرِی باشہ!

کمُوشُری باشہِ موکرواشہِ زُلفن پارِامشب
کَنڈہو گُل والہِ واشے لاُجتھس دِلدارِ امشب
نِگارا سَرو مہرا جان دہم از دادِ عشقت [1]
خُدا را پَردہٖ از رُخ دِلبرا بَردار امشب
بِاللہ منے نارِ تَن دُزیارِ تَن ہاو بہرِ للہ
واللہ ئہٖ مارکَن مَنشر روزِ دعوادارِ امشِپ
چھُہ پیٚومَت گُل روٗخس پیٚٹھہ بُلبُلِ دِل مارِ گومُت
چھُہ نیٚوان ژھعالہِ دِلوان نالہِ رلوان زار امشب
سوٗنہٕ چھُم پامہِ دِوان کامہِ دِلوو یارِ میانیٚو
سَنہٕ چھُم شامہِ سوٗندرکیاہ سَنا سَندارِ امشب

---

[1] نِگارا سرو مہرا جان دہم از دردِ عشقت ۔ (ن۔س)

وَنہٕ کس حالِ دِل ہٕ ژالہٕ کرٕ ییتھ سوٚنہٕ دوٚدِ رے
لَلہٕ وٚن بالہٕ چھُم منّے لولہٕ عشقٕن نارا مشب

ژٕ وولو خاصتنے طاس[1] وَلے توسہٕ وتھرے
یِہم نَے سوسنکی[2] پاٹھین رٚٹے مزار امشب

کٚشیدی قوسِ ابرٗو تیرِ مژگان بہرِ قتلم
نِشستی دَر کمین اے ترکِ کماندار اِمشب

گُلالکی پاٹھی ژٕوٚلم ہیے پانَس داغ عشقٕن
گُلالس وَنتہٕ مَسوٚل بال چھَس تیدار اِمشب

گیا دِن سیر بندرابن[3] کو مراقند گویا
آو تُم یار ساڑے نال کالیدار[4] اِمشب

چھُ آخر کاڈمرٕن وَنتہٕ لُتی بالہٕ یارَس
چھُموٚ مَس پیالہٕ نمو ژھالہٕ درگلزار اِمشب

---

[1] : اَکھ شاندار کیٚپرٕ ۔ ییٚمیٚک وَرَدن مہرِ نِین شُوان آسی ۔
[2] : سوسن پوش ۔ یُس مزار مثنٕن مہولان چھُ ۔
[3] : بندرابن ۔ کرِشن جینِ گِنٛدنٕچ جاے ۔
[4] : گزشتہٕ شُند اَکھ ناو ییٚمی کالہٕ ناگ مور ۔

# تھوٚنَم پَشہِ پَشہِ مے

وَدان ریوان یِنوَ مَرَس وَنیوم مَرہے اَشہِ مے
عشقہِ متوت یار میثون یِوان چھُمنہِ تھوٚنَم پَشہِ پَشہِ مے

اَسِس رِواں شمع زَرن ئہٕ دَماہ زالس پان
جُدا سہٕ رۄدُم گُداز کوٚرنم عشقہِ آتَشہِ مے

ژٕہنی پوشکی رَنگ آم نِشہِ نے ہِلوٗتمی ژندنَس کوٚنگ
ژٕ نوٚن بوزتو وَنان کیا گوٗ تِی کَرَزانٛہہ مَشہِ مے

مَس کھاٗسی دِتنَم تمٕی لولہٕ مَسہٕ کی گُرٕدَنم پَن رَسہٕ کی،
شراب چاوِتھ خراب کُرنَس سے نَشہِ کَرَنشہِ مے

ژٲلِتھ سہ داغ دِتھ پھۆلِتھ سہ لالہٕ وُلِتھ موہنہٕ زالہٕ
زٲلِتھ پتہٕ تہٕ گٲلِتھ روٗپہٕ تنَ زالِتھ گوٚ کشہٕ مے

ڈنجرُ بمہٕ نے شمشیرِ دارَن کَم شیر سر دارَن
خنجرَ نَستہٕ پھش کیاہ تیر اوس ڈیشِتھ گوٚ کھشہٕ مے

کَنَن دوٗرُس سَنن سینَس صیقل آینس
اَتھن مانزُس اَچھن سورمہٕ ڈیشِتھ گوٚ غشہٕ مے

مرن چھہ عاشق ماران چھہ ماشے داران چھہ دل آشے
ہاران چھہ خوٗن تہٕ تاران چھُہ مہہ تیر ہارنجہٕ کشہٕ مے

رٗوشُل زیبا لاگِتھ توشَن زاگِتھ دوٗر گوشَن
نِگار گاہے کرہم نگاہے بگوشہٕ چشمےؔ[۱]

---

۱: چھُہ اَکِس سنگلاخ زمینہٕ منٛز غزل۔ تہٕ اَتھ منٛز چھہ رٗوشُل میرن قافیہ تہٕ ردیفکی کینٛہہ آداب پھُٹرٲوی ہتی۔ مثلَن لیکھتہٕ کِس شارس منٛز۔

# ژٕ پَرتو یافتاح

بخشندٕ بخشا دِل بَنٛدو ژٕ پَرتو یافَتاح [ا]
عشقہ باژی موزان رِندو گفتا تے شری گنٛڈناو
عاشق مُرِتھ روزان زِندو ژٕ پَرتو یافَتاح
مَس دِتھ حِس مے نیوٗتھم فنٛدو مستوار گرتھس نخستہٕ بو
کُس وَنہٕ دِلبر آوتھس بَنٛدٕ بَنٛدو ژٕ پَرتو یافَتاح
دِلُک بُلبُل پراکندو [ج] یَنہٕ یارٕ ترٛوو تھ زُلفک زال
وَنیچ کوٚ ستور پیٹھے شرمندو [ا] ژٕ پَرتو یافَتاح
گوٚشنَ دور کیشاہ چھی رہبندو گوٚشنَ پیٹھ ہیتھی چھی اَچھ پوش

---

[ا]: کرٛو بندو یاد یافتاح۔ (ن۔س) [ب]: عاشق چھ مُرِتھ روزان اندو۔ (ن۔س)
[ج]: زالہٕ لوٚگ بلبل پراکندو...... (ن۔س)
[ا]: چینچ کوٚ ستور پیٹھے شرمندو۔ (نسخہٕ س)

صاحب ہوش فریبندو ژٕ پرتو یا فتاح

نمن چانین بورتھ وندو [1] تمن منز چھے شوبان خال

کمان ہتھ تیر لایان ہندو [2] ژٕ پرتو یا فتاح

لوہوری طوطو شکرخندو ملتائی ہارہٕ میلکھ نا

یکھ نے ییل لکھ کرم خندو ژٕ پرتو یا فتاح

خضر تہٕ بادام بریو چندو شیرین آلہٕ سپارٕی

کاشر نابدو [3]، مصر کہٕ قندو ژٕ پرتو یا فتاح

سورتھ بندر [4] کہٕ ہا باشندو دورٕ پرٕ چونے زرے نو

ژینے پتہٕ پرٕے سیلی تے جندو ژٕ پرتو یا فتاح

رسولہٕ سرتن خداوندو قضا عشقن رضا چون [5]

غزل خوانہٕ ہا گوینَدو

ژٕ پرتو یا فتاح

---

[1] ؛ "تمن چانین بورتھ وندو تمن منز چھے سیاہ خال"

[2] ؛ زلفِ دلبندش صبا را بند در گردن نہد باہوا داران رہرو حیلہٕ ہندو بہ بیں۔ (حافظ)

[3] ؛ شاہی نابدہ ....  [4] سورت بندر۔ گجرانک بندرگاہ۔ سورت،

[5] ؛ رضا عشقن قضا چون۔ (ن۔ ٹ)

# ژھکھ سون جِگر گوش

ژھکھ سون جِگر گوش جانانہٕ مَسأ روش
کیا چھےٚ ژٕ سےٚ حُسنک بوش شیخانہٕ مَسأ روش
چھےٚ چشم یا آہو باداّم یا جادو
مَس چھےٚ نیوتھم ہوش مستانہٕ مَسأ روش
سونہٕ دوٗر زُلفن مَنشر کیاہ حُسنہٕ باغس سَنشر
سونبُل تہٕ بنیہٕ اَچھِہ پوش ساماہنہٕ مَسأ روش
اَز زُلف سیاہ مار وِز کاکُلِ خمدار
گم مار چھی بردوش ترکانہٕ مَسأ روش
کیاہ مانز چھے زیبا ہےٚ ہےٚ کوٗرتھ برپا
صد خوٗنِ سیاہ دوش[1] شاہانہٕ مَسأ روش

---

[1] : سیاہ دوش : فردوسی سند شاہنامک اَکھ کردار۔ (دُوچھیو فرہنگ)

دَر پَردِ کھوٗتِتھ روٗے   بے دَردِ یہِ کیا خوٗے
خوٗش کرِدِتھ شَب پوٗش[۱]   تابانہٕ مَسٲ روٗش

مُتھ سےٚ یہِ کیا چھُم راہ   پٲی شَرطِ وَفا پچھا۔
گوٗے یاد فراموٗش   یارانہٕ مَسٲ روٗش

غَم تراو چھے فرصتھ   دَم زان غنیمتھ
ہاہیمہٕ ہَتھ یہِ دَر آغوٗش   ہَمخانہٕ مَسٲ روٗش

کمہِ وانہٕ موٗلہٕ ناوَتھ   بازار دَر خَلوَتھ
لَلہٕ ناوَہَتھ در گوٗش   دُردانہٕ مَسٲ روٗش،

روٗشِتھ کرِتو گَتھ   تس شمع روٗیس پَتھ
پِتی گوٚو عشقُن جوٗش
پَروانہٕ مَسٲ روٗش

---

۱ ؛ تھوٗد روزِتھ شہ پوٗش ۔ دنُسخہٕ۔س)

# چاوٕ مے جامہِ جمے

ساقیا لُبِ لُباب چاوٕ مے جامہِ جمے
تَشنہ لَب گَژھِ ساراب چاوٕ مے جامہِ جمے

بُتھِ پیٹھِ تھوٗد تُل تُلکھنا! وٕنیہ بہٕ کھمے
یا گوناہ یا چھُ ثواب چاوٕ مے جامہِ جمے

ژٕرے لوگُتھ وارِ قصاب بہٕ مورتھس ظاُلمے
زُلف چھِی پارہ گولاب چاوٕ مے جامہِ جمے

سُنبلن ژھایِہ گولاب شوٗبان رُخ چون چھُمے
گَٹے منٔز زن چھُ مہتاب چاوٕ مے جامہِ جمے

یا چھِ شمشیر ضراب یا کمان یا چھِ بُمے
یا ہلال یا چھُ مینحراب چاوٕ مے جامہِ جمے

غَنجر نستے زہر آب ، دُنیُتھ کوٚڈ ظالمے
جِگر ژوٚٹھتھم چھوٚ سُہراب چاوٕ مے جامِ جمے

ہوٚ نبے مَنشر چھُپے ترٚ تالاب آوِلنہِ دِل لوٚگمے
وَ بِنے آم گِرداب چاوٕ مے جامِ جمے

دُزن چھُپے سوزِ کباب، وُزن چھُپے زیرِ بمے
بِزن بَر سازِ مِضراب چاوٕ مے جامِ جمے

دِوان چھُکھ میٚشر زن آب دَپن چھُس دمہ دمے
لاینتی کُنت تُراب چاوٕ مے جامِ جمے

رٚوٚسلن تازِ کِتاب[1] یہ وُنی نے چانہِ غمے
آسہ کس تابِ جواب چاوٕ مے جامِ جمے

---

[1] : اَتھ چھہ تازِ کِتاب بَدلہ کینہہ نازِ کِتاب تہٕ کینہہ نازِ کتاب تہٕ پران۔
مِرزا غالبؔ سُند مصرعہ چھُ ع دیکھیں اس سہرے سے بڑھ کر کوئی لکھ دے سہرا

# کوٗنگی ہاوٕ تےٚ پان

ہےٚ مست شراب عاشق ٹنگی     کوٗنگی ہاوتےٚ پان
شراب چاوکھ کاسکھ دبنگی[1]     کوٗنگی ہاوتےٚ پان
پوشن چھہ گلن بلبل چھہ کلن     عاقل چھہ پریشان
گلن منز باگ شہمار شوٗنگی     کوٗنگی ہاوتےٚ پان
چھےٚ الف قامت برپا قیامت     شمشاد خرامان
زلفِ سیاہ چھپی مار ٹجنگی     کوٗنگی ہاوتےٚ پان
سے داغ لالن بر سینہ تھوومت     چھےٚ خال ترووٕمت جان
درباغ زامت زن شاہ زنگی     کوٗنگی ہاوتےٚ پان
شیرین زِ انار ڈیشتھ بیمار[2]     چھےٚ عاشقن ارمان
تم ذاتِ پاکس راتس منےٚ منگی     کوٗنگی ہاوتےٚ پان

---

[1] ؛ دُبنگی۔ مُستی۔ بے ہوشی۔ نشہ سیتی دہسرن۔
[2] ؛ دُو پستان چوں دو انارِ سیم نوخیز (سراپا شیرین۔ سکندر نامہ نظامی)

مےٚ ووٚنہٕ دوٗدم پراران وٕندٕے    پوٚگل تہٕ پرستان

بہٲری ژھانڈتھ یہار ڈٔنجی    کوٗنگی ہاوتےٚ پان

نوٗگام بوزم پیغام چوٗنےٚ    سوگام چھک آسان

بوٗزنی دِمےٚ ساگام بڑنگی    کوٗنگی ہاوتےٚ پان

بوٚ دیرناگے ہیمےٚ زاگےٚ    لاگےٚ موت غارزان

پوٚرے تہٕ چلینہٕ گنڈ کیا ڈرنجی    کوٗنگی ہاوتےٚ پان

مدوسن دٔر پرہٕ یارس ژھاران    از کردہ پشیمان

تتہٕ زار ونان ییتہٕ ہیرجنگی[1]

کوٗنگی ہاوتےٚ پان

---

[1] :- ہیر جنگی - جلال الدین رومین چھ مثنوی معنوی ہندس گوڈنکس دفترس منز اکھ قصہ بیان کورمت - اتھ چھ بیاکھ ناو - تتھ زار ونان ییتھ ہیر چنگی - چنگس ہیر ونہٕ نک انداز چھ حافظ تہٕ استعمال کران -

# عشقہٕ لوٚمبوٚر تنبلوونس

عشقہٕ لوٚمبوٚر تنبلوونس، مُشکہٕ ینبرزٕلی یے لو
خُشتہٕ[1] گامتی گُل چھہ ژھاران وُچھتہٕ بُلبُل گُلی یے لو

ناروٚن تہٕ عشقہٕ پیچان حُسنہٕ باغس رٕونبلی
سَروقد چوٚن اَلِف زَن سیوٚد زُلف سنبل ہٕلی یے لو

پان ہاوان مژراوان چھکھے ہا یاوَن مژی
شانتہٕ سنیاسی جوٚگی تیٚہ ریشی اتھہٕ موران ژلی یے لو

صاف دِل تہٕ نیک شیخ ژوٚر رٕودی غارَن وَنہٕ نے
چانہٕ پژھہ تِم دوٚر ژلی یے لاگی زالَن وٕلی یے لو

پردے ہتاو برقہٕ مژراو، مژراو دِل عاشقن
نوٗرِ رُخ ہاو دوٚر اُلراو پری تژاو چھوکُلی یے لو

کاژ زوٚن زَن گژھ منٛتر باگ روٗے ہاوان زُلفہٕ تلی
کاژھ کوٚر تھم کیاژے دارے ہاژ وَن ہاژرٕلی یے لو

---

[1] گُشتہٕ گامتی گُل ...... (نسخہ س) شانتہٕ سنیاسی؛ شانتی پراون والی سنیاسی،
یم مُکتی واتی متی آسن۔

ناِلی شوٗبی طاسہٕ وردَن بآز خوردِ ساٖلی یے،
واٖلی کَن چھی زاٖلی وانکہٕ ساٖلی وُٹنی تلی یے لو

اَندِ کیا یتھ گونٛدہٕ کَس تہٕ وونٛدِ زولونم سونٛدری
خَشدِ چانیک بَند شکر دٛند چھی قندہٕ پھٔلی یے لو

اَتھہٕ دِل گوم کتھہٕ بوٗزِتھ چانہٕ مُلتانی ہاٖری یے
پوٗشنوٗل چھی ہوشہٕ ڈٔلی متی طوطہٕ لوہوٗری گٔلی یے لو

یاٖری لاگو ماٖری مُنٛزی زار بوٗز تے ہمنزی یے
نیری مُنزی یے مالہٕ وَچھنے پھیروٚ ے تیل ژٔلی یے لو

سونہٕ لانٛکھے چانہٕ شانٛکھے گئے عاشق آرکاٖتی
[2] بجستہٕ مے پکھ اَستہٕ ولے ناو ژاو مُنشر ڈٔلی یے لو

[3] شالہٕ ماٖری لالہٕ روٗدے داغ دِل ہیتھ ژلی گیے
باغ نِشاطی چانہٕ وُشناٖتی گُل تہٕ سُنبُل پھٔلی یے لو

بوزکَن تھاو سوزِ چانے چھس تہٕ زوٗسل دِل کباب
کینہٕ کیا چھے سینہٕ زولتھم عشقہٕ نے منقلی یے لو

---

صا : گونٛدُن۔ نصیحت کَرٕنۍ۔ وَعظ بَرُن۔ فہمائِش کَرٕنۍ۔ ع
کَس تہٕ گونٛدم کُس تہٕ ژھونٛڈم ژٔمبرِ ہاوٕکلہٕ گونٛدم سیہو۔ (صمد میر)
[2] : اَستہٕ آبس بجستہٕ مے پکھ ناو ژاو مُنشر ڈٔلی یے۔ [3] : شالہٕ ماٖرے لالہٕ رٕولیو داغِ دِل ہیتھ ژلگئے (ن۔ س)

# دِلا رام نِگارو

دِلبَندٕ دِل آزارٕ دِلا رام نِگارو
گُل خَندٕ گُل رو خسارٕ گُل اَندام نِگارو
قَد چون اَلِف لام زُلف میم دَہَن چھُے
پوٗز عقلہٕ سَبق شَکلہٕ اَلِف لام نِگارو[1]
شَمشاد قامَتھ گُلبدَن لَب غونچہ سُنبُل موے
بنگالی جادوٗ چشمہٕ چھَے بادام نِگارو
وُچھ آفتابَن چون زَندان موکھ تہٕ ڈوٗلُس رَنگ
گَجِ کاژٕ[2] توے زوٗن چھُس سرسام نِگارو
سوٗنبُل چھُھ تژاوِتھ کاڑ لالن بَر جِگَر سے داغ
چھُے دامِ کاکُل خالِ سِیاہ دام نِگارو

1: نیست بَر لوحِ دِلَم جُز الفِ قامتِ یار (خواجہ حافظ)، 2: گَجِ کاژہ

خط کُڈِتھ از خط گیہِ سہ در خط پیٖیہِ سہٕ زُلفن منٛشر
از شام نیرِتھ تام وۄتھ سۆ شام لِگارو

در جنٛگ کران کارِ خنجر دستِ رنٛگین چانٛی
ہَم پنجہ دَستان چھےٚ ہۆر رستم وسام لِگارو

یَس کارِ تھۆر آسہ شمع روے آتش خوے
یوٚد مارِ تَس پروانہ از بہرام لِگارو

چیٚتھ گو کتھ پانَس پوٚختہ کوٚرتھم یاد فراموش
کُس نوکتہٕ وَنے بالِہ دِتِتھم جام لِگارو

زِیُوٚم نہٕ تر وُلِم یار آرُد موٗت سہ پاروزن
آرام نیٚوتھم زانہہ نہٕ گو ہم رام لِگارو

گُل زَن تہٕ ترٛے شفٔے جامہٕ ترٛاٹِتھ نیرِ بہٕ بازار
بدنامی عاشق چھس ترٛے پتھ بدنام لِگارو

چھُم جان، و قاصد پانہٕ پرٛزرِ نیرِ بہ حالِ دلِ آزار
نے خامہِ زلفن نامہِ نے پیغام لِگارو

سیتایہ گیتھ کری لولہ نارس بالہ یارس یتھ
کم گیت ونی ونی رام کور تمہ رام لگارو

دَر دورِ حسنت چشمہ وچھتھ کاسہ گدا چانی
خورشید تے جمشید ہیتھ چھی جام لگارو

دِتھ ژھالہ ژولہم قولہ ڈولہم دولہ وچھتم نو
لول آم وونْدس ہول کرزانہہ دام لگارو

رُوس چھ زانتھ دین و مذہب روخ تہ زُلف چانی
کو زانہ کیش گو کفر تے اسلام لگارو[1]

[1] : میر کے دین و مذہب کو تم پوچھتے کیا ہو اُن نے تو
قشقہ کھینچا، دیر میں بیٹھا، کب کا ترک اسلام کیا (میر تقی میر)

# ظالمِ عجب ستمگر

گلبر عجب چہ دلبر
ظالمِ عجب ستمگر

پیش قدش چہ شمشاد    شرمندہ بندِ آزاد
سروِ سہی صنوبر
ظالمِ عجب ستمگر

یا روئے زلفِ سنبل    یا گل بہ چنگِ بلبل
قرآں بدستِ کافر
ظالمِ عجب ستمگر

رندانہ خالِ ہندوش    دنبالِ چشمِ آہوش
ترکانہ تیغ برسر
ظالمِ عجب ستمگر

ہاوان چھُہ زُلف تَے خال ترٛاوان چھُہ اُلفتک نال

بِلہٕ وان چھُہ مُشکِ اَذفر

ظالِم عجَب سِتَمگر

اُلراونے چھُہ دوٗرَن بُلہٕ رونے چھُہ حوٗرن

دِلخواہِ ہفت کِشور

ظالِم عجَب سِتَمگر

اَسہٕ وَن ہَران چھِہ کوٗسم وہسرآونے دِوان بزم

قَنٛد و نبات وشَکَر

ظالِم عجَب سِتَمگر

کشیاہ جامہ لال زِلکایا بنگال سے مَنگایا!

بر صاف چھال سَر پر

ظالِم عجَب سِتَمگر

کردی رسوَل بِسمِل غمازل نِشستہ تا تِ

از دادِ روزِ محشر!

ظالِم عجَب سِتَمگر

# از آم دِلبر الحمدُللہ

از آم دِلبر الحمدُللہ!
ووتھ شہ دربر الحمدُللہ!
مَنشر باگ سینس زن آئینس ہیوتھ شہ جوہر الحمدُللہ
از آم دِلبر الحمدُللہ
مَ...ئے مولے نورِ تجلے اللہ اکبر الحمدُللہ
از آم دِلبر الحمدُللہ!
ییٹھ قدس تی شوبہ سوٗرگس طوٗبےٰ تہ کوثر الحمدُللہ
از آم دِلبر الحمدُللہ!
چھِس سمن موٗے یاسمن بوئے مُشکِ اَذفر الحمدُللہ
از آم دِلبر الحمدُللہ!

کیاہ خال ترٛوو دٔرتوبہ آمُت        ہندوے کافر الحمدُ للہ

اَز آم دِلبر الحمدُ للہ

دٔلیشہِ سو قامتھ پوٚاز ندامت        دٔرگلِ صنوبر الحمدُ للہ!

اَز آم دِلبر الحمدُ للہ!

یَس رمز فورمان تَس مُلک قوربان        چھی زُلف اَفسر الحمدُ للہ!

اَز آم دِلبر الحمدُ للہ!

لجیے بہ شاہس تَس کجِ کُلاہس        یَس غمز لشکر الحمدُ للہ!

اَز آم دِلبر الحمدُ للہ!

دِچھتن سہ قاتِل کرنس بہ بسمل        تَس آوے سر الحمدُ للہ!

از آم دِلبر الحمدُ للہ!

تَس سر وارس سَر کوہ دارس        یوٚد مارِ خنجر الحمدُ للہ!

اَز آم دِلبر الحمدُ للہ!

(ق)
کھوٚت بر افلاک چھس تاج لولاک        سُے سون سرور الحمدُ للہ!

از آم دِلبر الحمدُ للہ!

چھِے وصفِ یٰسین تعریف طاسین        حامیم زاور الحمدُ للہ!

اَز آم دِلبَر اَلحمدُ للّٰہ

وُچھتَن سُہ پُرنوٗر چھِس چشمِ مخموٗر    ہَم چشمِ خاوَر اَلحمدُ للّٰہ!

اَز آم دِلبَر اَلحمدُ للّٰہ!

معنی چھُ پلنے صوٗرت بہانے    ڈیشتھ چھُ باوَر اَلحمدُ لِلّٰہ!

اَز آم دِلبَر اَلحمدُ لِلّٰہ!

اوُسم مۂ دردِل ڈیشُن چھُ مشکِل    اَز ڈرام سُے شَر اَلحمدُ للّٰہ

اَز آم دِلبَر اَلحمدُ لِلّٰہ!

رُوٗسَل عاشق تَس بیٹھ بِلا شک    نامی سوخنوَر اَلحمدُ لِلّٰہ!

اَز آم دِلبَر اَلحمدُ للّٰہ!

دوتُم سُہ دَربَر اَلحمدُ لِلّٰہ!

# جانانہ خوش رو سُبحان اللہ

جانانہ خوش رو سُبحان اللہ
دِلدار دِلجو سُبحان اللہ
آں چشمِ بادام، ڈیشھِ یادآم آں رَم آہو سُبحان اللہ
جانانہ خوش رو سبحان اللہ
دِلدار دِلجو سُبحان اللہ
اَز غمزِ ہاروت وَز رمزِ ماروت بگاکی جادو سُبحان اللہ
جانانہ خوش رو سبحان اللہ
دلدار دِلجو سُبحان اللہ
دَر تارِ کاکل گوَ تار سنبل شہمارِ بدخو سُبحان اللہ
جانانہ خوش رو سُبحان اللہ
دلدار دِلجو سُبحان اللہ

---

لہ : یادمِ آہو سبحان اللہ۔

کرشوٚ یہٕ کعبس کافر مُجاوِر ‎ ‎ ‎ وُچھ خال ہندوٗ سبحان اللہ

جانانہٕ خوش روٗ سبحان اللہ!

دِلدار ‎ ‎ ‎ دِلجوٗ سبحان اللہ

تِم خوٗن ہاران کم شیر ماران ‎ ‎ ‎ شمشیرِ ابروٗ سبحان اللہ

جانانہٕ خوش روٗ سبحان اللہ

دلدار ‎ ‎ ‎ دِلجوٗ سبحان اللہ

وُٹھ بُرگِ لالہٕ دَند موختہٕ مالہٕ ‎ ‎ ‎ دُر لعلِ لولوٗ سبحان اللہ

جانانہٕ خوش روٗ سبحان اللہ

دِلدار ‎ ‎ ‎ دِلجوٗ سبحان اللہ

دٲلشتھِ سہ دِلبند گَے عاقل بند ‎ ‎ ‎ دَر بند گیسوٗ سبحان اللہ

جانانہٕ خوش روٗ سبحان اللہ

دِلدار ‎ ‎ ‎ دِلجوٗ سبحان اللہ

رُوسُل مشتاق مشہورِ آفاق ‎ ‎ ‎ ناٲدِر سوخن گوٗ سبحان اللہ

جانانہٕ خوش روٗ سبحان اللہ

دِلدار ‎ ‎ ‎ دِلجوٗ سبحان اللہ

# جانانہٕ وَنٛدِیو سَر

مَہرویہٕ مہربانہٕ  جانانہٕ وَنٛدِیو سَر
ماشوقہٕ ہا جانانہٕ  جانانہٕ وَنٛدِیو سَر
گُل روے قَد صنوبَر  لَب غوٗنچہ تے سمَن بَر
لیمو زٕہ[۲] پستانہٕ  جانانہٕ وَنٛدِیو سَر
دِل میوٗن چوٗن کوکُل  یا لالہِ شاخ سوٗنبُل
زٕنجیر تے دیوانہٕ  جانانہٕ وَنٛدِیو سَر
چشمِ دُو تُرکِ سَرمَست  خنجر اُرٹھ در دَست
اُمت تُرکِستانہٕ  جانانہٕ وَنٛدِیو سَر
مژٕ تیر کمَن لایکھ  ہا رٕنجہ بمَن لایَق[۱]
دِل میوٗن چھےٚ قوربانہٕ  جانانہٕ وَنٛدِیو سَر
گوٗل شَکل وُچھتھ کاکُل  زُلفَن بفَضلِ سوٗنبُل

---

[۱]: باسان، چھُ یہِ لفظ چھُنہٕ رسوٗل میرَن تہٕ پتہٕ چھُ یہ غلط نقل سَپدمُت۔

گیہِ عقل پریشانہٕ        جانانہٕ وَنڈیو سَر
چھےٚ خال تیٚتھے شوٗبان        زَن ماہِ نخشَب زان
دَر چاہ زنخدانہٕ        جانانہٕ وَنڈیو سَر
کیٚتھہٕ ژالہٕ لولہٕ چھوکھ چانٛی        لعلِ یَمن روٗخ چانٛی
وَنڈ موٗختہٕ وُٹھ مرجانہٕ        جانانہٕ وَنڈیو سَر
ہاوِتھ ژٕنے زُلف تہٕ خال        ترأوِتھ ژٕ ےاُلفتکی زال
دِل نیٚوتھ بسامانہٕ        جانانہٕ وَنڈیو سَر
ڈیٚشِتھ دوٚ چشمِ آہوٗ        اَدچھانِ نِگاہِ جادوٗ
نیٚو سامَرَن اَرمانہٕ        جانانہٕ وَنڈیو سَر
موے چَھتھ رُوسُل مخموٗر        نَے رود حُسنِ مستوٗر

مَشہوٗر گوٚ اَفسانہٕ
جانانہٕ وَنڈیو سَر!

# وَنتہٕ کُتیٚ تَس مِیانۍ زار

ژٕوُرِ دِل ہےَ نیوٗم مارِ مُتیٚ
وَنتہٕ کُتیٚ تَس مِیانۍ زار

بالہٕ یارَس نِتہٕ نالہٕ مُتیٚ          شالہٕ مارَے ہیٚچھِ گُلزار
روشہٕ چھاوُنا پوشہٕ پھوٗتیٚ
وَنتہٕ کُتیٚ تَس مِیانۍ زار

سُنہٕ سینَس عشقہٕ نیٚژ پیٚتیٚ          ریزِ گرِ نَم آسَس نے عار
شانہٕ پڑا اٹھ چھِم دڑامتیٚ
وَنتہٕ کُتیٚ تَس مِیانۍ زار

سونہٕ پوشَن پتہ وَن کارِ یُتیٚ          کَنہٕ دوُر تےٚ زُلفِ شہمار
پانہٕ مارِ س عاشق کھُتیٚ [1]
وَنتہٕ کُتیٚ تَس مِیانۍ زار

---

[1] ، ژٕوُر زَن پانہٕ مارِس کھُتیے ..... (ن۔ ٹ)

لولہٕ جِگرس چھم نارٕ تُتیٚ یے — بَزم دِتھ نیۆم کَمہِ سعہ نہٕ یار

کَتہِ رۆدُم پان مارٕ تُتیٚ یے!

وَنتہٕ کُتیٚ یے تَس میانٕ زار

کامہِ کس جامہٕ پاٗرتھ چھُتیٚ یے — شیٖرِ لاگتھ گُل اَنار

ویرِ تَسٕنہٕ سے نیرٕ مُتیٚ مُتیٚ یے!

وَنتہٕ کُتیٚ یے تَس میانٕ زار

راتھ واٗرِم سۆندرے یتیٚ یے — گرٕ ھو بیدار ہاو دیدار

پھِنٕدِ راٗونس نیٚندرے ہُتیٚ یے

وَنتہٕ کُتیٚ یے تَس میانٕ زار

تَندٕ پھٕلی وَٹھ لعلہٕ کھوتہٕ رَتیٚ یے — وَندٕ پھِلی چھس موختے ہار

لۆب آسے خوبصورتیٚ یے

وَنتہٕ کُتیٚ یے تَس میانٕ زار

ہوشہِ ڈٕلی مَتی پوشے مُتیٚ یے — روشہِ اُلران چھُم گوشوار [1]

جوشہِ رۆسَل زولنس سُتیٚ یے — وَنتہٕ کُتیٚ یے تَس میانٕ زار

---

[1] : روشہِ اُلراں کیاہ چھُہ گوشوار۔

# رۄدُم کتھ سنہٕ شایے

گرِ ذرٲیس مایہِ تٔھنرے　　　رۄدُم کتھ سنہٕ شایے

جسایہِ جایے وُنٕی بہٕ دِمہٕ سے

تھزرِ گرٲیے　　گوم!

لولہٕ مُتی سے لولہٕ کرسے　　کرسے لولہٕ متہٕ لایے

کیتھہِ زٲجنس آمہٕ تاوے

وُزِناوِتھ　　　گوم!

پان آوس ییلہِ ڈیشَن　　کرس لولہٕ متہٕ لایے

جسایہِ جایے وُنٕی بہٕ دِمہٕ سے

تھزرِ گرٲیے　　گوم!

کُتہٕ ڈیشن　نالہِ رٹَن　　کینہہٕ تہٕ کرسے نہٕ وایے

مایہِ وُجنس کزایہِ تجنس

ژھایہِ ہوٗل ہوٗل گوم!

شیر خوار بہٕ گیپر کوٚرنَس        لاَ جَنَم شیر ماییے[1]

جایہِ جایے وُنی بہٕ دِمہٕ سَے

تھَنہِ گژایے گوم!

سَرو قدتَس یارٕ سُندُے        دُچھمہٕ اُلفچہِ تژایے

جِسم زُلف میم دَہان

سیم تَن کوٚتو گوم

لعلِ لَب، دَند موختہٕ چشمہٕ        نَرگسِ شہلایے[2]

جایہ جایے وُنی بہٕ دِمہٕ سَے

تھَنہِ گژایے گوم!

نَستہٕ غنچہ بُمہٕ وَنجَر        مژٕ تیر بالایے

سینہٕ صاف آینہٕ کھوتہٕ

کینہٕ اُژتھ گوم!

چشمِ بَد تَس دوٗر کَرتَن        ہُرِ تنَس میون آیے

---

۱ : باقی منتر چھ کینہہ تتھی لفظہٕ یم نہٕ وٕژہ وُنی چھ۔ مگر قلمی نُسخن منتر یہٕ باقی نہٕ آسنہٕ کِنی چھ مجبوٗری تہٕ چھاپ گمتین پیٹھے گذارہٕ کَرُن۔

۲ : نَرگسِ شہلا۔ سوٗ ئیشبرزل یَس دیو مالایہ کِنی اُچھ آسَن۔

جایہِ جلیے وُنی بہ دِمہ سَے
تھَزِ گرٛایے گوم!

کُمہِ سناسونہِ میلنے دِتیتھمت تس ولیے
گوم نیرِتھ بُمہ چیرِتھ
کور سے گنٛڈٕ گوم!

پھیرنے لوٚت وَنتہِ وییسی کیٚشا چھُ میوٗنے پایے
جایہِ جایے وُنی بہ دِمہ سَے
تھَزِ گرٛایے گوم!

چھُم تمنا متے بالہِ تھٔنڈرے بنٛییہِ یور ریمہِ نایے
جایہِ جایے وُنی بہ دِمہ سَے
تھَزِ گرٛایے گوم

کُمہِ نیامُتر کھشیاوِ ناوَان ؟ چھاوِ ناوَن چایے [1]
جایہِ جایے وُنی بہ دِمہ سَے
تھَزِ گرٛایے گوم

لولہِ اٰزر شُلہِ ناوَن گرٛس لولہِ مَتہِ لایے

---

[1] باسان چھُ چلیے آسہِ ہیے تِمس دودٕ ...

زوٕلہٕ پاوُس للہٕ ناوَن
موٕلہٕ وٲلِتھ گوم!
نٔرِ آلوٗس گٔرِ گٔرِ بو کٔرس لولہٕ مَتہٕ لا یے
جایہٕ جلیے وُنی بہٕ دِمہٕ سَے
تھَزِ گژایے گوم

زُلفو تُلی کِنی کَنہٕ دوٗرَن کیٛشا چھُھ ماران گژایے
کژرِ بُلہٕ[ا] زَن گَٹہٕ زوتان
گَٹہٕ نیپرِتھ گوم
نَتہٕ تارکھ اوٗبرس تَل روٗدمتی چھی ژھایے
جایہٕ جایے وُنی بہٕ دِمہٕ سَے
تھَزِ گژایے گوم

زَرِ زاجنَس زَرِ کوٗتاہ ذَرِنے چھَس مایے
بَرِ اژِنا بَرِ مارس
بَرِ گُرِتھ گوم!

---

ا : ستھ نارکھ - ثریا - کاشرِ چھِ یمن ستھ کورِ کرژھہ کوٗرِ تہٕ ونان -

تھر تھر چھم شنر تھندے    سہ چھُ سبے پرولیے
جایہِ جایے ڈُنی بہٗ دِمہٕ سَے
تھَزِ گرٛایے گوم!

عشقہِ مُتی سے اَشہِ ولنے    چھَلہٕ سَے بہٗ پایے
دَشہِ گنٛجہِ مَس آستانَن
پَشرِ ناوِتھ گوم!

کَشہِ دیرے نار گوٗنڈنَم    یارہٕ سنٛزے مایے
جایہِ جایے ڈُنی بہٗ دِمہٕ سَے
تھَزِ گرٛایے گوم

نوٗن نیرِتھ وٗون بہٗ دِمہٕ سَے    کُنہِ میلیم نایے
سُنی زٕوٗرن چھوٗنی بہٗ کٕرکَس
وٗنہِ راوِتھ گوم!

منٛہِ[1] وَندہٕ سَے دوٗن پادن    کُنہِ ڈیشن نایے
جایہِ جایے ڈُنی بہٗ دِمہٕ سَے
تھَزِ گرٛایے گوم

---

[1] : منٛہِ - منٛہِ تیلی - اَچھِن ہندِ لال

سَنہٕ کوٚدٕنَم یَنہٕ نیرِتھ گوم پَرزَن مایے!

رِیٚہہ مٮ۪ے گُنڈٕنَم لولہٕ نارَے

یَنہٕ پاٚوِتھ گوم!

ہیٚہہ مٮ۪ے کوٚزنَم سٔریٚہہ نَے چھَس میوٗن اَکھ سِر سایے

جایہٕ جایے ڈُنٛی بہٕ دِمہٕ سَے

تھَزِ گرٛایے گوم!

ڈٕنگ دِتھ مے ژوٚلمہٕ پاتال یار ناگی رایے

ہیرِ مالے خوٗدٕ سلے

داغ تھاوِتھ گوم

زاگ ہیٚمہٕ سَے ناگہٕ بل بو یور پھیرہٕ ہم نایے

جایہٕ جایے ڈُنٛی بہٕ دِمہٕ سَے

تھَزِ گرٛایے گوم

# مَسالاے تیرِ مژگانے

مَسالاے تیرِ مژگانے تہٕ لولو
خَشمہٕ ہتہٕ چشمِ مَستانے تہٕ لولو

بُری بُری تھَوسے بہٕ شراب شیشن
چشمہٕ زٕ ہِتھ بوٚ پیمانے تہٕ لولو![1]

لٕجہ پھلَے پوشن بُلبُل چھہٕ توشن
چھاوان باغ وُبستانے تہٕ لولو

پانَے چھُہ یوٗسفؔ پانے زُلیخا
پانَے چھُہ شمع پروانے تہٕ لولو

---

[1] : شیشۂ چشم میں خوابِ جگر لے کے چلو (فیض)

(ق)

ذاتس تا شوق سالہ نیوٗن معشوق[1]

وٗنہٕ وان، حوٗرِ غِلمـــلـــنے تہٕ لولو!

ژھوٗنجہِ اکہِ یِکھنا درشُــن دِکھنا

عرشُک چُھکھ وعظ خلنے تہٕ لولو!

ہاوتم ژہٕ دیدار بلہٕ ہا بیمـــار،

رٹہٕ ہا چھوٗن دمـــانے تہٕ لولو!

روٗشِل میٖر یارس در پردٕ ژھاران

ہاران، خوٗنہِ بارـــنے تہٕ لولو!

---

ا : واقعہ معراجس کُن اِشارہ ۔

# لالہٕ رویس پیالہٕ گٔمی ٹٔری یے لو

لالہٕ رویس پیالہٕ گٔمی ٹٔری یے لو
کالہٕ مویس شانہٕ گٔمی گٔری یے لو
دۄرِ دۄرے نۄرن چھانٔی ترٛود گاہ
یۄری یِھنا سوٚرنچ پٔری یے لو !
ہۄنہٕ نچہٕ پَنجرس مَنشرِ چھُے جانا وار
اَتھہٕ وہسرِ نوم کَتھہٕ تَشگٔری یے لو
رۄہ پہٕ تائِن کوٚستوٚری مائِن میون
خالہٕ زُلفہٕ کہٕ گامٕ والہٕ ٹٔری یے لو
دۄرِ رسول میر یارس چھُے وَزان زار
میرٕ ماوان آسان گٔری یے لو

# مینچھرابہٕ تُمن ہالگیوٗ

یارٕ روٗے ہاو بُرقہٕ تلی مینچھرابہٕ تُمن لگیوٗ
قد نارٕ چھہٕ اَمہِ پوٗت ژھلیے خود مَسول وٕعنبر مایے
زُلفِ نازن مو مار گرٕاپے رٕمہٕ رٕمن رٕمن لگیوٗ
روٗے آینیٖنہٕ خوٗے برگِ گولاب ڈیشہٕ وٕنہٕ نین لیوان کرتاب!
کینہہ چھہٕ بہ حال کینہہ گمتی خراب مَس چھُہ کھمن کھمن لگیوٗ
اَلف بینی چھے روٗ پہٕ شمشیر خستہٕ گاہتی کمہٕ کم شیر
جانِ جانو گئے ژٕٹ نیتھ پھیرٕ ہا زاہدو رٕمن لگیوٗ!
پان وُٹھ چیاونی ماشوقہٕ شوبان جان دِل میون تھیہ لوبان
ژھاے تَمہِ چی گامٕتر محبوبَن رنیٖز لو تمن لگیوٗ
ہیہ وُچھس روٗ پہٕ سندی قُبے معرفت زَن وٗتھمتے نبے
روٗے ہاونتہٕ دِل پھیرکھ دُبے چاوٗ دوہ دِ معصومَن لگیوٗ
دِنتہٕ رٕدسلیس کتہِ مشے ہرنہٕ چھس برنہٕ آہتی اَشے
اَتھہ تراوتم ہا سر کشے دٕزسہٕ مولایے تُمن لگیوٗ۔

# موکر وعدٕ خلافی

مےٚ ہا گوٚو چوٗن محبت زیادٕ — مو کَر وعدٕ خلافی
گوٚلاب روےٚ قدٕ شمشادٕ — مو کَر وعدٕ خلافی
زِٹھِ عاشقہٕ فرہادٕ — شیرین باز تھیےٚ آیی
دَر راہ گےٚ افتادٕ — مو کَر وعدٕ خلافی
پرٛنی مےٚ ترٲوی اورادٕ — حُسنہٕ چھ موکھٕ دَرگاہی
عشقن کوٚر عقل بَربادٕ — مو کَر وعدٕ خلافی
کٔمس بہٕ وَنہٕ روٗدادٕ — بنہٕ نَس نو چھنےٚ گوٲہی
پانس وچھ پننی بنیادٕ — مو کَر وعدٕ خلافی
شَرعس نش کَرٕنیم واد — مو رَند سعےٚ چھنےٚ تباہی
مُرتھ زِندٕ گےٚ افتادٕ — مو کَر وعدٕ خلافی
زوٗنس میر روز دِلشادٕ — نفع ژٕ نےٚ چھےٚ صفایی!
وفادار گےٚ آبادٕ — مو کَر وعدٕ خلافی

# جانانہٕ یِتاگمو

کٲرتھس بہٕ دیوانو جانانہٕ یِتاگمو
سروے خرامانو تس یارس کیاہ شوبان
لاگِتھ چھُہ سامانو جانانہٕ یِتاگمو
ہونجہٕ تس چھُہ نِشانو ڈٲنجہ دِل چھُنا روزان
کیاہ لوٗٹہٕ نِوانو جانانہٕ یِتاگمو
در باغِ بُستانو آسان معشوق میون
چھاوان گُلِستانو جانانہٕ یِتاگمو
سوداگارہٕ میانہٕ پانو در بازار کیاہ شوبان
لاگِتھ چھُہ دُوکانو جانانہٕ یِتاگمو
سودا چھُہ کٔمنانو ہێنہٕ عاشق چھی واتان
پوٗرٕ چھس سامانو جانانہٕ یِتاگمو
عشقُن یہ افسانو ووَن نے رسول میرن
لا[ع۱] لا چھُہ لامکانو جانانہٕ یِتاگمو ؟

---

ع۱ : یہ چھُ بٲنی صوٗرت چھُنہٕ صحی باسان

# شانہٕ کُرِتھ زُلفِ خَمَن آمے

جانانہٕ گٔتی یے شانہٕ کُرِتھ زُلفِ خَمَن آمے
دیوانہٕ دِلس کٔیت سٕہ ہیتھ زٔنجیر بَمَن آمے[1]

تَنہا چھُنہٕ دَر زُلف، گرِفتار میٚونُے دِل
دَر حَلقہٕ یوٚہے سِلسِلہٕ دوٚن عالمَن آمے

ہَر گُل سَپُن افروختہٕ اَز پَرتوِ حُسنَش
دِلدار یامتھ جَلوٕ کران دَر چمَن آمے

چھُس کَعبہٕ حُسنُک روٗے ابروٗ طاق چھِہ بر طاق
دَر راہِ عشق سَجدٕ روا دوٚن بُمَن آمے

[1]: دِل دیوانہٕ زنجیر نمی آید باز حلقہ از خم آں طرۂ طراز بیا (حافظ)

دَرِ پَردِ وَزان سوز عشقُن روز دما بوز

اَز چنگِ دِلارام صَدا زیر وبُمَن آسے

اَز دیدہارہم جویہ اَشہِ نے اَز غم دِلدار

مے سورے نِشان وُچھتہ یمَن بادمَن آسے

اَز ناوکِ مژگان مَتین یارٕ کوٗرن دِل

سے خوٗن مُلتھ نا نٕزِ بدل دوٗن نَمَن آسے

مے لختِ جِگر کرِایہ توٗلُم مایہ تہ ئنٕرے

چھس اِنتظار ژٕ سالہ سہ موٗرت وَنتہ کَمَن آسے

گُل رویہ دَرِتھ ہتھ نالہِ ژٕلہِ ہیم دِلو دِلس داغ

زوٗسلہِ تیٔے زوٗس خار مے بَر فرش نَمن آسے

# دِل ہے نیوٗنم ژوٗرِ لولو

دِل مے نیوٗنم ژوٗرِ لولو دِل ہے نیوٗنم ژوٗرِ لولو

دوٗرِ[1] سوٗدرٕ گچھِہ حوٗرِ لولو دِل ہے نیوٗنم ژوٗرِ لولو

بَشگہِ چاوُنس بوٗ یٚنبرزل کاوِ ژنگی بوٚمیوٚرِ لولو

ژنگہِ رِوٗنس ناوِ سے تنَ کوٗنگہِ تے کوٚستوٗرِ لولو

خفہِ کوٚرنم بال بالے کھور ساتھا موٗرِ لولو

زوٗلہِ چھم نہٕ للہٕ وٗن چھُم نار ژلہٕ وٗن موٗرِ لولو

وۄندِ دوٚدمُت ہاوِ سے بو کیتھہِ نوٚدمُت لوٗرِ لولو

لاٗنی لاجنس لوٗکہِ پامن وُچھتہِ ڈیکہِ نے پوٗرِ لولو

شُری پان میوٗن یاوَن رلے بنیہِ یِیہِ نا یوٗرِ لولو

مانزِ نمہِ نے وَندِ سے بو ہٕٹہِ کُے رکھ لوٗرِ لولو

سَرو قامتھ کامہِ دِو میوٗن جامہِ چھس کافوٗرِ لولو

شُرِ پانے گوٗر کرسے اوٗرِ مَنٛز ہتھ موٗرِ لولو

زار ؤران چھے رسول میٖر دوٗرِ شاہ آباد دوٗرِ لولو



[1] : امہِ سوٗدرٕ گچھِہ حوٗرہ لولو۔

# بہٕ بأٔلی زول نسَے

خطیبس خط چھُ نأٔلی — بہٕ بأٔلی زول نسَے
منٛے کوٚرنم دِل وُبأٔلی — بہٕ بأٔلی زول نسَے
ڈٲکس پیٹھ نوٚر ڈیوٗٹھم — دِلس تسکین بٔیوٗٹھم
شہ یوٗسفس ہیٚوہ ماچھُم — زُلیخا چھس وُبأٔلی
زٔری چھس تاج برسَر — ڈٲکس پیٹھ ٹِکہٕ مِنبَر
منٛے پوٚر اللّٰہ اکبَر — بہٕ شوقِ ذوالجلأٔلی
بہٕ عشقٕنہٕ پادشأہی — کران حُسنس گدأٔیی
پرٛان شوقِ خُدأٔیی — مران درخورٕد سأٔلی
بہٕ قد چوٗن زن تہٕ شمشاد — نتہٕ ما سروِ آزاد
کران سروٕن چھُ آباد — نتےٚ سنیاس وُبأٔلی
دُٚ گیسو چھس آویزان — نتےٚ ما عشقہٕ ہیچان
کرَن مویس چھُ زدلان — زُلف زنجیر نأٔلی
سَنکھ یوٚد معنین منٛنر — زُلف تہٕ خال چھس سَنٛنر
رسول میرس اَمٔیک ٹٔنٛنر — وُنان دِلکی خیأٔلی

# وٕلَے کوٚستوٗرِیے

چون پَکہٕ نُے پَرزٕنووٕ مَے دۄرِ دِیے
وٕ لَے کوٚستوٗرِیے پیٚرِ مَے تژاونیرِیے
ژٕمٕن وُڈرے ہکہٕ سان چھکھ کھسان
ٹکہٕ دار قصابَس گرایہٕ چھکھے ماران
کوٗنسِل مَستس موٗختہٕ شوٗبِیے جوٗرِیے[1]
وٕ لَے کوٚستوٗرِیے پیٚرِ مَے تژاونیرِیے
ناوِ نَمَس پیٹھ ہَم تہٕ کھوٗر چھکھ وایان
یِمہٕ نے عاشقَن تیرِ مژگان لایان
ہَم گوم آبَس نَم رٕٹھ تَے یوٗرِیے
وٕ لَے کوٚستوٗرِیے پیٚرِ مَے تژاونیرِیے
سُلہِ وُتھی تَھے ژٕ پٔری دزایہ کھٔے کا تھٔس
بَدنام کوٗر تَھس کھٔنہٕ بَل کٔس گاٹھٔس

---

[1] : زٲلِ عاشقَو عشقہٕ نارہٕ تَندوٗرِیے۔

کاڈھ کاُنٛز زاُلتھ نار گوٚوے سوٗریے!
وۄلے کوٚستوٗریے پیرٕ تہٕ تژاو نیرییے

کوٚت کھتی عاشق چوٗن وُچھنے ہیرِ پان
مُتی گئے بُلبُل سوز چوٗنے بوزان
توٚت نارِ عشقُن پیوکھ زٕن لاوہٕ موٗرییے
وۄلے کوٚستوٗریے پیرٕ تہٕ تژاو نیرییے

ویر ناگئے نیرِیے یُہ[۱] آیہٕ گییے!
اَچھ وٕلہٕ کی پوٚشٕس تیرٕے لایہٕ گییے
وَچھ مَنٛزٕ رِس مَنٛزٕ رٕچھتھ دِچھ موٗرییے[۲]
وۄلے کوٚستوٗریے پیرٕ تہٕ تژاو نیرییے

ہیرِ پانٕس موٗل تھوٗویے ذاتَن
کوٚت چھکھ گرٛٹھان سٕتی وٕتنے جہاتَن
یوٗری یِکھن لول چھُم چوٗن موٗرییے
وۄلے کوٚستوٗریے پیرٕ تہٕ تژاو نیرییے

ژھلے ڈیشتھ زوٗسٕل میٖرن زاُنی کھیے
قدِ صنوٗبر، سَرو بالا ماُنی کھیے
وٕرے ییلہٕ دیتاتے ڈٔکہٕ پینہٕ نے پوٗرییے
وۄلے کوٚستوٗریے پیرٕ تہٕ تژاو نیرییے

---

۱: آیہٕ گیے۔ پاٹھی ٕینہٕ۔ بروٗنہہ بروٗنہہ۔ اردلس۔ ۲: گبوٗن وأنی چھ اتھ اچھ موٗرییے تہٕ پران۔ (اُدچھ فرہنگ)

# گرٛزھتہٕ وٚلیسی

گرٛزھ تہٕ وٚلیسی اَنتَن اَستہٕ لولو
ہِیہِ مےٚ گرِٛ مَس پوشَن دستہٕ لولو

گرٛزھ تہٕ بِلبُلہٕ اَنتَن میٚون دِلبَر
مےٚ چھُ بِالبُلہٕ ہےٚ نارٕ گسَن تہٕ لولو

نیٚبرٕ غنچَس لاینم آس نےٚ عار
پارٕ کوٚرٕنم دِلِ جِگرَس تہٕ لولو

تھٲزِ گَرٛدَنہِ شۄبان یار میٚونے
وَن ہار زن بَنٛدٕ گرٛنَس تہٕ لولو

بُمہٕ کمانہِ یارَن لودنَم گوٚن
تیٖرَن سینہٕ دارَس تہٕ لولو

ییلہ اَنا الحق پوٗرنے منصوٗرن
نُنہٕ پأٹھۍ کھوٗت دارس تہٕ لولو

سوٗ تہٕ گنہٕ دوٗر یار چھُم اُلراوان
بُلراوان[1] کُلِ عالمس تہٕ لولو

لاالہٕ ہُنٛد دود کرِوٗٹھ پیوٗ مجنوٗنس
اوٗن لاگِتھ نوٗدکھ[2] نُجدس تہٕ لولو

یار دِیہٕ نا دیدار بُلہٕ بیمارس[3]
زِندہٕ گرٛزھِ دِل روٗشِل میرس تہٕ لولو

[1]: بُلہٕ راوان ۔ (ن ۔ ط)   [2]: اوٗن لاگِتھ ووت نُجدس تہٕ
[3]: ہاوِہ نا سنہٕ دیدار بُلہٕ بیمارس

# مےٚ چھہ مۆرے لَلہٕ وٕن نار

گرٛزدتہٕ ونٕیسی یے لالہٕ چھۄم دۆرے
مےٚ چھُہ مۆرے لَلہٕ وٕن نار

ہٕشہِ لوٗے نَم زاوِجہِ مۆرے پۆشہِ ژۄٹنم پاٹی انزول
گرٛژھہِ مالیُن تہٕ چھۄم دۆرے
مےٚ چھُہ مۆرے لَلہٕ وٕن نار

ماجہِ ژھنٛس قَندٕ کوٗستوٗرے آمہِ دوٗدٕ سیٗتی ناوُنَم تَن
سے پان لوگُم میٚتٕرِ موزۆرے
مےٚ چھُہ مۆرے لَلہٕ وٕن نار

گرِ ڈرایس گرِکین ژۆرے نیٖلہٕ [1] ناگے لوٗسُم دوٗہ
راتھ رٕنجِ مو راہ مُساٚفرٕے
مےٚ چھُہ مۆرے لَلہٕ وٕن نار

---

[1]: نیٖل ناگ ـ ویرِناگُک اصل ناو چھُہ نیٖل ناگے۔ یُس ناگن ہُندس سرٛدار نیٖلس سیٗتی منسوب چھُہ۔

ڈٔنبہٕ وادے ترٛاوہم چیپرے    ڈٔنبہٕ وادٔی گرٕسس فلوا

یَس نہٕ دَے دِیہِ ڈٔکہٕ کتہٕ پوٗرے

سےٚ منٛے چھُہ موٗرے کَلہٕ وٗن نار

پَتھ وَنہٕ چھکھ رٕکنہٕ پتھ دیرے    یور اَنتَن کھوٚنہٕ کَلہٕ وان!

نیتھٕ نُنی چھَس دَزٕ ما توٗرے

سےٚ منٛے چھُہ موٗرے کَلہٕ وٗن نار

آیہٕ کُکلا ماڈٔان دوٗرے    سۄ چھےٚ پَران اللہ ہوٗ

سۄ چھےٚ بلبُلہٕ والہٕ واشہٕ دوٗرے

سےٚ منٛے چھُہ موٗرے کَلہٕ وٗن نار

یہٕ چھُہ رٕوٗسل میٖر شاہ آباد ڈوٗرے    تمی چھُہ ترٛووٕمت لولہٕ دُکان

پیٖ وُ عاشقو چینیو وٗرِ ٹوٗرے

سےٚ منٛے چھُہ موٗرے کَلہٕ وٗن نار

# سانہِ آنگنہٕ ژاو گوٗپالی

سوٗر سِس مُلتھ سانہِ آنگنہٕ ژاو گوٗپالی

وۄڈِ خاصہٕ دِتھ بر طاق آسس گیہہٕ وُبالی

گن گن مےٚ کنن زنگہٕ ینٛدرک چھس نہٕ بوٗ مبوٗر چون

بمبوٗری ہندی پاٹھی نالہِ دِوان چھس بہٕ وُبالی

زے پوشہِ تُلی میانٛی عشقہٕ مسجدِ حُسن امام تھ

ژے بانٛگی شوٗبان مُقتدی چھے یوٗسفنہٕ چالی

مےٚ کیا خبر چھم وَتھ مےٚ اُلجمو چھانہِ آلگانی

ژے کیا اَثر گوٚو میانہِ حسنک چھس بہٕ زوالی

عزیزِ مصر چھس نہٕ یوٗسف موٗرٕ گرٛھی نے برانتھ

وَقتک یہٕ سفر جامہٕ توٚے چھے مےٚ گزالی

یتھ عُشقبے منز ژاو سیوٚدے دراو رسوٗل میر

سیوٗد آو تہٕ سیٚدِس ہوٗل کرہم کیا چھس بہٕ سوالی

# شَرمتےٚ جگرس ڈراونے

ٹھَرٕ ٹھَرٕ چھِم مَرٕ شاید شَرمتےٚ جگرس دراونے
خوش یِوٚن نُندٕ بوٚن وِنیسی یے میٚون دِلبَر آونے

وٕعدٕ کوٚر رُمت یاد چھُے ناساد کیٚشرا زاٗنی تھَس
آدٕنے اَدٕ کونہٕ تھاوٕ ژوتھ میٚون دِل سنبٕہ لاونے

یارٕ اَکھ ارمان روٗدُم عشقٕ پیچانَس پٕرٕ ژھوم !
بوٗزی تھے رَز پان کھوٗلتھ آوزن اَبساوِنے

ژھایہ روٗد دُکھ ضایہ گُرتھَس کوٚرتھ مُٹھے مالے میاَنی !
تیٚلہٕ ژٕنے چھیری نامتےٚ وَنتم نیٚلہٕ متےٚ میٚنٕ تِل ساونے

گُل وُچھتھ بُلبُل چھِ توشان اَکھ اَکس ڈیشتھ وَنان
میٚانہٕ یارو چانہٕ باغک روٗد متےٚ گُلزار چھاوِنے

سُے متےٚ روٗد ڈُکُھم آش یِیمی سٕنٕزٕ سَتھ متےٚ اہم سیتھ دِلس
وَنتہٕ زوٚسلیٚو کُس ژٕ رُوٗٹھکھ وونی کمو مَنہٕ ناوِنے

# ہاگولاب تھٕری یے لو

سینہٕ ژۄٹ تھم وہ یے زٕنگہٕ زری یے لو
تازٕ پھٔج کھٔے ہا گولاب تھٕری یے لو!

وہ ڑٹا کانٔی ناکی چھُے زٕری شوٗبان
کالہٕ زُلفو گری ہم والہٕ بٔری یے لو!

تیرِ مژگان لوینم آسں نے عار
لولہٕ جِگرس گام ٹری ٹری یے لو

لولہٕ چشمو وچھمکھ خوٗن ہاران!
بوٗمبر رادی یے ہا ئینبر زٔلی یے لو۔

آے کائتیاہ گئے کیتی سٔمسارس!
لرزٕ موتنہٕ طوطہٕ گئے گٔلی یے لو!!

پاد لوٗسم ناد ہو دِکے وٗنہٕ نٔے
لالہٕ گوم ہئے شالہٕ مار ڈٔلی یے لو!

آسں برتل روٗٹ منے چون دامن
رسول میرن نامہٕ چانی پٔری یے لو!

# مےٚ چھُ بالہٕ چَمہٕ خَمَے

مےٚ چھُ بالہٕ چَمہٕ خَمَے وُنہٕ مےٚ چھُے لوکچار
یَتھ ازلہٕ لاَنس ؤنی بہٕ دَے کَر بَنہٕم دیدار

دِلدارَس کیا بہٕ دارَس چھُم گرٛھان خارٕ خار
یَتہٕ لارَس پان مارَس مٹہِ کھارَس مار

چھِم واَلِ کَنَن ناَلی جاَے بنیہِ چھُم گوشوار
چھُم ناَلی نزری چھَس بہٕ پٕری کُس مےٚ خریدار

کُکلہِ پتَے کوترا بیٛلہِ گوَسہٕ گرِفتار
راز ہوٗنزرس یَتہٕ دوران ساَری جانوار

تَس عشقہٕ ژوٗرَس کُس اکھاہ وَنہٕ چھکھ ژٕ گونہگار
حُسن نَٹان روبہٕ لِوان توبہٕ اِستغفار!

عشقہٕ دوٗدے شنتِھ گومُت تَس رسوٗل میرَس
اَمہِ عشقہٕ داَزنیک مانہٕ زانان خاَلی بیٛنا دار

# رِنٛدٕ پوشہِ مال...

شوٗبہِ شاباش چھانٛہِ پوٗزا یہ لولو
رِنٛدٕ پوشہِ مال گِنٛدٕنے ڈرایہِ لولو

رازٕ ہیٛنٛزِ یانہِ تازکیا اَنٛزی نہٕ گرٛدن
یا الٰہی چشمہِ بدٕ نِش رٔچھتن
گَژھِ کیا کَم چھانہ بارگاہِ لولو
رِنٛدٕ پوشہِ مال گِنٛدٕنے ڈرایہِ لولو

کالہِ موٗسی ٹاکُنی چھے برسَر
فٔلۍ لہِ نٔلفی موٗلُت مُشکہِ اَدفَر
ہیٛنٛزِ یارٕان ژرٕنٛزٕ تے دایہِ لولو
رِنٛدٕ پوشہِ مال گِنٛدٕنے ڈرایہِ لولو

---

ل : چانہِ لوٗت رِھایہِ لولو۔ (چھاپی نُسخہ)

زاُلی وانگن بال ییلہِ لاگہِ شمار
پچھ لگنس گنٔٹرانٔ[ا] لچھ تےٚ ہزار
تمہِ شایہِ نو موکلن پایہِ لولو
رِنٛدہِ پوشہِ مال گنٛدنے ڈرایہِ لولو
روونہِ گوڈےٚ یامتھ بوزم ساز
ساز بوزنہِ آمُت شاہ یٚنٛدراز
پوشہِ مال چھم پوشہِ ٹُلی ڈایہِ لولو
رِنٛدہِ پوشہِ مال گنٛدنے ڈرایہِ لولو
حلقہِ بنٛد ٹُلی شوبان نارِپستان
تی ڈیشتھ عاشقن دِل لوبان
ونول زوشل میر چلنے مایہِ لولو
رِنٛدہِ پوشہِ مال گنٛدنے درایہِ لولو

---

[ا] : گنٔٹرزنس۔

# نارَللہٕ وُن تھُووٕنَم موٚرِ لولو

نارَللہٕ وُن تھُووٕنَم موٚرِ لولو
ژوٗلُم رِ دابَر دِل ہیتھ ژوٚرِ لولو
کھوٗت حضرتؐ سوٗ نٕے معراجَس
تس وَنہٕ وان سوٗر گچھِ حوٗرِ لولو
چانہٕ برٛتَلِ، راوہم سارِ راژٕے
آرِ کاژٕے گیُس مے توٚرِ لولو
تَس کوٚرے کیا کَرِ مالِنۍ کرٛوٗن
یَس اَزلے ڈٲکہٕ پوٚرِ لولو

---

مرگہٕ[1] واوَن ژھیتہٕ کوٚر کالک ژوٚنگ[2]

سُہ چھُ شوبان پیٹھ ژنگہٕ زوٚرِ لولو

موٚت مجنوٗن عشقہٕ سیٖتی کھوٚت تجدٕس

کھو نہِ للہٕ وَن گرٕس گوٚرِ گوٚرِ لولو

عشقہٕ سیٖتی فرہاد کھوٚت بالَن

عشقہٕ سیٖتی تَس سُید سوٚرِ لولو

چانہِ ڈیدِ تَل رسوٗل میر آو لاران

سُہ چھُ روزان شاہ باد ڈوٚرِ لولو

---

۱ : ورگہ واوَن ژھیتہٕ کوٚر کالک ژونگ

۲ : اک شمع ہے دلیلِ سحر سو خموش ہے ۔ (غالب)

# کوٗت گوٗم[۱]

میٖہ ژٕ سے ماشوق دوٗرٕ یوٗم    کٕرٕنَم گٕژاے کوٗت گوٗم

مُٹھِس میٖشانٕ ماے کوٗت گوٗم

کٕرٕنَم گٕژاے کوٗت گوٗم

مےٚ ژھوٗنٛڈٕم ہَنہِ ہَنےٚ    مےٚ گوَ برِیانٕ تَنےٚ

تَمِس کُس میوٗن وَنےٚ

گٔیس بَدنام کوٗت گوٗم

دواو ماشوقہٕ میٖشانے    مےٚ کوٗرمو چانہِ چَلنے

ژٕ سے پَتھ ڈرالیٖس بہٕ کژانے

گٔیس بنگار کوٗت گوٗم

۱ : یہِ بٲتھ چھُ مےٚ فَقَط اَکھ نِمہٕ (ٹ) مَشرامٕتی آمُت تہٕ اَنہٕ نام چھُ نہٕ آمُت چھپنہٕ -

اُچھن پیٹھ سینچر بابِل نتہ زہرِ قاتِل
گرِتھ گو پارٕہ دِل !
شہ جودٕ گار کوٚت گوم

نِگارس چشمِ کافر اَتھس کیتھ ہیتھ شہ خنجر
گرِتھ گو پارٕہ مے دِل
سپہ سالار کوٚت گوم

ہتے ویٚسی دِل دٕودے میٚون تلے اُتی چارٕ گرتوم
لٕلہٕ وان لولہٕ چھوکھ پیوم
چھوکن بلغار کوٚت گوم

وَنَن زیب نِگارس ونن کیا گے میٚہ یارس
وَنن منثر پان مارس،
گرس ہے مار کوٚت گوم

رسولن توشہٕ کیا دٕون سوخن درگوش تھوٚدن
وٕندس نا تٕوٹھ یادن
شہ دے لوکچار کوٚت گوم

# بال باوٕکِس تے...ؔ[1]

سُے گوم ترأوِتھ بال باوٕکِس تے
چھِس بے کس تے ییٚس نے عار
لَلہٕ وُن زرٕ چھُم دِلِ جِگرَس تے
چھِس بے کَس تے ییٚس نے عار
چھین یِیٚلہِ کھور نم جبنِس تے!
کینٛہہ وَرٕ ہیتھ ڈراو توسِ ابرد
لو یہٕ نم مِژٕ تیر دِلِ جگرَس تے
چھِس بے کس تے ییٚس نے عار
عشقہٕ تَب سنیوم دِلِ جِگرَس تے
کُل چھم یارٕ شِنٛر تمیٚ ہیوت دوٗر

---

[1] : یہٕ وٕژن چھُ ہفتہٕ وار "چمن" سرِیٛنگرُک ۲۴ مئی ۱۹۷۱ ءکِس شُمارس مَنٛز چھپیوٚمُت۔ ایڈیٹر میر غلام رسول نازکین چھُ دٲتھ نوٹ لیوٚکھمُت زِ رسول میرن یہٕ غٲر مطبوعہ وٕژن چھُ اُکنی گامُک محمد سبحان بھگتن شاہ آباد ڈوٗرِکِس صابر شاہَس نِشہِ بوزمُت۔ یِنٛہنزٕ واٗس نمتھ ؤرتی ؤنان چھِ۔

مَسوَل بہٕ اُسس چھنہٕ اٹونَس تَے
چھس بے کَس تَے ییس نَے عار
نیٚرِسس وُنی دِنہٕ پتہٕ بہٕ تَس تَے
یَس پتھ دِل گوم زِوگار
بازکُنہٕ ییہ نا راز باوس تَے
چھس بے کَس تَے ییس نَے عار
سوندرا بہٕ اسس چھندر آونَس تَے
رنشدرے زولہِ نا چھم ریوان
وُنی توم رائیس[1] ییہِ پالیَس تَے
چھس بے کس تَے ییس نَے عار
وَنہٕ کیا روٗسل میر اِضطرابس تَے
مِضراب تارِ چھم وُزہٕ ناوان
سے سوز بوٗزم نِشہٕ سازس تَے
چھس بے کَس تَے ییس نَے عار

---

[1] رائے۔ راجہ۔ بادشاہ ۔ ناگر رائے، تہٕ چھندر ناگ۔

# گتہٕ مے مار[1]...

گتہٕ مے مار سوٚنہٕ کنہٕ دوٗرآنی
وَتہٕ گتہٕ نے چھُ مُنزلہٕ دوٗرآنی
چشمِ بادام چھا کِنہٕ مَس پیالے
چَنہٕ روٗستے کتیٕ گئے بے حالے
چھاوٗ داما اَستہٕ مخموٗرآنی!
وَتہٕ گتہٕ نے چھُ مُنزلہٕ دوٗرآنی
سَروقدے شوٗبان سامانے
ترٛٹی مالہٕ[2] تہٕ بنیہٕ روٗنہٕ دامانے
چانہٕ حُسنک گاہ پیوٚ نوٗرآنی،
وَتہٕ گتہٕ نے چھُ مُنزلہٕ دوٗرآنی

---

[1] اُستاد غلام محمد قالیباف، شند وُنُن چھِ زیٖتہٕ باقھ چھُ روٗدُمُت میرٕنہٕ تہٕ یہِ چھُ تِمی زِمٹین زِشہٕ بوٗزنت۔ یہِ چھُ صوٗفیانہٕ موسیقی مُنز گوٚنہٕ لیان۔ مگر چھُ اَمی ستمن مَنز گژھنہٕ ژھَنہٕ دیت۔

[2] ترٛٹی مال۔ ... گِندان یِتہٕ گلیل بنہٕ بِہتھ آسہٕ آ۔ ان۔

# ہاگولاب تھُرِیے لو

سینہٕ ژٔوٹھم ہتےَ رَنگہٕ ژٔرِیے لو
پٲرِ لگہٕ یے ہاگولاب تھُرِیے لو!

مایہٕ وُجنٔس بس مُشکہٕ اَد فرِیے لو
سینہٕ ژٔوٹھم ہتےَ رَنگہٕ ژٔرِیے لو

ووڈِہ ٹاکانٛی، چھِے ژٔرِی نال شوٗبان
کالہٕ زُلفو کرٕہم والہٕ بٔرِیے لو

تیرِ مژگان لوٗیتھم، اوے نا عار
لولہٕ جگرس گامہٕ ٹمرِ تٔرِیے لو

لولہٕ چشمو وچھمکھ ہاران خوٗن
بوٚمبرٕ رووِیے ہا ینبرزٕلیے لو

آسے کاتیاہ گۓ کاتی سمسارس
لرزہٕ موتینہٕ طوطہٕ گۓ کُلریے لو

پاد لوٗسِم نادہا دِمے وَہنِنے
لالہٕ گومے شالہٕ مار ڈُلیے لو

آس بَرتل روٗٹم چون دامانے
رسول میرن نامہٕ چانی پُریے لو

# وَفات نامہ آنسرورؐ

دون عالمَن چھُہ سایہ پلنے سون محمدؐ نورِ نورلنے

نورِ برٔی تس حورِ وَنہٕ ولنے

سون محمدؐ نورِ نورانے

حُکُم سپنے مَلکُ الموتس روز تابع سانِس حضرتس

دوپُس حضرتَن اَتھ ہو دوانے

سون محمدؐ نورِ نورلنے

شبِ جمعہ خاب ڈیوٹھ مولوین کالہٕ اوٚبرس تل آفتاب گژھن

کھوٚت ستارا شولہٕ مارانے

سون محمدؐ نورِ نورانے،

اَکھ جوانا بَرنے نیبر چھاسنے حکُم اژنس اَندر

شیرِ سندی پا ٹھِ آد لارانے

سون محمدؐ نورِ نورانے!

پمپوشس گوٗ رنگِ سوسن      بابہٕ صاۍبو اَچھ مالوسن
کاۍلی اُمت چاۍنی پڑارانے
سون محمدؐ نوٗرِ نوٗرانے

نوٗرِ تختس واۍلکھ سرانس      نوٗرک گولاب پھوٗلکھ دہانس
اوٗنسہٕ حوٗرو نوٗرِ زاۍنپانے
سون محمدؐ نوٗرِ نوٗرانے

حضرتِ فاطمہؓ زہنی زورِ باکھ      بابہٕ صاۍبو جامن دِمے چاکھ
اَسہٕ دوہن کُس جُدا گوٗ کرانے
سون محمدؐ نوٗرِ نوٗرانے

حضرتِ فاطمہؓ کوٗرنے داوا      بابہٕ صاۍبو یِی چھا دعوا
روٗد اُمتس چون ارمانے
سون محمدؐ نوٗرِ نوٗرانے

آو وَدان حضرتِ صدیقؓ      کوٗت نسا گوم غارک سہٕ رفیق
کتہٕ ژھانڈتھ جانہٕ جانانے

آو وُدان حضرتِ عثمان رضؓ جان و دِلس کوزنم بریان 

کوٚت سنا گوم صاحبِ قرآنٔے

سون محمدؐ نوٗرِ نوٗرانٔے

آو رِوان حضرتِ حیدر رضؓ گیہ یتیم شبیر رضؓ و شبر رضؓ

تم زِ جانانہٕ گریہ کرانٔے

سون محمدؐ نوٗرِ نوٗرانٔے

ییلہٕ پوٗر ہس نازتنہٕ کفن آسی رِوانتہٕ بُردِ یمن

مانن زانن حکمِ یزدانٔے

سون محمدؐ نوٗرِ نوٗرانٔے

گرِ عائیشہٕ رضؓ کرکھ دفن آس حرکتھ گرِ ھان وطن

تتہٕ اُمت اُس گارانٔے

سون محمدؐ نوٗرِ نوٗرانٔے

ژارِ لجمہٕ چھے برسوار ! کٲلی اُمتس ہاون دیدار

دوٚن زِ دسٔلی عشقن عشقہ افسانٔے

سون محمدؐ نوٗرِ نوٗرانٔے

# قندِ پارسی

کافرِ عشقم صنم رُوئے کسے
فتنہ ام بر چشمِ جادوئے کسے
دادہ استاد ازل اُز خونِ من!
آب رنگِ تیغ ابروئے کسے
مستِ عشقم خستۂ دل ہمدستِ غم
بستۂ زنجیرِ گیسوئے کسے
تیرِ نازم در دلم تاثیر گشت
آفرین بر پشت و بازوئے کسے
در تبسم شورِ بازار شفق
بُرجِ اختر دُرجِ لولوئے کسے
وہ چہ خوشگو وہ چہ خوشبو وہ چہ خو
وہ چہ خوشرُو وہ چہ خوشموئے کسے
ہمچو نرگس چشمِ وا دارائے رسول
بلبلِ شیدائے گلروئے کسے

# موختصر فرہنگ تہٕ اِشارِیہٕ

خوٗنِ سیاوش : بےٚ گوناہ قتل۔

کیٛاہ مانٛز چھے زیبا ہَے ہَے کٔرِتھ برپا
صد خوٗنِ سیاوش جانانہٕ مسآ روش

ایرانہٕ کِس بادشاہ کاوٗس سٕندِ گرِ زاو اَکھ نیٚچیٚو۔ یَس سیاوِش ناو تھوو کھ، نوٚجوٛم وانٛو دوپ یہِ چھُ شاپیتھ۔ بادشاہَن ژھُن قلہٕ منٛز کٔڈِتھ۔ رُستم پہلوانَن رٲچھ۔ ییلہِ جوان سپُد، کاوٗسَس آیہِ لولہٕ رٛگہٕ مٔژراونہٕ تہٕ واپَس اَنٛن محل خانَس منٛز۔ اَتہِ ہُگِیہِ اَمِس کاوٗسٕنۍ اَکھ جوان آشِنۍ عاشق۔ مگر سیاوَش پھسیوٗس نہٕ۔ تمہِ لآج اَمِس تُہمتھ، کاوٗسَس تہِ گوٚو شک۔ بہرحال، سیاوُشَس ووٚنکھ زِ بے گوناہی ثابتھ کَرنہٕ خاطرٕ یکہِ سہ نارِ کٕنٛگہٕ منٛزی۔ تَس لوٚگ تار۔ مگر کاوٗسَس لشکرٕ ہٕنٛدِ لوٗس دِ افراسیاب اوس کاوٗسُن شتھر۔ تمۍ سوٗزنَس شیٛچھ تہٕ دِژنَس کوٗرِ نیٚتھرٕ۔ اَتہِ تہٕ گیہِ تَس خلاف ژٕمے تہٕ افراسیابَن کَرنوو قتل۔ ووٚنی چھِ فارسی پاٹھِ بے گوناہ قتلَس خوٗنِ سیاوش وَنان۔ رِوایَتہٕ موٗجوٗب یِتھ شایہ تَس سٕنٛدِ رتھ ہیوٚتہٕ ووٚپدیو

اَکھ وٕزُل گاسہٕ یَتھ پٮ۪ٹھ پرٕسیاوُش وَنان چھہ۔ کاشرِ پاٹھۍ چھہ اَتھ گیوتھیر وَنان۔

یہ چھُ ابوالقاسم فِردوسی سٕندِ شاہ نامُک اَکھ کلیدی کِردار۔

## پَدمأنۍ : پدمنی (پمپوشہٕ زَنۍ)

پدمأنۍ عاشق چھُس زٕ۪ے یَتھ بَدنام لگارو (رٕسُل میر)

یہ چھےٚ داتستانَن ہِندِ کام سوترچ اَکھ اصطلاح۔ اَمہِ سوترٕ موجوب چھہ اِہار تہٕ خوبِہ موجوب زنانَن ہِندی ژور قسم۔ پدمنی، شنکھنی، چِترنی، ہستنی۔

پَدمنی چھےٚ ساروٕے کھوتہٕ سرس زنانہٕ ذاتھ۔ تَسُند بَتھ چھہ پھُل زُندرزوٗنہٕ ہیوٗنٛد ہیوٗ تہٕ بَدَن پمپوشَک ہیوٗ آسان۔ تسندٕ تَن چھےٚ گُداز آسان تہٕ تیٚتھرٕے نرم یُوتا سٕندِ پوش آسان چھہ۔ تسندٕ ژٔم چھےٚ لیدٕرِ لوپٹکی پاٹھۍ لشیچ آسان۔ اَچھ پیالہٕ ہش یمَن مارَن مَنٛز گولابی رِکھہٕ ہشہٕ آسان چھےٚ۔ سو چھےٚ اَنزِنہٕ ہِندی پاٹھۍ لکان وُچھہ چھس دوٗر، لوٗرِت تہٕ وٕگُن آسان۔ آواز چھس کُگلہٕ ہِندی پاٹھۍ لوٗتٕر اَستھ تہٕ مدُر آسان۔ نفیس پلوَن تہٕ زٕین گہنَن ہُندٕ چھُس تعشوق آسان۔ کَم چھےٚ کھیوان تہٕ لوٗژ ہُندٕر چھس آسان۔ طبیعت چھس پاک شِلہٕ آسان تہٕ دَے گارنک چھس شوق آسان۔ رٕسُل میرن یَتھ اندازس مَنٛز کٕتین شاین یہ اِصطلاح چھےٚ استعمال کٔرمژٕ۔ تَمہٕ کنۍ چھُہ باسان زِتس اوس اَمہٕ کِہ آگہٕ مَعنیک پوٗرٕ عِرفان۔ یَتھہِ پاک بےٚ سِرتھ

متلق ییلہِ رٚوٗسل میر چھُ ونان زِ سومگے بدنام تمہِ وزِ چھُ تمی سٕند لوٚلچ شٕد تھ
ییمی سو پننہِ خصلتہِ نشہِ نیبر گڈ۔

آفتابِ بلغار ۔ مہتابِ قندہار آفتابِ بلغار

ژییےٚ ڈیشتھ منٛد چھانٛے (رٚوٗسل میر)

مہتابِ قندہارس متلق چھُ کاشرس پاٹھکس مولوٗم زِ یہ چھُ ماہِ نخشبس
یسہ تمہِ شہرکو کیمیا گرو بناوِمتٕ آس تہٕ مصنوٗعی طریقس پیٹھ آس کھسان
یہ ترکیب چھےٚ کاشرس علاوٕ فارسی تہٕ اردوٗہس منٛز تہٕ نظرِ گژھان۔ مگر
آفتابِ بلغار چھےٚ اکھ عجیب ترکیب۔ یوٚتاں میانہِ محدوٗد مطالعک تعلُق چھُ۔
یہ رٚوٗسل میرس دراے گنہِ تہِ نظرِ گامژ۔ مےٚ کوٚر واریاہن فارسی
نشہ تہٕ بے پناہ مگر تمہِ تہٕ اُسی نہ اَتھ متلق بے خبر۔

ییٚلہ مےٚ زیادٕ تحقیق کٔر۔ مےٚ باسیاو زِ رٚوٗسل میرن مطالعہ کوتاہ وسیع
یہ بُلغار چھُنہ بلقان علاقچ سو سوشلسٹ ریاست ییٚتہ اَز صوفیہ
سوشلسٹ بلغاریہ چھُ انگریزی پاٹھی یتھ گنٛی لیکھنہٕ یوان BULGARIA
چھُ BOLGARIA گٔرِتھ تحریر سپدان۔ انسائیکلوپیڈیا اسلام مطابق
مَنٛز اکس ترکی نسٕ قومس متلق استعمال سپدان۔ یم وسطی زمانس

منز وولگاہ تہٕ دینوٗب دٔری یاوَن منز باگ زٕ ریاستہٕ بنیے مٕژ آسہٕ ۔ یِمہٕ ریاستہٕ آسہٕ اسلامی سلطنتُک اِنتہایی تہٕ آخری کھوٗر یعنی شُمالی اَند تہٕ سائیبریاہَس نِکھہٕ تتہٕ آسی دوٚہہ واریاہ لوکٕٹ تہٕ راژ واریاہ زیٖچھ آسان ۔ مُسلمانَن اوس نہٕ کُل پانژٕ منز دوٚہہ چیٖن تژٕ ین نمازن ہٕندِ خاطرٕ وقتے لبان ۔ یِتھی مسلہٕ آسی ماہِ رمضانٕکی روزٕ دَرنَس منز تہٕ لبان ۔ یِمہٕ دُشوٲری آسہٕ عالمِ اسلامَس منز فقط اَتہٕ کینہہ مُسلمانَن دَرپیش ۔ لہٰذا دِیُت جلدٕے مُسلمان کیمیا دانَو تہٕ عالموَ اتھ کُن توجہ ۔ دوٚہُک گاش زیٛچھراونہٕ خاطرٕ آیہٕ کیٚتی تجربہٕ کرنہٕ یِمَن منز مصنوٗعی آفتاب بناوُنُک تجربہٕ تہٕ شٲمِل اوس ۔ اَتھ سلسلَس منز چھےٚ مرجانی ناوِکِس کیمیا گرٕ سٕنز اَکھ کِتاب تہٕ موجوٗد ۔

لفظ بُلغار چھُ وونی اکہٕ مُلکہٕ کِہ ناوِ کِہ حیثیتہٕ ادبَس منز لبان مگر تِتھ مُلک چھُ نہٕ نقشَن منز موجوٗد ۔ البتہٕ آسی گُنوٗہَمہٕ صدی تانی تاتاری پانَس بُلغٲری تہٕ وَنان ۔

مولانا روٗمی سٕندِ ین شارَن منز چھُ اَمیُک ذِکر ۔ مثلاً ع

نمازت کے روا باشد کہ روٗیت

بہ ہنگامِ نمازست سوئے بُلغار

اَمِہ شارہ کِہ عام منطق کِن چھُ باسان زِ قبلہٕ اوس جنوب مغربس کُن ۔ لہٰذا آسہٕ مولانا سٕنز روٗزن جایہ (بلخ) کِس نوٚیمہ اندَس یعنی شمال مشرقس کُن ۔ تہٕ (ی)

بہٲمێنک محل وقوع تہٕ۔ کاشرِ پاٹھی چھہ یتھ ہێو اکھ محاورٕہ۔ لاری کِنہٕ لوہر۔ یہ اہر چھینہٕ ظاہرا پنجابک شہر لاہور، بلکہ پرونٛس نزدیک لوہرن۔ سہ چھہ مغربس منزٕ لار منشر قس منشر۔ مولانا پسنٛدِس بێیہ کس مصرعس منزٕ تہٕ چھہ بلغار موجود ع۔

نہ افغانم نہ ترکم من نہ از تاتار و بلغارم

سوویت یونین کین پٕتین مین دہ ہن آو اکھ کٕھے تھزرس پیٹھ وڈن وول مصنوعی سیارٕہ تراونہٕ۔ اتھ آسہ بڈٕ تہٕ کھٕل شیشہ لرہ لاگتھ، یمن آسہ آفتابہ پرٕوہ پیوان تہٕ بٔنک گاہ اوس زمینہٕ پیٹھ رٕتھ شینس پیوان یئیمہ سیتی سہ کھلان اوس۔ یہ اوسا بیریا ہس منشر یمن لکار تہٕ اوس دراصل یئیمانہٕ آفتابِ بلغارٕکے نو وتہٕ ہلاروپ۔

حلب: ع۔ حلب آیینہٕ آسی سینہٕ دِل چھے سنگ خارا (رسول میر)

ملکِ شامک اکھ علاقہٕ یتہ ترکن ہنٛد اثر چھہ۔ اتِہ آس پرانہٕ کالہٕ اکہٕ کنہٕ نشہٕ دنیاہک بہترین آنہٕ بنان۔ تویے چھہ حلب ادبس منشر مشہور۔

اُچھ پوشس :

روشس میرن چھہ یہ واریاہہ لٹہِ گوندمت۔ دپان یہ چھہ اکھ اسطوری زنیالی پوشس۔ یس نہٕ کانسہِ اچھِو وچھمت چھہ۔ رِوایتہٕ موجب چھہ یہ انہ زر (۲) تہٕ

کاڑِہ تیٚمبرٕن علاج۔ دپان یہِ چھُ چھوٚت تہٕ لیٚودر آسان تہٕ امیٚک مُشکِ چھُ تیٚوتا تیز آسان زِ کاف چھُ کھاران تہٕ اِنسان چھُ بےہوش گژھان۔ اَچھِ پوشس چھ حکیم اَکھ سِر تہٕ راز مانان۔ اتھ دپان چھ اَندٕ اَندٕ ڈیٚنب آسان یمن ترٕن سیٚٹھے کرِیٚتھ چھُ تہٕ اَندٕ اَندٕ چھس سَرفہٕ شکلہِ موکلٕ اَر گرِتھ آسان۔ دپان یہِ چھُ پوٚت وَنَن تہٕ نیرِن مَنزٕ آسان۔ مہجورَنِس یتھ بَندس مَنز چھُ اَتھی کُن اشارٕ۔ ع :

مَنز جنگلَن یہٕ اَچھِ پوش تنہا ہِتھ چھُ خاموش
درشُن دِوان نِوان ہوشس گُلشَن وطَن چھُ سونٕے

"گُل بکاولی" مثنوی یوٚسہ انگریزی۔ فارسی۔ ہندی۔ اردو۔ کاشُر تہٕ درجنہٕ واد زبانیٚن مَنز لیکھنہٕ آمٕژ چھےٚ ہُند بکاوُل، پوش تہٕ چھُ لگ بھگ یتھے اسطوٗری یُس کاڑِہ تیٚمبرٕن ہندِ باپتھ اَشدٕ مانٕنہٕ چھُ آمُت۔ اَچھِ پوشچ 'اَچھٕ' ستی نسبتھ چھِنے شاید تِمہِ کِنہ ناوُک آگُر بنے مژِ۔ سنسکرت پاٹھی چھُ اَچھ "اَکھش" تہٕ وَنان (مثلاً میناکشی، گارِ ہِشنر ہِشہٕ اَچھ تھاوان واجینی)۔ لسانیاتی قونونہٕ موجب چھُ "اکھشہِ پوشک" اَچھِ پوشس بَنُن قودرتی تہٕ ممکن۔

رَنُسل میرن چھُ پننِس اَکس بَندس مَنز اَچھِ پوشس کِنہ "فریب" آسنک تہٕ بےہوشس کرنُک ذکر کوٚرمُت۔ ع

گوشن دۄر چھی کیاہ زیبندٕ    گوشن دور بیتھی چھی اچھ پوش

صاحب ہوشن فریبندٕ    تہٕ پرتو یار فتاح

دۄیمس مصرعس منز چھُ "گوشن" تطارٕ خاطرٕ کاشر لفظ۔ اَتھ چھُ گوڈنکس گوش

اکنس ستی لفظی ہشر مگر مقصد چھُ یہ زِ اچھ پوش چھُ دۄر سمکھاہ دۄرٕ آسان، تہٕ

ہوش تہٕ نوان تہٕ فریبک تیر دِوان۔

بال : ع۔ ہٕ تہٕ نو یِہ دۄرٕ پرچھان زرے ، بال مرآیو

رۄسُل میرن چھُ یہ لفظ واریاہ لٹہٕ ورتومُت۔

سنسکرت بالا۔ ذہنہٕ پیٹھ ژدہ داہ ؤرِشس اُنہرِش یوسہ وُنہٕ یاوٕنہٕ چسن

لطافتن وارٕ واقف آسہِ نہٕ۔

گوپالی : ع۔ سورساس ٹلتھ سانہٕ آنگنہٕ ژاو گوپالی    (رۄسل میر)

کرشن کانہٕ۔ سوندرن ہُند محبوب۔ کرشن اوس گاو رچھن والین گورن

ہُند منگتہٕ تہٕ گوپال گو لفظی معنے کِنہٕ گوٕہے۔ تس اوس سیاہ اوبرک ہیُو شاہہ

رنگ تہٕ کاشر کرٕ ہن چھُ کرشن لفظی بدلیہٕ صورتھ۔ انگریزی یا ٹھی چھ تس BLUE

GOD تہٕ دنان۔ سہ چھ ابدی عاشقہٕ سُند استعارٕ تہٕ۔

پدمان ؛ ہمپوش۔ زون ، ہمپوش دیان چھُ زونہٕ گاشہٕ سے پھولان۔

دُردانہٕ آسِتھ بے خبر مرجان دَپان چھی

خورشید روٗخا! کُنہ نظر پدمان دَپان چھی۔

زٕزٕن۔ کاشرِن زنانن چھُ وُنہِ یہِ ناولِ دیدتہٕ چھُ واریاہ پدمان وَنان۔

مِرجان : ع۔ دُردانہٕ آسِتھ بے خبر مرجان دَپان چھی

لُدرِ پھوٗل۔ ووٗزُل موختہٕ یَس وُستِھ آسان چھُ۔ یِتہٕ چھُ سمندرِ منزِ کھسان

چاردان :

اَکھ کاشُر زیوٗر۔ یُس اَز بروٗنٹھ پنٛژراہ شیٹھ ؤری رایِج اوس۔ یہِ اوس

سونہٕ سُند آسان۔ ڈیکہٕ ٹیکس تَل آسی اَتھ ژور زِنکی جمکہٕ ہی آسان۔ یِمن چوٚنہٕ جرٹھ

آسہٕ آسان۔

باوُٹ : پٹہٕ کھُنٛج بنگر۔ یہِ اُس روٗپہٕ سُنٛز آسان۔

گوشہٕ وار : ع روشہٕ اُلران چھم گوشہٕ وار

اَکھ چھچہٕ دار دوٗرِ یتھ گردن پھیرنہٕ سِتی گتہٕ آسی لگان۔ تہٕ اَکھتی

اوسُس شٔروٗنی تہٕ گرٕھان۔

تژان : ع یَنہٕ ژھیٚنم ولسہٕ سوٗنٛدر رے سونہٕ داے سوٗرِم تژان

سَتھ، ژٔنتھ، آتش، تران، روٗح

مجلوٗن خان : ع ۔ ناگی رانیٖ ہا ہی مالی مجلوٗن خانٕنی لاگی یے (رٔوسُل میر)

قیس ۔ مجنوٗں، سُہ اوس عربی، مگر کاشرین لُکہٕ باتَن تہٕ رٔوسُل میرس ہُنٛدِ چھُ سُہ خان یعنی ترک یا تاتاری بنیومُت ۔ یہِ چھُ کاشر شاعری ہیٚتھ منشر بیاپَن ربوایٔژن ہُنٛد پرتو ۔ تہٕ کیتشہاہ اُمنیک الگ شعری گہنہٕ شیرنک سنشر ۔

ہُنگہٕ طوٗرمار ۔ ع ہُنگہٕ طوٗر سوہ نہٕ ہشندی واگی یے بوزسو ندرے لول ہے آم

دوہ شوٗنی ہنگَن اَویزان جُمکہٕ چالہِ زیورک ناو ۔ یُس ووہنی ترک چھُ سُنٛدمُت یہ اوس روہپہ سُنٛد آسان تہٕ زاوی جہ روہنہٕ آسس آسان ۔ کلَس گلَن دِنہٕ زرٕ اوس وَزان تہٕ وُچھ وُنین دِل رنبہ ناوان ۔

کنٹھ مال ۔ ع زالی وانکَن تَل کنہ واگی یے ناگی کنٹھ مال ہٹہٕ جنگاگی یے

اَکہِ قسمُک حلقہٕ بند ۔ ہٹی مال ۔ سوہ نہٕ سُنٛد زیور یُس گردنہٕ لاگتھ اوس آسان بادٕ ہاہَن آسہٕ بٹہٕ مہر تینہٕ لاگان ۔

قلم کاری ۔ ع نامدار وبال ہلم داری جامہٕ چھی قلم کاری لو

پھیرَن یا کُرتکٕ سہ قلمی حاشیہٕ یٚیمہٕ کِس نقشس ہیٚتھ نفیس طلہٕ بادود چھاونہٕ اوس یوان ۔ یہ اَسی خاص نقاشے ہیکان تراوِتھ ۔ مَدراسس منشر چھُ رُکمنی دیوی اناندیل سُندِس کلاکھیترس منشر یہ کسب نوٚ سرٕ زندٕ لوان کرنہٕ

زیادہ پہن جنوٗبی ہندوستانک کٔسب۔

**پھُلکاری۔** ع کامہٕ دیوٗس شوٗبان نامٕلی جامہٕ گلکاری، پھُلکاری چھا لی
پھوٗل کاری۔ اَکھ اَتھ کٔسب۔ یُس ساری ہے ہندوستانس منٛز اَزتہٕ چلان
چھُ۔ اَتھ منٛز چھےٚ کپرس ایمبرایڈری ہٕندِ ذریہ چھیٹہٕ ہندی خوٗبصوٗرتھ پوٗش
کھالنہٕ یوان۔ دونی چھُ پنجابس منٛز سیٹھاہ مقبول۔

**چھوکُلۍ:** ع نوٗرِ رٕخ ہاو، دوٗر اُلراو پری ترٛاو چھوکُلی یے لو

اَکھ تِرتھ زنان یُس مَست تہٕ نازنین چال آسہٕ ہے۔ خرامِ ناز تھاوَن
واجینہٕ نازل۔ گامَن منٛز چھِ اَزتہٕ یار باش تہٕ رنگین مزاج زنانہٕ زانٛی کار بایہ
چھوکُل ونان۔ اَتھ چھُنہٕ چھوکَل (زخمی) لفظس ستی کانٛہہ واتھ۔ یہ لفظ چھُ
اَسہٕ زبانِ منٛز رووُمت۔ مگر رٕسول میرنِس کلامس منٛز چھُ ژھرِتھ۔ اَتھ
لفظس شاید تتھ چھوکس ستی واتھ یُس پلوٗ چھلنہٕ وِزِ اُکس خاص زیروبمس
منٛز تھ دنہٕ یوان چھُ۔

**ہارٕنجہٕ:** ع نازنین بُمہٕ ہارٕنجہٕ تس (رسول میر)

ہارٕنڈ لفظک صیغہ جمع)۔ کمان۔ ورگہٕ چھُ بُمہٕ کمانہٕ ونان۔ شعری
محاورس منٛز چھُ معشوقہٕ ہٕنٛز بُمہٕ کمان مانٕنہٕ یوان۔ یوس اُچھر والن ہٕندِ تیر

لاینہٕ خاطرٕ استعمال چھ سپدان۔

**کامُک۔** ع کامکس جامہٕ پیرِتھ چھتی یے شیرِ لاگِتھ گُل اَنار
ویرِ تَلہٕ پٔنڈے نیرِ مُتی مُتی یے

لولہٕ دیوتا۔ کامہٕ دیو۔ زنگہٕ رٔتون۔ مَنمتھ۔ مَدن وار۔ مَدن۔ دیو مالایہ

مۄجُب چھُ اُمس چھوٚت رَنگت آسان نَے شکُرک (SUGAR CANE) تیر کمان

چھس اَتھس مَنزٕ آسان۔ یَتھ اَمارٕ کی اَلبأ وِتھ لوٚرُ و گٔمتھ چھ آسان۔ تہٕ یہ چھُ پوشہٕ

تیر لایان۔ تَسنٛدِ سوأری (MOUNT) طوطہٕ چھُ تعشوق تہٕ شَہوٚتُک نِشان۔ اَمِنٛدِ

کمانہٕ اَنٛدی چھےٚ مانٛچھ تُلرٕ گیس گیس ساز وایان۔ کامہٕ دیوس چھُ سوٚنتھ (بَسنت)

اَردلی آسان۔ تَسنٛدِ کوٚے رٔتی چھےٚ پوشہٕ تیر چلاوان۔ تَسنٛدِ سوأری چھُ رازہٕ

ہانٛز۔ تَس چھِ وۄزلہٕ رَنٛگچ اکھ علم اَتھس کنِتھ آسان یَتھ گاڈٕ ہِنٛزٕ شکل مَنٛزٕ بٔگ

آسان چھ۔

**یٔندرراز:** ع روٗ نہٕ گوڈٕ کے یامتھ بۄزُن ساز
ساز بوزنہٕ پانہٕ آو شاہ یٔندرراز

راجہ اِنٛدرَ۔ یُس راہول سنکرتاین ہٕندی کنی اکھ حقیقی رازہٕ اوس مگر

دٔنیہٕ بنوٚو کھ دیوتا۔ دیوتا اَہن ہٕند بادشاہ یُس سوٚرگ ...

پتہٕ یِیشندِسس دربارس مَنٛز وِگنہٕ (اپسرا یہٕ) نٔژان تہٕ گیوان چھےٚ ۔ دیان ہَر گاہے
زٔمینس پیٹھ کانٛہہ یِژ دِلہٕ تپسیا کَرٛنی چھہ ہیوان ۔ تَس چھُہ سِنگھاسَن اَلان ۔ تہٕ سُہ
چھُ تَس ٹالنہٕ خاطرٕ اَپسرایِن سوزان ۔ ییٚلہٕ وِشوامترن ترٛہے تپسیا کَرٛنی لاج ۔ تمۍ سوز
مینکا ناوٕچ وِگنی تَس تنبلاونہٕ خاطرٕ تہٕ حُکُم دِتُنس زِ تٔسُنٛد شُر زیوٚنہٕ پتےٚ ییٚنہٕ
واپس ۔ تَمہٕ اوٚن وِشوامترَس لوٚب تہٕ زالِس کوٚر ۔ سوہ ترٛاوِن مَنٛزرے تہٕ گَھر واپس ۔
یہ زاشُر روٚٹ وَنہٕ کیو پکھشیو رچھن تِل تہٕ اَمے نِسبتہٕ پیوس شکنتلا ناو ۔ یہ ہے
چھےٚ کالی داسہٕ سنٛزِ شوہرٕ آفاق ناٹکچ نایکہ ۔

**خطِ ریحان** ۔ ع چھےٚ شٲبان دیوانِ حُسنس خطِ ریحان اے صنم

فارسی نستعلیق رسمِ خطُک اَکھ خوبصورتھ ڈیزاین ۔ رَسول میرَنس وَقتس
اَندرَ فارسی رسمِ خطکی یِم آٹھ سٹایِل کٔشیرِ منٛز مروج اَسی ۔ تِمن منٛز اوس خطِ ریحان
تہٕ ۔ یہ چھُہ گُلٕ ریحانکی پٲٹھۍ وٕٹھۍ لیکھنہٕ یِوان ۔ (گلاب نامہ ۔ دیوان کرپارام)

زٲلی وٲنکہٕ ۔ زٲلی وٲنکن بال ییٚلہٕ لاگہٕ شمار ۔ یچھ لگنس گنٛزرنس لَچھ تےٚ ہمہٕ
مستس بیون بیون سَر کیچہ چالہٕ وٲنکہٕ گنٛڈتھ تمن منٛز باگ سُم گنٛڈِتھ پارٕ او
کرُن ۔ رسول میرنس وقتس منٛز آسہٕ زٲلی وٲنکہٕ انہری شٔینی لوت ولنہٕ یِوان، نتہٕ
مہرِ نین ۔ یِتھےٚ کوٚر نیتھمرِ گزراکھ ٲنتھ زنان بنہٕ ہے ۔ تَس اوس سورے مَس اُکھن

بُڈِس سَرِ پھ سٕندِس رِیَس مَنٛز لُٹھس مَنٛز گَنٛڈ نہٕ لِوان۔ یَتھ تہرس بیٹھ وانکہِ پَن

اوس آسان۔ وانکہِ چھِنہٕ تمہِ پٔنیٖ عَلاقَن مَنٛز رٲیج آسمٕژ ریٖتہٕ ناگ پُوزا آسمٕژ

چھِنہٕ تہٕ یِتھ کٔنی چھِنہٕ یہِ کٔشیٖرِ ہِنٛز ناگ اَصلُک اکھ نیب۔ وانکہِ ہُنٛد آکار چھ

سرپھس ہیوے ودہ تلان۔ (جی۔ٹی۔دینی۔ والٹر لارنس)

قصب۔ ع قدِ سرو قصب پوش روے چھے ماہِ مُنور (رُوسل میر)

رِوایتہٕ موٗجوٗب اوس یہِ زٔرہٕ کاشہِ سیتی آوسان۔ حافظ شیرازی سٕندِس

یتھ شعرس مَنٛز تہٕ چھُ اَمہِ کُے ذِکر ع

ہزار سروِ چمن را بخاک رانشاند

زمانہ تا قصبِ زرکش قباے تو بست

سپہٕ ٹھاہ تھود کِیُٚر۔ یتھ زٔری لاگتھ آسہٕ آسان۔

مجمر: ع بُلبُل چُھ دِلبَر مجمرے دِل (رُوسل میر)

اِسبَند سوز۔ یتھ مَنٛز مُشک زالنہٕ ییہٕ۔

در آتش عشق و مجمرِ غم میسوز دلا چو عودو می ساز (حافظ)

گمبَرے: ع

عَنبر تادتھ پان پارٲن چھس تہٕ ینبرزل بوٗ مبوٗر سلنے گمبرے بال مرٲلیو
— (رُوسل میر)

گمبیر۔ سنجیدٕ۔ اوٚبہر گوٚبہر تھاوَن وول

شیخ العالمنٕ ہِند چھُ اَتھی معنیس منٛز استعمال کوٚرمُت ع

گمبیرِ پٔرکٹ کران چھم گرٛاوٕ

عنبرِ پیرٕ ژھینٛن تہٕ باوٕکس

سٕری گوم گوٚر تہٕ دوٚکھلی ناو

موسیقی منٛز تہٕ چھُ اَتھ یی مفہوم ع

گرِ بال ڈرٛایس گمبرو تہٕ ٹوکھ ہالایتھم بوٚمبرو

ہارٛوت مارٛوت ۔ ع : از غمزۂ ہارٛوت وز رمزہ مارٛوت

بنگالی جادو سُبحان اللہ

چاہِ بابلس منٛز اَوٚد زٕ مَلکھ یِم لُکن جود تہٕ ہیچھناوان اُسی ۔

خفہٕ ۔ ع چھم خفہٕ لاگے پتہٕ لایے بٕروٚنٹھ نالس تھف

خفقان ۔ دِل ترٛٹھرُن ۔ دِل راوُن ۔ وٕلیچ ڈُبراے تیزر‌ٕ ۔ تلواس ۔

اَکھ نفسیاتی بیماری ۔ انگریزی MELONCHOLIA یا NEUROSIS

پرچِم چلیپا ۔ ع چھُے زٕنے تعریف پرچِم چلیپا

جسم کُج لام یا دامِ بلا

پھاسہِ کوٗٹیک جَنڈٕ۔ صَلیب یَتھ پیٹھ یوٗسوٗع مسیح کھالنہٕ آو۔ معشوقہٕ

ہِنزَن زُلفَن وَنان۔ ع گر چلیپاے سرِ زُلف زِہم بکشاید۔ (حافظ)

مُشکِ خَطائی۔ ع چھُے خالِ سیاہ، نالِ زُلف مُشکِ خطائی (رسوٗل میر)

تمہٕ عُطرٕ ہِنز خوشبوے یُس ملکِ چینُس مَنز بناونہٕ آسہِ آمژ۔ خطا

علاقچ رٕوٗسی گٹ (CATTY) چھہ مشہور، دپان تسِنٛدے نافک مُشک چھُ اَتھ

منز آسان۔

رِشلہٕ مالٕنی۔ پاک یاز زَنانہٕ۔ دِلہٕ صاف زنانہٕ۔ وِہار تھاوَن واجینی نارِل۔

بِندرابَن۔ ع گیا دِن سیرِ بندرابن کو میرا قند گویا (رسوٗل میر)

ستھرایہٕ نزدیکھ جمنا بُٹھس پیٹھ سہٕ جنگل یَتھ مَنز کرشن کانہٕ گِنٛدان تہٕ نے

لایان اوس۔

شانٛکَل۔ دِل چھہ شانٛکل وولہٕ موکلاو (رسوٗل میر)

تنگ کَرن وول، ہِشَل، تَرزَن وول۔ خبر کاشرِ ہا کھل لَفظُک

اصل ما چھُ یوہے۔

برگ ونوا۔ ع چھُے برگ ونوا عاشقن بے برگِ نوائی (رسوٗل میر)

برگ گَے سوٗ پتھر یمہٕ سیتی سوہ رِنے یہٕ آواز نیران۔ نوا گو راگ، مقام۔ صدا

**شیخ صنعان** ۔ ...... شیخ صنعان ہِنز رے پتھ (رُوسُل میر) سُہ اوس اَکِس آتش پرست نازنینہ عاشق گومُت۔ شیخ اوس فریدالدّین عطّارس مُرشد۔ ع

گر مرید راہِ عشقی، فکرِ رسوائی مکن شیخ صنعاں خرقۂ رہنِ خانۂ خمّار داشت

(حافظ)

دپان اَکِس غیر مُسلِم زنانہِ پتھ دِل ہارتھ اوس سُہ بَلے خَر کرِتھ کران۔

**سنجاب** ۔ ع وُالی کَن ناکِ کِمخاب زالِمس طاقیں چھے زَری

وَتھرِن چھے سنجاب بے تاب کور تھس سوندری

اکھ قیمتی کپُر۔ کِمخابہٕ کھوتہ تہٕ تھوٚد۔ سیٹھاہ نرم تہٕ آرام دہ چھہ آسان

حاقطن چھُ یہ لفظ ورتوومُت ع : خفتہ بر سنجاب شاہی نازنینے را چہ غم

**اوٚر** ۔ ع اوٚرِ منٛزِ بہٕ کرے گوٗر گوٗرِ (رُوسُل میر)

کھوٗن۔ آغوش۔ مؤسیقی منٛز تہٕ چھُ لوان۔ مگر وونی چھُ استعمالہٕ نِشہِ نیبر گومُت۔

**نارنج** ۔ ع : نارون قدسینہٕ چوٗن بُستان بُمبہٕ ہار نجرِ پستان

اَنبہٕ۔ یُس نرم آسِہ باوجوٗد اَندرٕ سخت آسہِ۔ استعارہٕ تاٹھی چھُ معشوق

پسندۍ پستانو خاطرٕ ورتاونہٕ یِوان ۔

زُنگی ۔ ع خال چھے مَنٛزٕ ہار زنجہ کُمَن رُمہٕ رُمہٕ چھے رُمہٕ رُمَن

زُنگیاہ ہیتھ ڈراو تیٖر کمان مارِ کمَن کمَن دِلو

حَبشی ۔ کرٛوٗہُن ۔ یُہ رِکی اُسی تمَن مُسلمانَن تہٕ وَنان یِمَو افریقہ تُرِتھ سپین زِٕوُن

تہٕ اتہٕ گرِکھ ہتہٕ بدنہٕ وُری یَن حوٗکو مَتھ ۔ فارسیَس مَنٛز چھہٕ ہندوستانَن تہٕ وَنان

کرٛہنی زرم آسنہٕ کِنۍ ۔

زنخ ۔ زنخدان ۔ ہوٗگنۍ ع :

چشمۂ آبِ حیات است دہانت اما زیرِ لب چاہِ زنخدانِ تو بے چیزے نیست

سیبِ زنخ ۔ سیبِ زنخ ۔ ع : نارنجِ سیم آب حُسنکہِ کوثرک نتہٕ حباب

ہوٗنگنہٕ ہُنٛد رٔوب ۔ اَسنہٕ ستی یُس خوشِس یُون رو DIMPLE یوزنہٕ یِوان

یُہ اَتھ چھُہ موکھ ژانٛٹھی رٔوبکی باٹھی آسان ۔ ع :

ببیں کہ سیبِ زنخدانِ او چہ میگوید ۔

ہزار یوسفِ مصری فتادہ در چاہ است

چاہِ غبغب ۔ ہوٗنگنہِ ہُنٛدس رٔوبی سے وَنان ۔ ع :

صد ہزار گردنِ جاں زیرِ چاہِ غبغب است (حافظ)

طاقیں۔ ع: چھے زٔری طاقیں نتہٕ درشب پری (رٕوسُل میر)

(ٹاکاٹٔی) پوٹ یا زٔری چھاوِتھ زنانہٕ ٹوٗپۍ۔ تتہِ ہ زتجہِ وٗری برٕوٗنہہ آسہ

مہرییہِ تہٕ انھریشہِ ورتاوان۔ اتھ اٗسی سونہٕ یا روپہٕ سٕند تعویزہٕ گنڈتھ لوان۔ دور

گامن منشر چھہٕ ازتہٕ وٗسی قسمچ ٹاکاٹٔی کورِ استعمال کران۔ یہٕ اٗس منشر ایشیا پیٹھ آمٕژ۔

سامری۔ ع: ڈلشتھ دو چشم آہو وچھان لگاہ جادو
نیوٗ سامرن ارمانہٕ جانانے وندِیوٗ سر

شہ جوٗدٕ گار یٕیمی سونک تہٕ روپک ہکھر بنوو تہٕ بنی اِسرائیل تس

پوٗزا کرناوٗن۔

سروِ سہی۔ سروِ سہی صنوبر ظالم عجب ستمگر (رٕوسُل میر)

شہ سروکُل یتھ موٗلہ پیٹھ زٕ شاخ نیرن یم بلکُل سیود تہٕ ہم آہنگ آسن

ع: راہِ ما غمزۂ آں ترک ابروزر رخت ما آں ہندوئے سروِ سہی بالا برد (حافظ)

ژٔندرٕ ربدن۔ ع: ژٔندرٕ ربدن چھس ینِدرٕ دِبن پزاران مے واتیم یار

کوٗ لوگتھم اغیارٕ ژٕ سنے معیارٕ متیوٗ وے

اَکھ ہندوستانؠ داستانٕچ نایکہ۔ یوسہٕ اُردو پاٹھی گوڑٕ دکنکؠ مقیمی شاعرن لیچھ۔ شہرٕ سُندر پٹھنچ شہزادٕ چھےٚ مُلس پیٹھ گژھان ییٚتہٕ اکھ مُسلمان سوداگر ہیٚیارٕ تس عاشق گژھان چھُ۔ سو چھیٚنہٕ تَس زٕ کتھہٕ تہٕ مانان تہٕ چھیکرس چھُ سہٕ پان ملان۔ ییٚلہٕ تسُندٕ جنازٕ ژٕنڈرٕ بدرٕ ہندِس دَروازس تَل ووت اتہٕ پیٹھ چھیٚنہٕ سُہ برونٹھے پکان۔ ژٕنڈرٕ بدرہٕ سیٚتھے بوزٕ تمہٕ شوژٕ روو پان تہٕ وۄلٕن صاف کپرٕ جنازٕ ییٚلہٕ قبرستان ووت تَتہٕ ڈرایہٕ تولوتہٕ منزٕ تمَن دۄشوٕنی ہُنزٕ لاشہٕ تہٕ تِم آیہٕ یکہٕ وٹہٕ وُڈٕراونہٕ۔

کاشرِس منزٕ چھےٚ یہٕ مثنوی حقانؠ تہٕ عبدالاحد آزادن نظمأوِمژٕ۔ مگر آزادٕنی مثنوی چھیٚنہٕ چھاپُس کھژمژٕ۔ کاشرٕ شاعر چھُ "مہیارس" عوٚمومَن "معیار" لیکھان۔ مگر "مہیار" تہٕ "ژٕنڈرٕ بدرس" یوسہٕ معنوی مُناسبت چھےٚ۔ تمہٕ کِنؠ چھُ "مہیارے" ٹھیک باسان۔

کَنہٕ پھوٚل۔ ع زُلفن تَل چھِی کَنہٕ پھٕلی ژھلے (ارژُس میر)

کنگُن اکھ زیوَر۔ یُس اوٚک لورے آسان چھُ۔ از چھُ اَمِنِک نعم البدل ٹاپس (TOPS)۔

نارٕون۔ ع۔ کنگہٕ زالان چھُم عشقہٕ نار رنگِ رُخسار، گُلِ انار

زُلفِ زنار، قَد ناروَن تے وَ نتے لو

دان تھُر - مجاز اُسوم قَد

موٗہنی کان - ع : مَسا چھُو مَسا لاے ہَسا اُسہِ موٗہنی کان (روٗسُل میر)

موٗہ بمعنی ہاؤس - لول، لولہٕ تیر - محبتٕکی کان -

سأٗلی - کنَن وأٗلی زأٗلی وانکَن تل وُڈِنی سأٗلی چھأٗلی چھے نکمَل (روٗسُل میر)

وہ ڈِنی - زأوِج پوٗز

چھأٗلی - اکِ قسمٕچ مَلمٕکی چِنی - یہ سہٕ جالہِ ہِندی پأٹھی زِدی دار آسان آس - یہ لفظ

نہٕ چھُ وہ ڈ اُکی پأٹھی متروٗک سُپدمُت -

روہنہٕ گوڈ - ع : روہنہِ گوڈکے یامتھ بوٗزن ساز (روٗسُل میر)

یہ چھُ اَز کَل زیادٕ بہَن نَژن والین ہِندِ "گھنگھرو" خاطرٕ وَرتاونہٕ یِوان -

مگر باسان چھُ زِ یہِ اوس کأشرِ پأٹھی "پایَل" یا "پازیب" کِس معنیس منز چلان

یتیمہٕ خاطرٕ نہٕ اَسہِ کانہہ الگ لفظ چھُ - روٗسُل میرن تہٕ چھُ اَتھی مفہوٗمس منز استعمال

کوٗرمُت - دینا ناتھ نادِم تہٕ چھُ اتھی معنیس منز ورتاوان - ع :

روہنہٕ گوڈ منے وہ لنہٕ آے متیو جاے کیتو چھے

سُہراب - ع : جگر تُرو ٹھتم جو سہراب جاوِ مے جام جمے (روٗسُل میر)

فِردوسی سٕندِ شاہنامُک کِردار۔ رُستم پہلوانُن جگر گوشہٕ۔ یُس
باپتھری مَنٛز تِ سٔنٛزرے کرِتھ تِمہٕ سٟتی مار گژھان چھُ۔

رُستم۔ مشہور پہلوان۔ شاہ نامہ فِردوسیُک ہیرو ع؛

منم کردہ ام رُستمِ داستان وگرنہ یلے بود درسیستان (فردوسی)

رام۔ ع سیتا یہِ گتھ کٔری لولہٕ نارس بالہٕ یارس پتھ
کَم گیپت ژٕنی ژٕنی رام کوٗرُن رام لِگارو

رامایَنُک ہیرو۔ وِشنوٗ سٕنٛد اوتارُس اجودھیاکِس بادشاہ سٕنٛد
زیٹھ نیچُو یُس ژوداہن وری یَن سوٗزکھ وَنواس۔

سیتا۔ رامنٛز آشێنی یوٚس لنکایہِ ہنٛدی راونَن بَرم دِتھ نیہ۔ رامَن
ژَرنس سٟتی جنگ۔ تَس پیو یہِ ثابتھ کرنہٕ خاطرٕ زِ راونَن ژھێٹھرآو نہٕ سوٗ "اگنی پریکشا"
دِنٕی یعنی نارٕ مَنٛزی پکُن۔

جمشید۔ ع؛ خورشید تےٚ جمشید ہیتھ چھی جام لِگارو

ایرانُک شہنشاہ۔ یُس جامِ جم اوس یتھ منٛز ساری دُنیاہُک حال
باسان اوس۔ تٔمی اوس خودائی ہٕنٛد دعوی دِتہٕ کوٗرمُت تہٕ پتہٕ گو ضحاک سٕنٛدِ
اتھو قتل۔ شاہنامُک کِردار۔

بہرام - بہرام گور - شاہ نامُک کردار - ایرانی شہنشاہ -

سُتی - شکر خنڈ گوہ لابن کوٗرِ سِنز خار

زِنٛدٕ دَر نار مسوَل ژایہ سُتی یے (روٗسل میر)

روٗسل میرن چھ پننِس کلامَس منٛز سُتی ہُنٛد استعارِ سیٹھاہ فنکارانہٕ اندازَس منٛز ورتو مُت تہٕ شاید چھُنہٕ امہٕ آیہٕ بییہٕ کانٛسہٕ شاعرن امیُک ذِکر کوٗرمُت۔ باسان چھُ روٗسل میرنِس ذیہنس منٛز اوس تَمہٕ ہنگامُک پوٚت آلو گُنبد کران۔ یُس اَتھ رسمَس سُتی وانٛتھ چھُ۔ سُتی ہُنٛد رسم چھُ شاسترو مُطابق جایز تہٕ یہ چھُ پوٚت کالہٕ پیٹھہٕ کٲشیرِ منٛز چلان اوسمُت۔ سُلطان سِکندرن (۱۳۸۹-۱۴۱۳ء) لاجھ اَتھ گوڈنِکہٕ لٹہٕ پابنٛدی۔ مگر بڈ شاہن کرنہٕ باپتھ تہٕ تسنٛدی جانشینن بدشاہن یہ پابنٛدی۔ اورنگ زیبنِس وقتس منٛز آیہ یہ ناجایز قرار دِنہٕ۔ مگر کٲشیرِ منٛز روٗز ژوٗر ژوٗر جاری۔ روٗسل میرنِس وقتس منٛز تہٕ چھُ سُتی ہِنٛدی کینہہ واقعاتھ مولوم سپدان۔ کرپا رام، یُس کٲشرِ لوکہٕ بییہٕ شرہ نی رٕژھہ گوڈنیٚتھ اُس، ہنٛزِ گورزی ہُندِس زمانس (۱۸۲۶-۱۸۳۰ء) منٛز زول سرینگرِ کِس گوینٛد رام تکو سٕنٛزِ آشنہٕ ژینیتا یہ نارَس منٛز زِنٛدے پان۔ مہاراجہ رنجیت سِنگھ سِنٛدِس مرنَس پیٹھ آیہ لاہورس منٛز پانٛژدہ کاشرِ ژوہ نِز تسنٛزِ ژینتایہ پیٹھہٕ زِنٛدے کٔرنہٕ (تاریخ کشمیر از خلیل)

مرجانپوری) دُوگرہ وقتس مَنٛزٕ آیہ رٔوٗسل میٖرٕس دیدمانے اَتھ بنیہ پابنٛدی لاگنہٕ۔

شتی ہٕنٛد لفظی معنے گوٗ ہُزی یار۔ ہُزیابٕ ٹھی وفادار۔ اوٗشش پیٹھ فِدا۔

رٔوٗسل میٖرَن چھُ آرٕولہٕ ہُنٛد گولٲبی رَنگ بار بار نارٕکس معنیس مَنٛزٕ استعمال کوٗرمُت ع : آرٕوَل چھےٚ لَلہٕ ناوان نارٕ تٔچی یےٚ ئُتِیے

آرٕد۔ قنٛد۔ نابد۔ بتاسہٕ۔

موکشش پیٹھ میلہٕ چھیوٗر۔

پوشہٕ لَنٛجہٕ پیٹھ زٕن تمیور نتہٕ چھُ بوٗمبٕر وٕٗور تُلان۔

اَتھ شارس متلِق چھُ واریاہ رایہ۔ اَڈی چھِ موکشش تہٕ مقیشس ستی ہشر دوان یُس ہٕنٛد شکلہٕ مہرٕہن ہمقس اوس لاگنہٕ یوان۔ اَڈی چھِ دپان زِ موکش چھُ دراصل ہمہٕ شیرٕنک پارٕنک اکھ سِنگارہٕ اوزار۔ بہرحال اَتھ سِلسلس مَنٛزٕ چھےٚ نارسی اد زیچ اکھ رلوایتھ تہٕ نظرٕ تَل تھاونس لایق۔

دپان زوٗنہٕ یم کرٕہنی داغ چھِ دراصل تمہٕ میلہٕ مپیٖری یم دِین ازلہٕ کرٕ ساعتہٕ دُنیاہک تقدیر وزِ قلمس دِنی۔ دپان اَمہٕ ستی چھُ تاریکی ہٕنٛدی مسلہٕ حل سپدان تہٕ

نقیہہٕ کِنہ داریاہ مسلہٕ تہٕ چھُہ زٕنٛنہٕ سیٖتی واٹنہٕ آمتی۔ اَتھ سِلسِلس مَنٛز چھُہ خواجہ حافظ سُند یہِ شعر تہٕ قابلِ غور۔ ع :

روزِ اَزل از کلکِ تو یک قطرۂ سیاہی
بر روے مہ افتاد کہ شُد حلِ مشکلات

منصوٗر۔ ع : ییلہِ اِنا الحق پوٗرنے منصوٗرن
نٔنہٕ پاٹھی کھوٗت دارِس تہٕ لولو۔

حسین ابنِ منصوٗر۔ لقب حلّاج۔ یہٕ آو اَنا الحق وَننس پٔتھ بغدادس مَنٛز پھٔہہِ کھالنہٕ ۹۲۲ء مَنٛز۔ اَسنٛز تصنیف "کتاب الطواسین" چھےٚ صوٗفی اَدبُک اَکھ شاہ کار مانٛنہٕ یوان۔ منصوٗر سُند اونتی ورمن سِندِ وقتہٕ (۸۸۲-۸۵۳ء) کٔشیرِ ین چھُہ دہ ذِ ثابت۔ وُچھو لوٗئی مساگنن سٕنٛز کتاب THE PASSION OF HALLAJ۔

سام۔ ع : ہم پنجہ دستاں چھےٚ نہٕ رُستم و سام لِگاردو (روٗسُل میر)
سام پہلوان۔ شاہ نامُک کردار۔ رُستم پہلوانٕن بڈی بب۔

مانی۔ ع : چشمہٕ لشتہٕ چانہٕ مَس چھِتہٕ انیٚ کٔرتۍ کِ صوٗرتہٕ (میر)

اَکھ مشہوٗر نقاش تہٕ مُصَوِر۔ یہٕ اوس ایرانُک۔ کێنٛہہ لُکھ چھِ وَنان زِ یہٕ اوس اردشیر بٲبکنٛدِس زمانَس مَنٛز۔ تٔمۍسنٛز مشہوٗر کِتاب چھےٚ "ارژنگ"۔ اَمی اوس اَکھ مذہب شروٗع کوٗرمُت تہٕ پیغمبری ہُنٛد دعوای کرنَس پتہٕ آو قتل کرنہٕ۔ اَمسُنٛد کٲشِرِین تہٕ چھُ تارِیخَن مَنٛز پھِرنہٕ یوان۔

اَمی سُنٛد ناو چھُ بَییِس مشہوٗر ایرٲنی مُصَوِر بہزادَس سٍتی تہٕ یوان۔

مرزا غالبٕنٛدِس ییتھ شارَس مَنٛز چھِ اَمسُنٛدے ذِکرٕ۔ ع:

نقشِ نازِ بُتِ طنّاز بہ آغوشِ رقیب
پاے طاؤس پئے خامۂ مانی مانگے

وٕنجر۔ کمان۔ یمہٕ کمانہٕ خاطرٕ استعمال سپدان۔ ع:

نَستہٕ خنجر، یمہٕ وٕنجر، تیر مژگان اے صنم (اروٗسل میر)

سوٗرت بندر۔ اَزی کہٕ گجراتُک ساحلی شہر۔ ژُگ بگ زٕ ہتھ وری یمیہ شہر بننہٕ برونٛہہ اوس یہٕ بارٕ بندرگاہ تہٕ سمندری تجارتہٕ علاوٕ اوس حاجیین ہنٛدِ مکہ شریف گژھنُک گھاٹ تہٕ۔

شتہ دَہ ساماہٕ۔ ع: شتہ داہ سامانہ پیٚر تھ آیس

دَست چھان میون دَ اماشہ مَدہ نو (دِرَوشُل میر)

سولہ سنگار۔ زَنانہٕ پیرا وٕنکی شُراہ سازسامانہٕ۔ یِم شُراہ سامانہٕ چھ شاستَرن مَنٛزٕ ییٚمہ آیہ گنٛزرنہٕ آمتۍ۔

(۱) شُمہ ہٕنٛزٕ سیٛندرٕ (۲) مَس والَن مَنٛزٕ موختہٕ ژوٚنٛبتھ (۳) ڈیکَس بنٛدرٕ ٹیوٗک۔ (۴) اَچھَن کَزٕل لاگُن۔ (۵) دندَن مُسی کرنی (۶) وُٹھَن دَنٛداسہ کَرُن (۷) روٗہ خسارَن پیٹھ لَکھچھُن سَجاوُن۔ (۸) وچھس سینہٕ بنٛد لاگتھ سُہ ووگناوُن۔ (۹) کنَن زٕژہٕ دوٗر (۱۰) ہٕٹہِ حلقہٕ بنٛد لاگُن۔ (۱۱) عُطرٕ ستۍ تن ناوٕنی تہٕ وچھَن ژنٛدَن مایہ لاگُن (۱۲) زُلفَن پوٚشہِ گونٛد گنٛڈُن۔ (۱۳) کھوٚرَن روٗہ نہٕ گوڈ لاگنی۔ (۱۴) اَتھَن تہٕ کھوٚرَن مانٛزلاگنی۔ (۱۵) ہٕٹَر پَن بُنٛگرِ تراونہٕ (۱۶) کمبَرَس روٗہ نہٕ ساز گنٛڈُن۔ اَمہ علاوہٕ چھِ زیوٗر الگ۔

بنٛدرٕ۔ اَکہِ قسمٕچ نَیہٕ نَیہٕ کَرَن واجیٚنی کاغذی زٕتنی۔ یہٕ چھےٚ اَبرقہٕ ستۍ بنان۔ یہٕ آسہِ ہٕنٛزٕ یانہٕ ڈیکہِ کِس ٹیکِس (قشقَس) پیٹھ لاگان۔ یُتھ سُہ زوتہِ۔ اَتھ چھےٚ گاشہِ ستۍ زٕژہِ ہِشہِ ووہ تھان۔ ٹیوٗک اوس سیٛنٛدرہِ ہٕنٛد کَرنہٕ یوان تہٕ اَتھ آسہ اَبرق چوپہٕ

تہٕ رلاوان ییٚتھ یہِ چمکہٕ ترا وٕ ہے ۔ عہ :

سیٚندرِ ڈیکہٕ حوٗن زندرٕ گہنس تازٕ تھاوان بنٛدے (رُوسُل میر)

تاشہٕ وان ۔ عہ ناد چھےٚ بٲلی موختے مٲلی مشہوٗر در تاشوانہٕ

کھچک جانٕ جانٕنےٚ

دراصل تاشہٕ وَن ۔ کشمیری خاندان کہٕ زوالہٕ پتہٕ نیوٗ حکمران تُرکوٚ پٕنٕ رازدان گوڈٕ گوڈٕ باغِ حسن شاہ چک (اُزبیک نقشبند صٲبنٕ)، تہٕ پتہٕ باغِ یوٗسف شاہ رُعبہٕ کُدلس شہلس کُن زینہٕ کُدلس تہٕ اَتھ منٛز باگ اوس تِمَن دوٗہَن ’’تاش وان‘‘ اَکھ گوٚن جنگل ییٚتہٕ منٛد نیٖن ٹھگ تہٕ رہزَن ژھیپتھ دِوان آسی ۔ موغلَن ہنٛدِ قبضہٕ پتہٕ کوٚر تِمو یہِ وَن صاف تہٕ بنٲوٕہَس چھاوٕنی ۔ اَتھ سیتی بنیوٗو اُردوٗ (لشکری) بازر ۔ ییٚتہٕ تہنٛد فوج اوس آسان ۔ یتھی بازر چھہٕ ہندوستان پاکستان کیٚن بڑین شہرَن منٛز اُردوٗ بازر نٲوی موغلَن ہنٛدی یادگار ۔ ییٚتہٕ فوج آسہٕ تتین چھہ دُنیاہُک ’’گوڈنیک پیشہٕ شروع گژھان تاش وَنس منٛز تہٕ گوٚیہٕ جٲری ۔ یہِ رُود افغان، سِکھ تہٕ ڈوگرہٕ وقتَس منٛز تہٕ چلان اَتہٕ آسہٕ خوٗبصوٗرتھ نازنہٕ عاشقَن رٕنزٕناوان ۔ یہِ اوس صوٗفیانہٕ موسیقی تہٕ حافظ نغمن ہُنٛد مرکز ۔ ژھمبر پرِلہٕ وٕنےٚ اوس اَتہٕ رِدہ نہٕ گوڈَن ہُنٛد ساز شوٗر وٗع گژھان ۔ اَتہٕ چہٕ نازنین لسکین دَر آسہٕ خوٗش تمیزی تہٕ دربارداری ہنٛدس نفسہ منٛز طاق

آسان تہٕ اور ٲسی داریاہ رٔیٖس، شاعر تہٕ یار باش تِتھٕی کُنی لطف تہٕ سۄر وٗر حاصل کرنہٕ گژھان۔ ییٚتھ کُنی از کل کیٚن کلبن (CLUB) مَنٛز گژھان چھِ۔ رۄسل میٖر تہٕ ادر ییٚمہٕ گژھنُک ذِکرِ تہٕ چھُ لیوان۔ سرکار اوس اَتہٕ چیٚن گاہن باقاعدٕ ٹیکس ہیوان تہٕ تَوٲژ یِمَس مَنٛز چھُ لیوان زِ تِمو کُر کیٚشر لیٚٹہٕ مہاراجس عرضی زِ تِمَن گژھِ ٹیکس نَرم کرنہٕ یِن۔

پَتہٕ ییٚلہٕ ڈٔگرہ مہاراجو پَنٕنؠ پیلس شیر گڈِ بنود گاؤ کدل تہٕ مایسُم کُن ہیوٚتن پَرچھٕی لگنٕ۔ یِم ٲسی موغَل وَقتَن مَنٛز تعمیر بَن غار آباد۔ مگر موغلن ہُنٛد ذوق اوس نوٚین مہاراجن ہُنٛدِ کھوتہٕ بلکل بدٔلن۔ اَمہِ تبدیلی ہُنٛد اَثر سپُد نوٚین بازارِ حُسنَن پیٚٹھ۔ یِم ٲسی کوالٹی تہٕ معیارِ حِسابہٕ تاشوانہٕ نِشہِ سیٚٹھاہ دِستھ۔ تہٕ اَتہٕ اوس صرف جسمُک کاروبار (FLESH TRADE) سپدان۔

ییٚمہٕ صدی ہُنٛدِس ژٕورِمِس دٔہلِس مَنٛز تہٕ شُبحان ناوِد ناؤدی اَکی شخصَن اَتھ بَد تمیزی خلاف زبردست آواز تہٕ اَتھ آیہٕ پابندی لاگنہٕ۔ اَمہِ پَتہٕ گَیہٕ یہٕ بَد رَو سماجہٕ کِہ ظٲہری سیٚتھٕر پیٚٹھہٕ غاٸب تہٕ سپُد شہرُکِس (UNDER WORLD) مَنٛز روپوش۔

سیلی۔ عٔد؛ ژٕ یییٚ پَتھ پٲرٕ یے سیلی تہٕ جنٛدو

ودہٕ پھیر ییٚشرَن ییٚنہٕ داؤنؠ ہُنٛد اَکھ ژھوٹ، گوٚن تہٕ گوب جامہ ہیوٚ۔ ییٚس گوٚسانی

سأدِ مکر تہٕ اکھتھ شیعہٕ سوزخان تہٕ نالٕی تراوان اُسی۔ یہٕ اوس نقیری ہیوٚن نشان آسان۔ اردُو ہمہٕ صدی ہنٛدۍ اُردُو شاعر میر حسن دہلوین تہٕ چھُہ پننہٕ مثنوی "سحرالبیان" نس منٛز وَرتوومُت۔ ع:

پہن سیلی اور گیروا اوڑھ کھیس

چلی بن کے صحرا کو جوگن کے بھیس

تہٕ معنہٕ چھُس حاشیَس منٛز ییتھ کٔنی دِتھ کھنٛاوِتھ۔

"سیلی وہ بالوں یا سیاہ ریشم کا تاگا جو گلے میں باندھتے ہیں۔ ہندو نقیر ایسا کرتے ہیں اور بعض وقت صرف زینت کے لئے کلائی پر باندھتے ہیں یا گلے میں ڈالتے ہیں۔

باوُٹ ۔ ع: ہُریکھ باوُٹ، کنگ دوٗر، دِلک محرم، شُلکُھ ژور باوُٹ۔ نرہٕ لاگنک اکھ موٹ کوٗر۔ یہٕ اوس کھجرہٕ تہٕ واریاہ آسان۔ عام طور اوس روپہٕ سُند آسان۔ مگر اَز کل چھ امیر گرن ہنٛزہ کٔنۍ سوٗنہٕ سُند تہٕ لاگان۔

لولی ۔ ع: زینتِ عالم۔ ڈُلین دِوان برٛم

لولین چھُہ کمیدانہٕ چھکھ جانِ جاناہٕ

لولی۔ خوبصورت۔ شوخ تہٕ پھولہٕ وٕنِن کاشرِن کورِن ہُنٛز اکھ ذاتھ۔
یم آسہٕ گیوَن تہٕ نٔژَن واجنہٕ تہٕ طے آسان۔ باسان چھُ زِ کشیرِ ہِنٛدِن آدٕ کالہٕ
کہِن روزَن والہِن (آدی واسی) ناگن ہنٛدٕ پیٹھے اوس یہِ طبقہٕ کشیرِ مَنٛز۔ توَے
چھِ آسی ازتہٕ گیوَن واجنہٕ یا نٔژَن واجنہٕ کورٕ 'ناگہٕ کوٗر' تہٕ وَنان۔ لولی آسہٕ پننہٕ ڈیرٕ
یا طائفہٕ ہیتھ تمہٕ وقتہٕ کہِ دُنیاہ کِس وسیع علاقس مَنٛز پھیران تہٕ پننہٕ فنک داد
وصول کران۔ حافظ شیرازی چھُ واریاہ پھِرٕ وَرتاوِمُت۔ مثلاً ع:
فغاں کیں لولیان شوخ وشیریں کاروشہر آشوب
چناں بُردند صبر از دل کہ ترکاں خوانِ اغیارا
ممتاز پاکستانی تہذیب شناس سید عابد علی چھِ لیکھان۔
"ایران تہٕ کشیرِ آسی پانہٕ وٲنی پرانہ زمانہٕ پیٹھہٕ پانہٕ وٲنی تعلق۔ کاشرِن
فنکارَن ہِنٛد اکھ قافلہٕ اوس بُخارا تہٕ سمرقند اندی ٹکی بسے مِتی۔ یمن اُسی
لولی وَنان۔"
(ماہنامہ 'کتاب' لاہور۔ کشمیر نمبر)
آفتابس تہٕ چھِ فارسی باگٹھی "لولی فلک" وَنان۔ یعنی شیشنہٕ رقاصہ۔
لولی اُس ہندوستان کِن تہٕ گژھان تہٕ پرٛون سنسکرت تہٕ اُردو ادب تہٕ چھُ
یمَن ہُنٛد حوالہٕ دِوان۔ مثلے میر حسن دہلوی سنٛزِ 'سحر البیان' مثنوی

ہُند یہِ مِصرع ۔ ع : کہیں بھانڈ اور لولیوں کا سماں
کہیں ناچ کشمیریوں کا وہاں ۔

حاشیَس مَنٛز چھُ عبدالباری آسی لولی لفظُک تشریح کران لیکھان
"لولی ۔ طوائف ۔ کشمیریوں کا ایک ناچنے والا فرقہ ۔"

یہِ لفظ ما آسہ کاشرِ زبانِ ہندِس بےمِثال لفظ 'لول' نِشہِ دُرامُت
لول چھِ رومان ۔ تعشوق، ہَوس LOVE تہِ PASSION سارنے ہندِن
معنین ہنٛز تیٖنہہ ہتھاوان ۔ بیاکھ کاشُر لفظ تہِ اَمہِ چی بدٕل شکلہِ باسان[۳] ۔
لولِر ۔ تہِ یہِ اوس اَکھ کاشُر ناو تہِ ۔

بنگال ۔ ع : وَتھرِے سپنہٕ کِس بنگالس ۔

پرانین کاشرِن مندوَرن، یِم امیر لوکھ بناوَن آس ۔ اوس تریَمِس[۳]
ژوٗرمِس پوٗرِس ہیوٗرکُن اَکھ لوکُٹ مگر دِہ گُن پور بناونہٕ یِوان ۔ یتھ اَز کل چھِ زبانی
مَنٛز ناوَر وَنَو ۔ یہِ اوس اَصلی دوٗر نظر تراونہٕ خاطرہ تہِ خوش ہوا چھاونہٕ خاطرہ
بناونہٕ یِوان تہِ اوس تہِ پھِرِکھ تراوِتھ ڈاف تراونہٕ تہِ دِہ شِل یا وِشرام کرنہٕ
خاطرِ اِستعمال کرنہٕ یِوان ۔ اَتھ اوس رُت رُت تہِ نرم نرم وتھراونہٕ یِوان ۔ وُنہِ چھِ

پرانہِ شہرہ تہٕ گامن منز کینژن بٹہٕ مکانن بنگال موجوٗد۔

رسول میر چھُ جوان وچھن ہندہِ خاطرہ ورتاوان۔ یم وہ گنی، وشنی تہٕ نرم نرم آسان چھِ۔ کاشرہ شاعری منز چھُ شائد رسول میرنے یہ وہنی اولیود لفظ اتھ برجستہ اندازس منز گونڈمت۔

پتمے پیارہ۔ ع: بوزم گُل پھولن پتمے پیارہ

پاسِ آخر۔ گاش پھولنہٕ بروٗنہہ راتھ ہند پتم پہر۔ دیان امی وِزہ چھِ پوشں پھولنہٕ لگان تہٕ نوٗری مُشررنہٕ یوان۔ یہِ وقت چھُ بہرورت تہ شوٗر گنزرنہٕ یوان۔ کاشرہ کلاسیکی موسیقی منز چھُ یہِ 'نوروز صبا' مقام گیونک پہر آسان۔
میانہِ خیالِ چھُ "پتمی پہر" ترکیبہ گھِر گھِر لگنہٕ ستی 'ہ' وسی پیومت تہٕ 'پتمہِ پیارہ' ہنبر ڈلام صوٗرت بنے مژ۔

اوش۔ ع: ہوش کر، روشہ پچھ، اوش ما مارے۔

خاوند۔ خانہ دار۔ امیوک زنانہ اِصطلاح چھُ آشینی۔ اوشن چھُ نہٕ وہنی کاشرہ شاعرے منزے یوت اُکھتے دہ ہرش کتھ باتھِ منزتہِ وسی پیومت۔ یتھ مصرعس منز چھُ تمہ آیہ ورتاونہٕ آمت زن تہٕ خاندر گراکھ زنان

پنہٕنِس یارَس وَنان چھ زِ میانِس خانداره شُند تھاؤُ خیال۔ تَس ہے پتاہ لگہِ
بہٕ چھس ژٕیہٕ سیتی۔ سہٕ تلہِ محشر۔

ہٹہٕ ۔ع ؛ ہٹہٕ لوٗ گُر تھس کیتھہٕ سمبلہٕ

ہٹُن ۔ ہٹہٕ گژھُن ۔ ڈلُن ۔ ہوش ڈلُن ۔ شُس یا کمزور گژھُن ۔
گامَن مَنٛز چھُ وَنہِ مُتعمل ۔ ییلہِ کانٛسہٕ کمزوری یا شُس وُچھان چھ دَپان چھس
ژٕہ کیازِہ چھک ہٹیومُت ؟ اَتھ چھُنہٕ ہٹِس (حلق) سیتی کانٛہہ تعلق ۔ سمبلہِ گو
سنٛبھالہٕ ۔ ہوش یمہٕ ۔ ٹھیک گژھ ۔

گندُر ۔ ع ؛ سمسارٕی کم کم گنٛدر گاہٕ لی

خوبصوٗرت، یاوہ تہٕ جوان پچھ بُر ۔ گوٗنٛدر لفظ چھُ گاندھارا پیٹھہٕ درامُت
یہ علاقہٕ اوس اُزکِس پاکستان کِس شمال مغربَس مَنٛز دریاے سندھ تہٕ دریاے
کابلَس دَرمیان مانٛنہٕ یِوان ۔ کُشان بادشاہَن (گوڈنچہِ تہٕ دوئیم صدی عیسوی)
مَنٛز اوس امیوک وارِیاہ اَثر کشیرِ پیٹھ ۔ دَپان اَتِکی جوان آسی بٔڈہٕ شکیل تہٕ
تنومند آسان ۔

سنگ خارا ۔ ع ۔ حلب آئینہ آسی، دِل نگر چھُے سنگِ خارا ۔

خارا ۔ اَکھ دُر تہٕ پوٗختہٕ کَنہِ قسم ۔ یَیمہِ کھوتہٕ دُر بنِیہِ کانٛہہ کَنہِ ذاتھ چھُنہٕ
انگریزی پاٹھٕ چھِ اَتھ GRANITE وَنان ۔ یہِ چھےٚ جنوبی ہندوستانس مَنٛز عام ۔
کشیرِ مَنٛز چھِ عام طور SAND STONE تہٕ LIME STONE آسان
یِم خارا کَنہِ کھوتہٕ وارہ نرم تہٕ ڈٕہ بجہ آسان چھِ ۔

گوٗشہِ ۔ گوٗشن ۔ ع ،

رسوٗل زیباہ لاگِتھ توٗشن ۔ زاگِتھ در گوٗشن ۔

کاشرِ پاٹھٕ لٔبہٕ وُنہِ شایہِ یا نظارس (SIGHT) وَنان ۔ ودنی چھےٚ
شاعر اِستعمال کران مگر رسوٗل میرس علاوہ چھِ مہجوٗر تہٕ حبہ خوتنہِ تہٕ گونڈمت ۔ ع

گوٗشن مَنٛز ہا وتھراوٕے
دِلو میانہ پوشے مدہ نو ــــــ (حبہ خاتوٗن)

مَنٛز جنگلَن چھُ اَچھ پوٗشن،
گوٗشن بُستھ، نوان ہوش ــــــ (مہجوٗر)

غزل ۔ مذ ؛ غزل خوانہ ہا گوئندد ۔

عربی ماہنہ زنانَن سِتی گفتگو ۔ فارسی تہٕ اُردوٗ شاعری مَنٛز یہ ابوٗ

کھوتہ مانہ ساٗو تہٕ مقبول صِنف۔

میانہٕ اَندازہ کوٚر یہِ کلاسیکی صِنف ذاٗنِتھ تہٕ ماٗنِتھ رسول میرن کاٗشرِس مَنشر جاری۔ اَتھ مِصرعس مَنشر تہٕ چھُ یہِ اِعتماد وزان۔ ظاہرا چھ یہِ اَمہِ حِسابہٕ کاٗشرِس مَنشر اَمہِ لَفظُک گوڈنیُک ذِکر۔ یِیمہِ غزلُک یہِ مصرع چھُ سہ تہٕ دِل بندہ دِلازارہٕ دِلآرامہ لِگارو چھِ فارسی عروض تہٕ غزل گویی ہِندِس تابِس مَنشر آذنکو کاٗشرِ نمونہ۔

لُتیےٚ۔ ع : وائے پوٚت ژھاین بہ کرہ ہےٚ تالہِ مُتیےٚ۔ لِتیےٚ۔

لُتیےٚ۔ دیومالایہِ ہِندِس کام دیوسُنز آشِنی۔

رُتی۔ یِس لُتی تہٕ ونان چھِ۔ کاٗشرِس مَنشر 'ر' لفظس 'ل' گژھان۔ مثلاً ہندی رال۔ کاٗشُر لال۔ ہِندی گجر۔ کاٗشُر۔ غزل۔ اُصُبح وایِنُک ٹھَنی)۔

رِچلہٕ۔ نکی تیر۔ کان۔ ع : ہاٗرِ نجہ بُمَن لُدِتھم چلہ۔

رِچلہ گےٚ نِچہ مگر تنبتی کرِتھ تیرِ یا کان۔ ہاٗرِنجہ گےٚ کمان۔ رِچل چھُ اَمیُک بُوڈ روپ۔ خیمس اندی اندی تہٕ چار واین گنڈنہٕ خاطرہ چھ چل ٹھاسنہ یوان۔ مگر 'چلہ' لَفظُک یُتھ ہیو وَرتاو چھ وونی سوٚر یومت۔

لوح و قلم - ع : ڈیکہ تے نَس اے صنم
چھِی شُبان لوح و قلم عاشق قسمت لیکھان

سو مُشق تہٕ سُہ قلم یَیمہٕ سیتی قُدرتن ازلہٕ پیٹھہٕ اَبد کی سارے اصول تہٕ قانون لیکھِت چھِ تھاوِمتی - تہٕ یِم نے ہورہ یور گژھِت ہیکن - نتہٕ بوزِی تو زاتھ پیٹھ چھُ تقدیر لیکھِت آسان - اَتھ شقہٕ چھِ لوحِ محفوظ تہٕ وَنان -

ظُلمات - ع : سو رمہ ظُلمات اُچھی آبِ حیات

یَیلہٕ سِکندر ذوالقرنین آبِ حیات یعنی لسَن وونی ژھارنہ دراو - تسَ پیو گوڈٕ اَکِہ کرٹہ کال جنگلہٕ مُنزی پکُن - یِتھ کھوڑہ وَنی گَٹہٕ نالی وَلِتھ آس - یِوتاہ زِ تسَ اوس پرِیتھ کانہہ پوُد ساری ساری تراوُن پیوان - یَیلہٕ تُمی واریاہ کریتھ ژالِتھ یہ سطے کوژ - ادے ووت سُہ آبِ حیات کِس ناگراَس پیٹھ -

نوروز تہٕ شبِ قدر - ع : نوروز رویٔے یَیلہٕ ہوُو تھ
شبِ قدرے موٗئے یَیلہٕ ترُوو تھ

نوروز - ایرانک قومی وری چھُ اَمہٕ دوہہ شروع گژھان تہٕ اَمی دوہہ پیٹھ چھُ موسمِ بہارس تہٕ دَس وتھان - فِردوسی چھُ "شاہ نامہٕ" مَنزٕ اَتھ متلِق لیکھان -

"اَکِہ دراو شاہِ جم دُنیاہ چھادنہٕ۔ییلہِ آذربائی جان نکھہٕ ووت۔اَمہِ دوہہ اوس نوروز۔ تمی دیُوت حُکم زِ میون سونہ سُند تخت لاگِہ ہوُن۔ سُہ بیوٚٹھ اَتھ تختس پیٹھہٕ تہٕ بُتھ کوٚرن مشرِقس کُن۔ ییلہِ آفتاب کھوٚت اُمبح گوٚڑہٕ زِرٕ پییہِ تختس پیٹھہٕ۔ یہ تہٕ اَتھ لاگتھ لال جواہر ہیتنہٕ نپہٕ نپہٕ کرٕنی۔ لُکھ گے خوش تہٕ اَتھ دوہس وٕونکھ نوروز۔ پہلوی زبانٕی منٛز چھُ "شید" زِٹرہ وَنان۔ اَمہِ دوہہ پیٹھہٕ آو جم ناوس سیتی یہ لاگنہٕ تہٕ سُہ سپُد جمشید۔"

شبِ قدر۔ ماہِ رمضان کِس پتِمس ہفتس منٛز یوان تہٕ مُسلمان چھِہ اتھ سیٹھاہ متبرک زانان۔ دپان اَمہِ دوہہ چھِ آسمانکی دارِ برٛونٹھی سپدان۔ تہٕ رَبِّ کریم چھُ اَمہِ دوہہ مُنگمتی دُعا قبوٗل تھاوان۔ رسول میرن چھُہ ییتِن معشوق سِندِ بِن زُلفن سیتی وٕڈمُت۔

ہاروٗت۔ ماروٗت۔ ع: از غمز ہاروٗت و زِ رمز ماروٗت

بنٛگالی جادو، سُبحان اللہ

ہاروت تہٕ ماروت چھِ زٕہ فرشتہ یِم چاہِ بابل منٛز بنٛد کرنہٕ آمتی چھِ۔ دپان یِمو اوس اَکِہ لٹہِ انسانن خنٛدہٕ کوٚرمُت زِ خالقِ کائناتن ہیے یِمن رنٛگہٕ

ژنگہٕ برکت کُر۔ تو تہٕ کیازِ چھ تِمنٛز حُکم عدولی کران۔ دپان یِمَن اوس گُمانہٕ زِ ہر گاہے فرشتہٕ آدم زادن ہنٛدِ بدلہٕ زمینہِ پیٹھ آسہن۔ تِم کرہَن نہٕ تیتھ ہیوٚ ہرگز۔ یِہنٛز یہِ مَنشا آیہ نہٕ پروردِگارس پسند۔ تہٕ یِمَن آو زمینہِ کُن چالان۔ کرنہٕ۔ کیونکہ کالا رودی یِم پٔتی شہر بابُل (عراقس) منٛز خداگاران تہٕ دُنیاہَس نِشہٕ دامن بچاوِتھ۔ اتھ شہرس منٛز آسہٕ زُہرہ تہٕ مشتری ناوٕچ زٕ خوبصورت گانہٕ تہٕ روزان۔ یِم جودوگری تہٕ زانان آسہ۔ یِمَو دوٚلوٚے جودوگارنیو ڈٔلی ژھلہٕ ژھلہٕ ہاروت تہٕ ماروت عُشقہٕ زالَس منٛز۔ اَمہِ پتہٕ مَنتہٕ پرٕ ژھینو۔ یِمَو دِیوت پوٚتلین سُجدہ تہٕ، قتل تہٕ گرکھ تہٕ شراب تہٕ چیوٚکھ۔ اَمہِ علاوہ بوٗدکھ یِمن نِشہ گانین نِشہٕ اسمِ اعظم تہٕ، اَختے ہیوٚ چھکھ پانہٕ تہٕ جود۔ زُہرا تہٕ مشتری ہیٚلہِ اسمِ اعظم اتھِ آو۔ تِمَو کوٚر سہ وِرد تہٕ سپجے یہِ نبس پیٹھ۔ ہاروت تہٕ ماروتس گوٚ یہٕ مُشتھ۔ دپان یِم روزن چاہِ بابلس منٛز قیامتس تام۔ ہر گاہے ووتھی کانٛہہ جود ہیچھن چھہ یِژھان۔ سہ چھہ چاہ بابلس نِشہ گژھان تہٕ ہیچھِت لوان



سنگِ مزار رسولؔ میر شاہ آبادی

نصب کردہ: کلچرل اکادمی